# کلیاتِ

# حبہ خوتون



جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز

منجم کا تحفہ، محمود علی کے ہاتھ
میں آگیا تھا
۲۷ جون ۱۹۹۳ء

# کُلیاتِ

# حبّہ خوتون

تصنیف، تالیف

امین کامل

جموں و کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

ناشِر: جموں وکشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز.

اَکیُم چھاپ : ۱۹۹۵ء

دۆیُم چھاپ : ۲۰۰۲ء

چھاپ خانہٕ : جے۔ کے آفسیٹ پریس۔ دہلی۔

پبلیکیشن انچارج : بشیر اختؔر

خطاط : محمد یوسف مسکینؔ

سرورَق ـــ

متےٚ ہاکٕرۍ ژٕینٮ۪ کتی پوشہٕ دَسوانۍ
چھاو میأنۍ دانۍ پوش

(عمل: بشارت احمد)

سَر نامہ

گوڈٕ ت



زان پَچھان

# ترتیب
## (کلاؔم)

۱۰۔ چاڑِ کرہٗ میثون مارِلیثو

۱۱۔ بَلہٖ یوٗ پَیٖنےٖ ماپٖینے

۱۲۔ وآرِدِ لگَے پآرٖی پآرٖی یے

۱۳۔ چھَنا مالیٖنِہ دیٖن گُذآرٖی

۱۴۔ دُنیا چُھ تاوَن بوز وَنہآرٖی

۱۵۔ ہَنہِ لو، ہَنہِ لو، ہَنہِ لو

۱۶۔ ییّنتہِ چھبےٖ ساآرٖی عاشق

۱۷۔ دوتھوٗ لالو نِنڈیٖ ے

۱۸۔ بو دِلہٖ وَنےَ یارٖ تےَ

۱۹۔ ہا دَلو لالو اُنی مےَ

۲۰۔ توَے ہو ژوٗرو . . . .

۲۱۔ وَں پڑاریوِ پوشہٖ تھَرے تَل

۲۲۔ پوٗش وآجکھَے پوشہِ مالَن کرِڑھ

۲۳۔ کرَیمَ بالِہ بالہٖ یار

۲۴۔ چھاو میثآنی دآنےَ پوٗش

۲۵۔ کاؤدی وِہیئونم اُرنۃِ تھِہے

۲۶۔ کَر ژنگم، کَر واہتم

۲۷۔ مَس ئہ لَدسَے پیالہِ صُراحے

۲۸۔ وَیسی یے لولَن گیّہ ئے مؤرے

۲۹۔ ژہے کھو گئیُ میثائی دِ ہے

۳۰۔ تَس تِہ کَنَن گونا وَیسی

۳۱۔ بال چھَس کَران کوسمَن کڑاو

۳۲۔ ووِلہِ وَنے لاہنز نیلے

۳۳۔ گیَس گیَس موکَرہ ہایِشدرہ

۳۴۔ دَستَے کرائیو بَبرے

۳۵۔ لالو کلہِ آلہِ وَے

۳۶۔ ناد لائیَس پھیرِنا یلے

۳۷۔ مَدنو لَدیو دأن پوش تہِ ہی

۳۸۔ نیرنیرِ سُہ ڈُے یار ژھارون

۳۹۔ لالو ہِتو لگے پاڑی

۴۰۔ تی کَس نِشہٕ ہِکہٕ یاوِتھ بو

۴۱۔ بال نو دوٗنی بَلیوٚ زانٛہہ

۴۲۔ بال مَرے تہٕ کَل چھَم چاٗنی

۴۳۔ میثون ہیٚو بُنِتھ بٔیِیہ کَس آو

۴۴۔ یِیٚمی ئہ دوٗہَے گاٗجنَس

۴۵۔ لالو یِتہ آمو

۴۶۔ چاٗنی فِراق چھِم گرِ گرے

۴۷۔ مدن کورکُن یِیے گوَ

۴۸۔ مَنٛز سَرایے لوٗسُم دوٗہ

۴۹۔ دوٗہ دَرِ یامَت لوٗسِتھ گوم

۵۰۔ ژٕیِیے کھیٚتھو واتہٕ یوٚ میانہٕ مَرنے

۵۱۔ وَلو کرَیوٚ اوٗرِ مَنٛزُ لے

۵۲۔ لسہٕ کمہٕ ہاوسَے

۵۳۔ کَس وَنہٕ دوٗر مالِتُھ چھُپے

۵۴۔ روزی نَے یاوُن بوزِ باٗلی وولَے

# سَرنامہ
## (اَکیُم چھاپ)

حَبہٕ خوتونہِ ہندِین باتَن ہنٛز یہِ سوٚمبرٕن (یتھ اُسی کُلیات ہیکَو وَنِتھ) چھپنے منٛز پنٛنی کِنی بڑٕ مینَتہٕ سان تیار کرمٕژ۔ امیُک احساس ہیکَن پرٕن والی بخوٗبی کٔرِتھ۔ یِمَن یِمَن (صحی یا غلط) پاٹھ پھیرَن تام منٛز نظر وٲژ، تِم سارِی آیہٕ حوالوٕ سان حاشیَن اَندر پیش کرنہٕ۔ بلکہِ تہٕ ہیکَن پاٹھ پھیر اَستھ، تِمَن ہنٛز نشان دِہی ہرگاہ منٛز تام واتہٕ، دوٚیمِس ایڈیشنَس اَندر رَچھِدَن ضرور شامِل یا ہرگاہ کانٛہہ نوٚو باتھ کانٛسہِ پیٚے آسہِ، سُہ تہٕ یِیہٕ تِمی سُنٛد حوالہٕ دِتھ درتاونہٕ۔

آزادَن چھُ حَبہٕ خوتونہِ ہنٛدِین باتَن مُتلق وٕنمُت:

"حَبہٕ خوتونہِ ہنٛدی یِم باتھ آسی موزوٗن جُملہٕ۔ یِمَن اُس نہٕ سوٚ وُسعتھ زِ یِم ہیکہٕہَن کانٛہہ علاحِدٕ سوٚمبرٕن بنِتھ۔ پادشاہَس خوش تھاونہٕ موکھہٕ تہٕ مُلی کانہٕ ہُنٛد دِل رٕنٛزناونہٕ باپتھ کرِ اُدِ یوٚہ یِم باتھ فارسی رَسمِ خطَس منٛز تارِتھ موسیقی

ہِنٛدِ ین نُسخَن اَندر دَرِج "[1]

مگر بیٚیِس جایہِ چھُ اَتھ مُتضاد بیتھ کٔنی لیکھان:

"پٔزی کٔنی چھےٚ یہ اَفسوٗس زِ کُنھ زمین جوٗ اَہر یارَن

آیہِ نہٕ کانٛہہ قدٕر کرنہٕ ...... اَتھ تابدار موٗختس

آو نہٕ کانٛہہ کُنٛس پیٹھ پھلتھ موقہٕ دِنہٕ۔" [2]

مےٚ چھےٚ خوٚشی زِ مےٚ ہیوٚک یہ موٗلُل موٗختہ سوٗمبرٲوِتھ

کٲشرِ ہِنٛدِ داماہ مالا مال کٔرِتھ۔

بہٕ چھُس ریاستی کلچرل اکادمی ہُنٛد شُکر گُذار یمو یہ

کُلیات تیار کرنہٕ خٲطرٕ وارِیاہ کال برٛونٛہہ مےٚ وٕنٛمت اوس

"دیر آید درست آید" وٲتِھ یہ کٲم آخرکار اَنٛد۔ پوٚنہےٚ بوزوٕ تہٕ

اکیڈمی ہِنٛدی ایڈیشنل سیکریٹری معراج الدین، پبلیکیشن انچارج

بشیر اختر تہٕ کلچرل آفیسر محمد یوسف ہمدانی صاحبان روٗدی مےٚ

پتہٕ تہٕ تِہنٛدِس شوقس ڈٔلی ڈٔلی انٛد بوٗر دِلس لوٗگُم نہٕ چارٕ۔ یہ

چھُنہٕ رسمی کلامہٕ بلکہِ پوٚز پٔزر۔

سرینگر

امین کامل

---

[1]: کشمیری زبان اور شاعری۔ جلد اول۔ ص ۲۹

[2]: " " " جلد دوم۔ ص ۲۰۵

# دوٚیِم چھاپ

یہ کُلیّات یِتھہٕ کٔنہٕ پسند آو کرنہٕ تہٕ ہتھو ہتھی گو خَتَم، تِمہٕ سٟتۍ ووٚ گٔنیبے منٛے شانہٕ۔ میٲنۍ محنت گٔژھ رَتھہٕ۔

یَتھ دوٚیِمِس چھاپَس اَنٛدَر آیہٕ ترٛێ عنوان ہُررِاونہٕ۔ خوتونہٕ کُن منسوٗب قصہٕ، وُنلہِ مَنٛز بٔرأنۍ ژھایہٕ تہٕ حبہٕ خوتون تہٕ موسیقی۔ اَمہِ علاوٕہ کیٚنٛہہ نوٚۍ بأتھ مولوٗم سپدِم، تِم آیِس ہُررِاونہٕ۔ لٲزمَن آو کِتابہٕ ہِنا ترتیب بَدلاونہٕ۔

گوڈنکِس چھاپَس اَنٛدَر روزمُژٕ پرٛوٗف چہِ غلطی آیہٕ کَڈنہٕ۔ غلط نامہٕ آیو ووٚ سٟتۍ بناونہٕ مگر توٚتام اٲس کِتاب بازر واژمٕژ۔ اَمہِ علاوٕہ یَتہِ یَتہِ ضروٗری باسیوو کَمی بیشی تہٕ آیہٕ کٲم ہینٛنہٕ مگر خال خال۔

بہٕ چھُس ذٲتی طور احسان مَند بشیر اختر صٲبُن یَمو یَتھ اَنٛدٕ وَنٛدٕ ژکر سان پرٛوٗف پوٗر تہٕ سٟتۍ محمد یوسف مسکین صٲبُن تہٕ شکر گُذار یَمو پننہِ خوش نویسی سٟتۍ یہ شوٗبرأو۔

یہ چھاپ ییہ برٛونٛہِمہِ کھوتہٕ مَن موٗن بناونہٕ۔ ووٚمید چھےٚ ہَر کٲنٛسہِ کھسہِ پسنٛد۔

۳۰ ، اکتوبر ۲۰۱۰ء

امین کامِل

## (۱)
# تمہید

۱۹۵۹ ؁ ہس اندر آیہ کلچرل اکادمی ہٕنٛدِ طرفہٕ کینٛژن شاعرن پیٹھ زانٛہ کتابچہ شایع کرنہٕ۔ یِم دوے یِمہٕ سۄمبرنہٕ آسہٕ اُردوٗ پٲٹھۍ مگر شعر ژٲر ٲسکھ کٲشرِ پٲٹھۍ تہٕ دِتھ۔ مےٚ تُل حبہٕ خوتوٗنہٕ پیٹھ قلم۔ یہ اُس گوڈنٕچ لٹھ یێلہِ اَمِس باگہِ بَرژرِ گعہٕ ماژ پیٹھ اَمہِ آیہ کانٛہہ چیز بازر دژاو۔ اَتھ اندر اٲسی باہ ۱۲ بٲتھ یِمو منٛز ژۄر ۴ اَمہِ برٛوٚنٛہہ کُنہٕ تہٕ اٲسی نہٕ چھپے متی۔ بێیہِ اُس تواریخی پۄت منظرس اندر حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز زندگی تہٕ شاعری مۄختصر تنقیدی سام تہٕ آمُت ہینہٕ۔[۱]

## (۲)
# پرٛوٗن شعر ماٹھ

۲۶ ، اکتوبر ۱۹۵۲ ؁ اوس، دوستہٕ قادِر کھار، مِرزا عارف، ابراہیم بیگ تہٕ بہٕ گٔیہِ سدرہٕ بل قدیم شاہ صاٗبن گرٕ۔ تِمَن اُس سانہٕ ہینٛچ کلے شێنٛچھ گاٹُھ تہٕ سانہٕ خاطرٕ اوٚسکھ کھینہٕ چینٛک تہٕ گبونُک سٕنٛز کوٚرمُت۔ دوستہٕ قادرَس اوس تور گژھنہٕ منٛز گیوٚن بٲتھا بوزُن مقصد۔[۲] چونکہ

---

[۱] یہِ تنقیدی سام چھ یتھ کتابہِ اندر تِتھے کٔنہٕ اردوٗ پٲٹھۍ دٕرج یوان کرنہٕ۔
[۲] قادر کھار گُذریوو ۶، اگست ۶۹۳

سہ اوس عاًرف صاًبس رۄحاًنی گور اَدِ کٔنی پہو عاًرف صاًبس تہٕ ابراہیم صاًبس (تس تہٕ اوس گور) تہٕ سنگ رٹنٕ۔ مےٚ تہٕ کوٚر آمنّا۔ بَتہٕ کھیتھ لٔج یہار دربار دآری۔ مےٚ ہیٚژ اَتھ ہنا اَدبی کام حبہٕ خوتونہٕ ہندی ترٚے ژور وژن تہٕ بیٚیہ دہن شاعرن ہٕندی زباًتھ کرٕم قلمبند[۳۵] اَسی ہیٚتھ اَتہٕ اَمہٕ یٚیمہٕ گاًنٹہٕ تارٕ، یِتھ اَندر کھیٚنہٕ چیٚنٕ تہٕ گیوٚن مجلسہٕ ژوٚر وقت کھیو۔

مگر مےٚ رۄوٗ دسخ ٹکہ تہٕ ۶ مئی ۱۹۵۳ء پیٹھ گوس بہٕ قدیم صاًبس نِشہٕ کُٹہٕ لٹہٕ ذاتی خۄدغرضی رٔنی۔ سہ گو حبہٕ خوتونہٕ ہُند کلامہٕ حاًصل کرنہٕ۔ اَدِ اَمی دریا دِل انسانن ہود نہٕ کُنہٕ قسمُک کانٛہہ بوٚجل۔

قدیم صاًب اوس پرانہٕ کاًشر شاعری ہُند گنجینہٕ۔ یانہٕ تہٕ اوس شاعر یاداش اوس بےٚ داد مگر افسوس سہ سورُے خزانہٕ گو تمی سےٚ سٟتی دفن۔ سہ اوس شوقہٕ پاًٹھی گیوان تہٕ۔ تمہٕ وِزِ آسس ترٚے سٟتی باًج تہٕ واینس گاًنٛس، تہندی ناو آسی اسداللہ وانی ولد صدیق وآنی حضرت بل، حبیب اللہ ولد رحمان بیتو، سدربل، محمد سلطان ولد جمال سوداگر،

---

[۳۵] نُندہٕ ڈار کاًٹھیل سُند "ڈولکہٕ شار" سۭتھ بَند تہٕ پدی مےٚ اَتی حاًصل۔ یمو مُنٛزِ دِزایم نہٕ بَند حاًجنی صاًبس "کاًشرِ شاًعری خاًطرٕ، مگر قدیم صاًبن حوالہٕ دِنہٕ بجایہ لیٚوکھنس "زباًنی رِوایتھ" یِتہٕ چھاًپی مےٚ یم سۭتوے بَند "صوفی شاًعری" جلد دوم صفحہٕ ۸۵ ہس پیٹھ تہٕ دیباچس اَندر کوٚرُم قدیم صاًبن ذِکر۔

[۳۶]۔ اَمی سُند یادا ووٚتر اوس قدیم صاًبس تہٕ ژوٚرُے۔

حضرت بل۔ یِم آسی سازندر ساز وایان مگر تِمہ آیہ گیوان زِ بوزَن والین اوس ٹینڈ راز نہٕ پرستانٕی دَرباٗرک سرُور لِوان۔ یہ اوس کلاسیکل تہٕ لوکہٕ طرزٕچ ہلہٕ مش۔ کینژرَن باتَن ہنٛز گیوَن لگیہ چھ وُنہٕ تہٕ ملے ذہنس اندر رُژھرتھ۔

قدیم صابُن گرٕ چھُ، پتہٕ وَتھ، اکثر شاعرن ڈیرِ روُدمُت۔ کامہٕ پیٹھ وُٹھاو کاتھہ شاعر شہر، کُنہ تہٕ کامہ خاطرٕ تہٕ واژاو سدرِبل ہیُنڈ گرٕ۔ محمود گامی تہٕ رسول میر سندی پیٹھٕ چھ اکثر شہری تہٕ گامی شاعرن اورُین گژھن روُدمُت۔ اَتہٕ آسی تِم ییٛنی پاٹھی مجلسا کران تہٕ بقولِ قدیم صابؔ، تِمن تہٕ چھے اَتی کم زیادٕ "شود بود" لاریمُت۔ اَمہٕ لحاظٕ ہیکو اُسی کُنہ حلیہ زِلہٕ روِس وُنتھ زِ یہ گرٕ چھُ پتہٕ وَتھ "کاشُر شعرٕ ماٹھ" روُدمُت۔

سُدرِبل کِس اَتھ زمینہ ژکلس چھُ کیاہ تام شرف زِ اکہِ طرفہٕ اوس اَتہٕ قدیم صابُن گرٕ کاشُر باتہٕ مجلسہ گرماوان تہٕ دوٛیمہِ طرفہٕ اوس اَتی "میرزِ باغس" اندر مرزا سعدالدین سعدؔ (ییٛنُڈ ادبی وارِث اوس مرزا کمال الدین شیداؔ) فارسی تہٕ اُردوٗ شعرٕ محفلہ سجاوان، یِمن منز مولانا شبلی نعمانی، جسٹس شاہ دین، سَر عبدالقادر، اقبال کشن در، راج کاک فرخ خوشی محمد ناظر، منشی سراج الدین، محی الدین قمر بیتر شریک چھ سپدیٛمتی۔ اَمہِ پتہ تہٕ تھوو میرزا کمال الدین شیدا صابَن کیٛتِس کالس یہ ژونگ دزوُن تہٕ مقامی کھو بیرُونی شاعر آسی اَتہٕ سمتھ یانہٕ واٗنی شعر بوزناوان تہٕ داد رٹان۔ موئے مقدسن تہٕ کوٗر اُتھی جایہ قرار تہٕ کشمیر یونیورسٹی تہٕ سپز اَتی قایم۔

## (۴)

# مَتَن تہٕ پاٹھہٕ پھیر

ساٲنی پرٲنٕز شاعری چھےٚ سینہٕ بہ سینہٕ اَکہٕ پیٖرِ پیٹھٕ بێیِس پیٖرِ تام واتان روٗزمٕژ۔ اَوٕ کِنی گَیہٕ اُڈا گال کھاتَس تہٕ اُڈا روٗز رٕژھرِتھ کینٛژھا واٲژ تمی خط خالہٕ تمی لفظہٕ وٕترِ اَسہٕ نِشہِ تہٕ کینٛژَس ڈوٗل آکارتہٕ، تہٕ شبداوِے تہٕ تحریرَس مُقابلہٕ چھےٚ یادا وٕترِس ہیٚہے وَنَن گژھان۔

یوہَے وَجہ چھُ زِ جبہٕ خوتوٗتہٕ ہٕنٛدِس کلامَس مَتنَز چھہٕ اَسی بعضے مِصرَن ہُنٛد تہٕ بعضے لفظَن ہُنٛد پاٹھہٕ پھیر وُچھان۔ پاٹھہٕ پھیرَن ہٕنٛدِس اَتھ خَشارَس اَنٛدر راوُنہٕ بجایہٕ زوٗن مےٚ مُناسِب قدیم صاٲبَن رِوٲیتھ مَتَن بَناوُنی تہٕ باقے تمام پاٹھہٕ پھیرِ حاشیَس اَنٛدر ہاوُنی۔ شایَد اُس کُنہِ کھُری کانگرِ روٗس اَکھ معتبر کُلیات تیار کرُنۍ ہیٚہے اَکھ رٕژ وَتھ ـــ قدیم صاٲبَن پاٹھہٕ بَنوو مےٚ اَوٕ کِنی مَتَن زِ یہِ چھُ اَکہِ تیتھہِ گرٕک پاٹھہٕ یُس بێنہٕ وَتھ پرٲنِہ شاعری ہُنٛد گنجینہٕ چھُ روٗدمُت۔ یێتہِ زَن کَمَن کَمَن شاعرَن ہٕنٛزَن محلِسَن اَنٛدر یِم گبوٗنہٕ تہٕ آسَن آمتی تہٕ یِمَن پیٹھ کَتھ باتھ تہٕ آسہٕ یِنہٕ مٕژ۔ یێتھہٕ کِنی موسیقی اَنٛدر کُنہِ راگہِ خاطرٕ کانٛہہ خاص گرانہٕ یُس چھُ لِوان مانہٕ، تِتھےٚ کِنی بَنوو مےٚ قدیم صاٲبَن گرانہٕ یِنہٕ مَتنہٕ خاطرٕ مرکزی نوٗقطہٕ تہٕ معتبر روایت۔ اَلبتہٕ یُس کانٛہہ باتھ تمِہ نِنبرِ نیٚوم، یعنی یُس نہٕ تَس نِشہِ بوٗزُم، تتھ چھُم اَلگ پاٹھہٕ نِشان دِہی کٔرمٕژ۔

قدیم صاۂبنی روایت کلیاتکُ متَن بناونکُ معنہِ گژھہ نہٕ ہرگز تہٕ یہِ نۄن زِ باتَن یوسہٕ تہٕ ییتھٕ پاٹھی تمہِ روایت کٔر، تی آنسہٕ ہے تتھَے پاٹھی جبہٕ خوتوٗنہِ وۄنمُت۔ سینہٕ بہٕ سینہٕ کژن ہتَن ؤری ین ہنٛز لوٗکہٕ روایت کیتھٕ آسہِ اَکس ڈُنجہِ دٔزمٕژ۔ اَتھ آسہِ خبر کاٚتیاہن لفظَن رُخ بدلیومُت تہٕ خبر کاٚتیاہ پرشعر آسنَس مَنٛز ژامتی۔ پاٹھ پھیرٕچ اَکھ مِثال نِی تون محموٗد گامی سُنٛد یہِ مِصرٕ مِتّے نو ماے مشاٚنی (موسیقی ۲ص ۲۸) مِتّے نو ماے مِشان چھم (موسیقی ۱۵ص ۸) مِتّے نو ملے مشاں چاٚنی (آزاد) مِتّے نو ملے مشی زاہ (موسیقی ۳ص ۲۸)۔ لہٰذا یوٗدوَے کاٚنسہِ قدیم صاۂبنہِ پاٹھ کھوتہٕ بیٚیہ کُنہِ پاٹھُک لفظ یا مِصرٕ رُت باسہِ، تتھی تُلِن لطف تِکیازِ قدیم صاۂبنی روایتھ یا بیٚیہ کاٚنسہِ ہنٛز رِوایت بہرحال چھےٚ رٕوایتی۔



یہِ کُلیات چھپتھ آو وَننہٕ زِ جبہٕ خوتوٗنہٕ ہُنٛد یہِ کلامہٕ چھُ بحث طلب تِکیازِ یہِ چھُنہٕ اُزتام تحریری صوٗرتہٕ اندر اَستہٕ آمُت وۄتمُت۔ باسان چھُ سون یہِ "متَن تہٕ پاٹھ پھیر" چھُنہٕ دِل دِتھ پرنہٕ آمُت، نتہٕ چھُ اَمیُک شروع پیراگرافے باوان زِ تحریرچہِ غٲر موجوٗدگی اَندر یادٕ ؤترِس پیٹھ ؤرِتھ زَبٲنی رِوایت کیتھٕ گٔنی

چھُ شاعری نَس بُتھ بَدلاوان۔ اَسِہ کَتہِ چھُ اَتھ معتبر آسنچ سَنَد عطا کرٕ مژ زِ لونچہِ ہمنچ پتیٚیہِ کاُنسہِ ضرور تھٚ۔

تحریر چھُ بِلاشک بے داغ سَنَد ییٚلہِ سُہ تخلیق وِزی قلم بَنٛد آسہِ سُپدمُت۔ نَتےَ ہَتہِ دہ یہ ہتہِ وٕہری لکہِ زٕوٚن پیٚٹھ نٔژی نٔژی کانٛہہ چیز کاکُڈک بُتھ وُچھہِ، تَتھ ہیٚکَو نہ کُنہِ زٕنگی بے داغ آسنچ سَنَد دِتھ۔

اَما پوٚز تواتُر یعنی دِترِ پاٹھی پَتہِ وَتھ آمژ رِوایتھ چھُ پانہٕ اَکھ سَنَد بنان۔ یوٚت تام نہ سو وَزَن دار دلیلو سیٚتی پھُٹراونہٕ پیہِ، توٚت تام چھُ تَتھ اعتبار حاصل۔ لل دید یا حبہ خوتوٗنہٕ ہُنٛد کلامہٕ چھُ موٗلی تھہنٛدُے کلامہٕ، خاہ تَتھ اَنٛدر کوتاہ نہ آسی تَن زیاتی رِوایژِ کِنی ہیر پھیر سپُدمُت۔ سانہِ پرانہِ شاعری ہُنٛد اَکہِ پلہٕ سوٗرُے رومانی تہٕ صوٗفیانہٕ کلامہٕ چھُ تواترچی سَند ہیتھ۔ تحریری سَنَد نہ چھُ روٗسُل میرس تہٕ نہ شمس فقیرس۔ دُنیا ہچہِ واریاہ مذہبی، تواریخی تہٕ اَدبی کِتھ تہٕ کارنامہٕ چھِ اَمی تواترٕ کِنی مانٛنہٕ تہٕ زانٛنہٕ یِوان۔

پَتہِ آو وَننہٕ "کُس تام" قدیم صاَب چھُ کیَن باتَن ہُنٛد راوی۔ یہ چھُ مُشراونہٕ آمُت زِ اَمہِ ہُنٛد گرٕ چھُ محموٗد گامی ہنٛدِ پیٚٹھ شاعرَن ہُنٛد ڈیرِ تہٕ بیٹھکی اوسُمت۔ یم چھِ تمی زمانہٕ پیٚٹھ یم

بأتھ گیوان رٕوٕدی ہتی، یِہ چھُنا تواُترٕکِس دأیرِس مَنٛز یوان تہٕ
اکھ سَنَد بَنان؟ توتہٕ چھُ اَسہِ "مَتَن تہٕ پاٹھ بھیٚر" عنوانَس تَل صاف
پأٹھۍ وَنُن مُت — "قدیٖم صأبنی رِوایت یا بیٚنِہ کأنٛسہِ ہٕنٛز
رِوایت، بہرحال چھِ رِوایتھے۔" اَمہِ پَتہٕ تہٕ وَنُن یِہ کلامہٕ چھُ
بَحَث طلب چھُنہٕ کانٛہہ معنہِ تھاوان۔

(۴)

# حبہ خوتونہ ہنٛدی کالہٕ باتھ

کتھن کتھن منٛز وۄن قدیم صاین زِ حبہ خوتونہِ ہندِن کالہٕ باتھن منٛز آسی وۄ ستہٕ سلمان، سیٚدی بٹ اباکی، نکی بٹ، لۄلی وگے تہٕ فرستہٕ ہار زیادٕ پہن ناماوار۔ وۄ ستہٕ سلمان چھ اوسمُت کنبل ونکُ تہٕ کرٛام چھس آسمٕژ گنٛے۔ یہ چھُ یوٗسف شاہ ژک سندِن دربارٕی سازندرن سرس اوسمُت۔

سیٚدی بٹس آسی اباکی ونان۔ پرٛانی آسہنس نٮ۪تبرِ ایکت تہٕ کشیرِ اندر بنٛے یہ کتھہٕ تام پاٹھی بٹ۔ پانہٕ چھُن معراج نامس لیکھت دِیتمُت[1]۔

کرٛے کرِنی مُٹھم سیٚدی بٹ ایکس
پانہٕ اوس نو ٹھمُت، بٮ۪ین اوس پرٛانے

یہ وُنن چھُ سیٹھا ضروری زِ قدیم صاب اوس شعرن ہنٛدی شعر ونان گرٛڑھان۔ تمہ تیوٗت تیز تیز لیکھنی اوس ناممکن۔ کاش تمن دۄہن آسہن ٹیپ ریکارڈر۔ پیٹھہٕ اوس نہٕ مٮ۪ے یہ باش زِ حبہ خوتونہِ ہنٛدِن کالہٕ باتھن ہُنٛد یوٗتاہ کلامہٕ حاصل سپدِ سہ قلمبند کرُن کیٛتاہ اہم چھُ۔ چوٗنکہِ

---

[1] وُہن شعرن ہُنٛد یہ معراج نامہٕ کوٗر مٮ۪ے قلمبند۔ آخری بنٛدکٕ ترٛے شعر پیٚس نہٕ جلدی منٛز ژٔتس۔

حَبہٕ خوتوٗنہِ اوس سرکاری سۆتھرِس بیٹھہٕ شۆہرٕ لۆبمُت، اَوِکِنۍ اُس میأنی نظرِ تہِ اأمۍ ہیٚتہ تام محدوٗد۔

قدیم صأبُن گُف اوس زِ ووٚتہٕ سلمان تہٕ سیٚدی بَٹ اَباگی ہشنزِ شأعری ہُنٛد رَنگ اوس حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛدِ رَنگہٕ نشہِ بلکُل بدٕن۔ تِم اأسۍ دوہ نوَے "صوٗفیانہ" وَنان مگر نکی بٹ اوس "مجأزی آیہِ رمز" باوان ؎

میأنہِ شہلے ژنٛدَن دارو | بالہِ یارو مو ترٛاو لَے
سادٕ پوشہ طرح دارو | سادٕ ماز ہو دِمے کھیٚون
ساد روٗم کٕہی سَندارو | بالہٕ یارو مو ترٛاو لَے

فرشتہٕ ہارِ مُتلق وۆنُن زِ کینٛہہٕ اأسۍ دَپان زِ سوہ اُس حَبہٕ خوتوٗنہِ زِٹھہ تہٕ تمۍ چھ گوٚڈٕ لولہٕ بأتھ وُٛنہمتۍ، مگر کینٛہہٕ اأسۍ دَپان زِ زِٹھہ اُس سوہ بِلاشک مگر شأعری کُرن حَبہٕ خوتوٗنہِ پتہٕ۔ یمَن دوٚن ہُنٛد کلام بیون کَڈُن تہٕ ژارُن چھُ مُشکِل۔

بو ویرِ گجُس موٚژسے توٚہن تے[1] | وَنتے وٚیسی کیا میوٗن پلے
تَس گرِ کہنٛدے کیا گیہ وَنن تے | تھأونس کَس کرِٛ دوٚہس دا ے
وِلہٕ ہیٚے دَنیامس تھووُم نہٕ کَن تے | وَنتے وٚیسی یے کیا میوٗن یا ے

حَبہٕ خوتوٗنہِ برٛونٛہہ چھ فاطہٕ مأج، رسید کھأش تہٕ طأہرٕ کھأش نادار

---

[1] یہِ لفظ چھُم یتھے پأٹھۍ لیوٚکھمُت۔

اَسی ہِتی۔ فاطِہ ماجہ چھُہ وونمُت ع

کَس باوَے دوستَس نِش  مُس میانے ہمہٕ لانے ہا
وَسو کہارو بوٚر میو ہاوَس  اُس میانے ہُمہٕ لانے ہا
زِلہٕ راگ گیوَے رُبابَے  کھیٚنہٕ ناٰنہٕ دِمے کَبابے
راور وُپیو پڑاوتو درشَن  لَس میٚانے ہُمہٕ لانے

تہٕ رسید کھاشَن تہٕ طاہر کھاشَن لیکھِتی چھِہٕ ع

پُن تہٕ پاپ تولُن دَرتے  رسیدَس لگم دَر دَرتے
کوٚرُے عرضا طاہِر کھاشی  سعے باش نَے بوٚزنم یارِ

قدیم صابَن ہیوٚت ہٕہ خواجہ حبیب اللہ نوشہری (۱۵۵۵–۱۶۱۸ء) سُند ناو حالانکہ سُہ تہٕ چھُہ حبہٕ خوتوٚ ہٕہ ہُند ہمکال اوسمُت. حبہ صابُن اَسی فارسی دَنان تہٕ حبی لیکھتہٕ دِوان. کاشرِ یاٹھی یِم زِ باٹھہٕ پتہٕ کُن تراوِ ہتی چھِکہٕ تِمَن چھُکہٕ حبیب تخلص وَرتومُت۔

بَہ ہو یارہٕ اوسُس خواجہ حبیب وأنز
نمنمتہٕ ۹۹ چھِم سودا ذانہٕ نیچ ہٕہ دأنز

---

ا۔ لفظک ماںہٕ چھُم ہٕہ قدیم صابَس پرٛژھمُت. شاید گوٚیہٕ دُنیاوی تہٕ ارضی تقدیر — ہُمہٕ لون. بُترأژ چھہٕ کاشرِ یاٹھی ہُم، ہُوم، تہٕ دَنان اَسی ہِتی۔
۲۔ قدیم صابَن وُنی شعر تہٕ کیٚنہہ، مگر افسوس مےٚ گرِی چھِرالیکھتی قلمبند۔

(۵)

# حَبہٕ خوتونہٕ پیٹھ کأم

حَبہٕ خوتونہٕ پیٹھ یوسہٕ کأم اَز تام سپز ہٕژ چھےٚ، تِمچ زان چھےٚ یہِ:

[الف] خواتین کشمیر: مُصنّف محمد الدّین فوقؔ، ۱۹۴۰ء، ظفر برادرس تاجرانِ کتب لاہور۔ ۱۴۵ صفن ہٕنز اَتھ کِتابہِ اَندر چھےٚ کینژَن کأشرِن توأرٟیخی زَنانَن ہٕنز زان کرنہٕ آمٕژ۔ یِمَن مَنز چھ حَبہٕ خوتوٗن تہٕ۔ اُمی ہٕندِس اوحال نامَس مُتلق چھُ ارداہَن صفَن پیٹھ گوڈنچہ لٟکٕژ "افسانہٕ" چھاپ سپدمُت، یُس توأرٟیخی بَیانَن مہجوٗر صأبنہِ رَنگ آمیزی ہُنٛد نتیجہٕ چھُ۔

[بے] حبہ خاتون (اُردو) غلام احمد مہجورؔ۔ فوقَس مواد بہم کرنہٕ پتہٕ لیٚچھ مہجوٗرَن پانہٕ تہٕ اُمی سٕنٛز زندگی پیٹھ اَصل مُسوَدٕ باضأبطہٕ رسِدس تَل سیکریٹری اکیڈیمی ٹینگ صأبن نیوو تہٕ پتہٕ کوٗرُن نہٕ واپس۔ یہِ مُسوَدٕ چُھ ۹۸ ورقَن یعنی ۱۹۴ صفَن پیٹھ پھہلِتھ" (بقولِ عبدالرشید فرزندِ ابنِ مہجور) معلوٗم چُھنہٕ ییتَن صفَن اَندر چھ کیا مہجوٗرَن لیوٚکھمُت تہٕ زانَنک چُھ دِل ضروٗر ہاوَس کران۔

[جیم] حَبہٕ خوتوٗن (مثنوی غلام محمد حنفی ۱۹۳۵ء (؟) چھاپ غلام محمد نور محمد۔ اَتھ اَندر چھےٚ سوہ لوٚکہٕ ڈلیل نظماونہٕ آمٕژ یوسہٕ یتھ کِتابہِ اَندر درج

چھپے۔ یہ مثنوی چھپنہٕ صحی پاٹھی چھاپ آمٕژ کرنہٕ۔

[دال] کلامِ حبہ خاتون ۔ ۱۹۵۲ سنہٕ چھاپ غلام محمد نور محمد۔ روایتی ۱۶ صفحہٕ

[ھے] ڈاٹرس آف وِتستا (انگریزی)۔ پریم ناتھ بزاز ۱۹۵۹ سنہٕ۔ اَتھ کتابہٕ اندر چھپے باقے کینژن کاشرِن، زنانن ستی حبہ خوتونہٕ ہنز تہٕ ذکرٕ زیادٕ ہرترچھ فوق ہنزن کتابن آمت تُلنہٕ۔

[واو] حبہ خاتون (اُردو): ترتیب ایلین کاہل۔ ۱۹۵۹ سنہٕ چھاپ کلچرل اکیڈمی۔ صفحہٕ تیداد ۸۰۔ بہہ ۱۲ باتھ، اُردوٗ ترجمہٕ سان، بیٚیہٕ اُمی ہنز زندگیہ تہٕ شاعری موختصر سام۔

[زے] کشمیری زبان اور شاعری (حصہ دوم) تالیف عبدالاحد آزاد۔ چھاپ کلچرل اکیڈیمی۔ اگرچہ یہ کتاب چھپے ۱۹۴۶ ہس اندر مکمل اُسمژ مگر چھاپی صوٗرژ اندر آیہ یہ ۱۹۶۳ سنہٕ اندر لوکن برٛونٛہہ کُن۔ اَتھ اندر چھپے دۄن صفن پیٹھ اُہنز زندگی تہٕ شاعری چکاونہٕ آمٕژ۔ مِثالہٕ موکھہ چھُس مثنزی کنہٕ باتُک کانٛہہ بند دِتھ۔

[حے] کاشرِ ادبٕچ تاریخ۔ مصنف اوتار کرشن رہبر ۱۹۶۵ سنہٕ اَتھ منز چھپے حبہ خوتونہٕ ہنز زندگی تہٕ شاعری تژواہن بڈٕہن صفن پیٹھ وِژھناونہٕ آمٕژ۔ مِثالہٕ باپتھ چھس کینٛہہ شعر تہٕ دِتھ۔

[طے] حبہ خاتون تاریخ کے آئینے میں (اُردو)۔ جی، آر، بٹ (یعنی غلام رسول بٹ سولنہ) صفحہٕ تیداد ۱۰۴۔ ۱۹۹۴ سنہٕ۔ اُمی چھپنہٕ کانٛہہ نوٚکتھا وٗنی مژ۔ کتابہٕ ہنٛد حجم چھُ زیادٕ تہن مختلف تواریخی بحثو ستی ہرلومت، نتہٕ

نیرٕ حبہ خوتونہٕ پیٹھ کُل بِل صفہٕ پنٛژہ مَر۔ اَلبتہٕ اَہنز یہِ ڈلیل چھےٚ وزن دار
زٕہرگاہ قاسم خان خوتونہٕ ہُنٛد منگتہٕ نیٚچو اوس نہٕ، یعقوب شاہ کیاز
اوٚسس شیٚچ داو کران۔

[۷] حبہ خاتون (انگریزی) مُصنّف، ایس ایل سادھو ۱۹۸۰ءٔ چھاپ
ساہتیہ اکیڈیمی نئی دہلی۔ اَمِہ چھِہ شوٗنزاہن صفن پیٹھ مُشتمل یہ مونو گراف
نفیس پٲٹھی لیٚوکھمُت۔ زیادٕہ ہرترٕ چھُن محمدالدین فوق سٕنٛز "خواتینِ کشمیر"
تہٕ میانہٕ "حبہ خاتون" کتابہٕ تُلمُت۔

[کیف] حبہ خاتون بُلبُلِ کشمیر (انگریزی) پروفیسر سوم ناتھ وَدھلو
صفہ تیداد ۲۵۲۔ سنہ ۱۹۹۴ء۔ اَمِہ چھِہ ناولہٕ ہُنٛد انداز وَرتاوِتھ خوتونہٕ ہٕنٛز
زِنٛدگی ہِنٛدی (تمےٚ فوق سٕنٛدی) واقات تہٕ تَسٕنٛدی وقتکی سیاسی سماجی
حالات بیان کرٕمتی۔ یِمہٕ چھُن اَہنٛدِ ین کینتھرٕن باتن انگریزی ترجمہ
تہٕ کوٚرمُت۔ کِتاب چھِہ زبرٕ پٲٹھی لیکھنہٕ تہٕ چھاپنہٕ آمٕژ۔

## اَمِس پیٹھ لیکھنہٕ آمتی ڈراما

۱۔ حبہ خاتون۔ (اُردو) پروفیسر محمد مجیب۔ سنہ ۱۹۵۴ء چھاپ مکتبہ جامعہ
ملیہ دہلی۔ یہِ ڈراما آیوٚ ۱۹۵۱ءہَس اندر، کشیرِ اندر سٹیج کرنہٕ خاطرٕ، اَمِس
اَتھ لیکھناونہٕ، مگر یِتہٕ سپُد نہٕ اَکہٕ سیاسی وجہ ہٕکہِ کنہِ سٹیج۔ ڈراما خاطرٕ
اوٚسس سورُے مواد مہجورن دیتمُت۔

۲۔ زوٗن۔ مُصنف جگن ناتھ دِلی، سنہ ۱۹۵۱ء۔ ییٚلہِ ۱۹۵۱ہَس اندر سرکٲری
سوتھرس پیٹھ "یومِ حبہ خاتون" مناونک سٕنٛز سپُد، اَمِہ نٮ۪ٖوٗ یہِ ڈراما لیکھتھ تہٕ

چھاُپتھ۔ پانے لیکھتھ تھاۍوِن کینہہ بأتھ حبہٕ خوتونہٕ کُن لاگتھ[۱]۔ پتہٕ سُپدیہ
پننس اَتھ کارنامس پیٹھ شرمندٕ، مگر جیا لال کول، ایس ایل سادھو،
(اَوتتام زِ رہبر صأب ہیوٚ محقق تہٕ) چھ تہٕ اُمی سُند حوالہٕ دِوان۔

۳۔ حبہ خوتون: امین کامل، ۱۹۵۶ء۔ تریٚن اکتھن ہُند ڈرامایُس
"جشنِ کشمیر" کِس دوہَن سٹیج آو کرنہٕ۔ اَمیُک پیش کارتہٕ ڈایریکٹر اوس
رادھا کرشن برارو (یُس پتہٕ سانگ اینڈ ڈراما ڈویژن حکومت ہِندک
ڈِپٹی ڈایریکٹر بنیوو) اَتھ ڈراماہَس مُتلِق چھُ پران کِشور لیکھان:

"محمد امین کامل نے ڈراما حبہ خاتون کے لئے مواد جمع کرنے میں کافی
محنت کی تھی۔ اس ڈرامے کی کردار نگاری بھی اچھی ہے اور ڈائیلاگ
بھی زوردار ہیں لیکن اس کی ہر خوبی کو اس کی کمزور پروڈکشن نے
زایل کردیا۔" (شیرازہ اُردو نومبر ۶۴ء صفحہ ۱۰۹)۔

اَتھ ڈراماہَس آیہ پتہٕ ریڈیائی شکل دِنہٕ تہٕ پران کشورن کوٚر ڈایریکٹ۔

۴۔ حبہ خوتون (ٹیلی فلم) سری نگر ٹی وی کیندرن کر اَمس پیٹھ اَکھ
فِلم تیار، مگر یہ دراِیہ نہٕ کامیاب، ہنکیا زِ اَمیُک لِکھأری بشیر بڈگامی چھُ
رُت ڈایریکٹر مگر ادیب یا ڈراما نگار چھنہٕ۔

---

۱۔ اَتھ پیٹھ آیاوسے ریڈیو تبصرٕ لیکھنہٕ خأطرٕ ونہٕ۔ پتہٕ زونکھ نہٕ سُہ نشر
کرُن مصلحت ہنکیا زِ وُنی سہٕ رُگی اوس ریڈیوٚک مُلازِم۔ یہٕ تبصرٕ سپُد رسالہٕ
"آزاد" (اُردو) اپریل ۱۹۵۲ء ہَس اندر شایع۔ [رسالہ آزاد اوس بدری ناتھ
کول کڈان تہٕ نشاط پریس اندر چھپان]۔

۵۔ زوٗنی۔ (فیچر فِلم) حبہ خوتوٗنہِ پیٹھ ہیٚژایہِ ۱۹۷۸ ہَس اندر یوٗ پی ہیٚشدی اَکی آرٹسٹ مُظفر علی یَن فیچر فِلم بَناوِنی۔ اَتھ اوس سأنی سرکارَن شاید پانژاہ لچھ روپیہ مالی اِمداد دِیتمُت۔ حبہ خوتوٗنہِ ہُندِ رول اُس ڈِمپل کپاڈیا کَران تہٕ یوٗسف شاہُن رول وِنود کھنہ۔ تحریر اوس پی این کے بامزئی سُند۔ موٗسیقی اَہَس موہن لال ایٚمہ ہنٛزٕ۔ بأتھ اَہَس گیوٚومتی غلام حسن صوٗفی، علی محمد شیخ تہٕ کیلاش مہرایہِ۔ فِلم اُس اَڈا تیار گأمژ زِ کشیرِ ہِندِ سیأسی حالاتو دِیُت سأری سیٹھہ پھیش۔



---

(نوٗٹ) مےٚ کرٕ نہٕ کینٛژَن کِتابَن ہنٛز ذِکر، یِتہٕ چھہ بیٚییہ تہٕ کیٚنہہ اَہنٛدِ ناو کِتابہِ شایع سپدی متی۔ مگر تِمَن منٛز چھہ اَکھ زٕ بأتھ اَہنٛدی تہٕ باقے بیٚین شاعرَن ہُندِ کلام۔ شیخ غلام احمد کِتاب فروشَن تہٕ چھہ "کلام حبہ خاتون" رِوایتی کِتابہِ چھپومُت، مگر تتھ اَندر چھہ جگن ناتھ وَلی ہنٛزِ زوٗن کِتابہِ ہُندِ مَن گھڑت کلامہ دِتھ۔ اَدِ کنی چھہ بلکُل غار اَہَم۔

# (۶)

# خوتونہٕ ہنٛدی یادگار

حبہٕ خوتونہٕ سٟتی چھےٚ یِم یادگار تہٕ وابستہٕ۔

۱۔ **حبہ بال** : ڈُرون، گُریزِس اندٕ رٕچھ اَکھ بال، یَتھ پَتہٕ وَتھ "حبہٕ بال" چھہ وَنان۔ اَوے چھُ کینٛژن خیال زِ حبہٕ خوتوٗن آس تَتہٕ چی ذَردِ کوٗر، مگر کینٛہہ چھہ دَپان زِ سو آس اور یوٗسف شاہَس سٟتی ساٗلس گژھان توٗرے پیٚوس یِہ ناو۔

۲۔ **حبہ خوتوٗن مشید** : اَتھ واجَن، چھےٚ اَکھ لوکُٹ مشیدِ ہَن پوٚختہٕ سیرِ ہن ہنٛز یَتھ کانٛہہ تیٚہٕ لاگتھا چھنہٕ لٔجمٕژ۔ یِہ مُشید کَر چھہ بَناونہٕ آمٕژ، اَتھ مُتلِق چھےٚ یِژھے رِوایَتھ زِ یِیلِہ یوٗسف شاہ بنٛدِ یکھ آو بناونہٕ تہٕ حبہٕ خوتونہٕ کَر گوشہٕ نشینی اختیار، تمہِ بَناوٕ یِہ مُشید تہٕ اَتھی سٟتی آسَن پَننہٕ روزنہٕ باپَتھ اَکھ ہُبٕر تہٕ بناومٕژ۔ اَتھ مشیدِ چھہ اَز تام حبہٕ خوتوٗن مشیدے وَنان۔ اَلہِ پَلہِ پانٛژن ہَتن وُریَن اَتھ مُشیدِ سٟتی تُشند ناو وابستہٕ آسنُے چھُ وَنان زِ یِہ آسہِ ہے تمی بَناومٕژ۔

فوق چھُ لیکھان زِ اورنگ زیب عالمگیرَن ٹُر اَتھ مشیدِ پیٚٹھ نماز پیٚیلہِ سُہ ناوِ سالَ کران اوٚت نیٚتھ سیٚود ووت۔ یِہ اُس خستہٕ گامٕژ تَس یِیلہ وَننہٕ آو یِہ کمہِ چھےٚ بَناومٕژ، تمی دیُت اَتھ مرمتھ کرنُک حُکم۔ ۱۹۳۸ء ہَس

اندر سپیزِس بینیہ مرمتھ۔ حاجی محمد رمضان ٹھیکیدار (رمضان لالٹین۔ کاٹِل) ہسندِ ذریعہ۔ یہ (کاٹِل) گوس پانہٕ اَتھ مُشدِ سام ہیٚنہٕ۔ یہ چھ وۄنی سرِ نۆوے آہِش بناونہٕ تہٕ پرانہٕ تعمیرک چھُنہٕ کانٛہہ پوٚت آثار موجود۔ البتہ جنوبک طرفہٕ وُچھ منٛے اَتھ ڈی پی سی بدلہٕ اَکھ پرٛون لکرِ داس لاگتھ، ظٲہرا پرانہٕ تامیرک نیال۔

## ۳ - پانتہٕ چھوک کدٕل

حبہ خوتونہٕ اوس پانتہٕ چھوک لشہِ ویٚتھہِ اَپور یپور ترنہٕ خاطرٕ اَکھ کدٕل بنوومُت۔ یُس دۄ درِ نہٕ کِنی جہانگیر بادشاہَن دُبارٕ تعمیر کوٚرِ تہٕ گرٛیتہٕ گوٚشہلابہ بُزی۔ اَمیُک ذِکر چھ حسن "پلہاے کشمیر" عنوانہٕ یتھہ کِنی کراَن: "—— پُل پاندہ چھوک در ۹۸۷ھ (مطابق ۱۵۷۹ء۔ کاٹِل) حبہ خاتون زوجہ یوسف شاہ احداث کردہ بود۔ جہانگیر شاہ تجدید تعمیر آں کرد۔ بحادثہ سیلاب برہم شد[له] ——" منٛے وُچھ پانہٕ تہٕ مولوم سپُدم زِ یہ کدٕل چھُ یورِ صوٗفی محلہ سیٚود اَپورِ کرناوٕل اوسمُت۔ عبور مرۆر آسنہٕ کِنی چھُ اَز تہٕ اَمہِ سیٚود کرناوٕل دۄہی دۄ ہس ناو تارٕ چلان تِکیازِ سمرٛبگ کُن چھُ لیسلہٕ ین گژھن۔

---

له آنند کول بامزِی چھُ حبہ خوتونہٕ ہندِ اَمہِ بنادی متہٕ کدٕلُک تأریخ ۱۵۸۸ لیکھان۔ یُس بلکل غلط چھُ تِکیازِ یہ چھُ اکبر بادشاہ سِنٛز حکمرانی ہُند زمانہٕ بنان۔ صوٗفی محی الدین چھُ ۱۵۸۳ء تأریخ دِنان۔ مگر جِنٛتی پاٹھی چھُنہٕ تمیٚ تہٕ پنُن ماخذ دِومُت۔

## ۴۔ حبہ خوتون برج

یتھ کدلس زیرو برج (ZERO BRIDGE) وَنان چھ، تتھ تھاوِ یاکھ گوڈ حبہ خوتون برج ناو۔ مگر اکھ پھتی فرہنگی بیرو کزیٹن کرنو وس زیرو برج ناو۔ تکیاز امہ پتہ چھ فسٹ برج یوان۔ فسٹ برونہہ چھ زیرو آسن لازمی۔ (ہیے میانہ خدایہ)۔ وہ ز بنیوس زیرو پتہ عبداللہ برج۔

## ۵۔ حبہ خاتون سمندری جہاز

بھارت سرکارن بنوو اکھ سمندری جہاز "حبہ خاتون" ناوِ دیُتس سنہ ۱۹۸۷ء سمندرس اندر والنہ آو۔ سمندرس اندر والنہ ینک یہ رسم دیُت شریمتی اندرا گاندھی سرانجام۔

## ۶۔ مقام راست کشمیری

دپان یہ مقام (تہ اتھ ستی غزال کشمیری) چھ کاشر ساز ندر موسیقی حبہ خوتونہ ہُند دیُت۔ نور محمد بٹ صائلس اوس غلام محمد سازنوازن وونمت زِ اتھ اندر چھ راست فارسی لس مقابلہ زیادٕ کاشرِ باتھ گیوان،

---

ك ۔ غزال فارسی تہ غزال کشمیری چھ مختلِف۔ گوڈنیک چھ شعبہ زنگولہ تہ دوٚیم رہاوی۔ غزال کشمیری ہیچ کتھ چھ "ترانہ سرور" (دیارام خوشدِل) تہ کران۔ اتھ چھ ییٚننہ نوروز عرب تہ وَنان۔ (اصلی موسیقی ۱۷ یہ چھ نوروز عربس ہیر پھیر کرتھ بنیومُت۔ ویسے چھ نوروز عرب تہ نوروز عجم زِ الگ مقام۔ کینہہ چھ وَنان زِ یہ چھ حجاز مقام کہ شعبہ سہ گاہ کہ خوشنواز گوشک اکھ پردٕ۔

اَوَے چھس راست کٲشُری وَنان۔ مگر یہِ چھےٚ حقیقت[1]۔ اُسی زَن گیوو راست کٲشرِ یَس اَندر داہ تہٕ راست فارسی یُس اندر وُہ کٲشرِ باتھ تَمہٕ سِتی گژھیا یِمن ناو بدلی؟ یِمن دوٚنوٚنی مُقامن ہِنٛدی آگر چھِ مختلِف۔ راست کٲشرِ ناو چھُ زِ یتھ وُری برۄنٛہہ پیٛٹھ ہیٛتہٕ آمُت۔ راست فارسی چھُ الگ (وُچھو ترانٕہ سرور تہٕ کرامت مُجرا بیتر)۔ گۄڈنیُک چھُ شعبۂ اصفہان تہٕ دۄیِم چھُ شعبۂ کوچک۔ لٲزمَن چھکھ وانیٚس کانیٚس مَنٛز فرق۔

## ۷۔ زُوٗن میگزین

زنانہٕ کالج نواکدل سری نگر کہِ طرفہٕ چھُ سہ پیٛٹھ زُوٗن ناوٕ وی میگزین کڈنہٕ یوان۔ یہِ ناو چھُ اَتھ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہِنٛدِس لوٚکچارِکِس روایتی ناوَس پیٛٹھ تھاونہٕ آمُت یٔمیُک اِظہار اَمہِ کِس گۄڈنِکِس شُمارَس مَنٛز سپدمُت چھُ۔

## اَکھ غلط فہمی!

مےٚ آو وَننہٕ توہہِ چھوٚ نہٕ کو راہ پھیرَن تہٕ تھَدِ (خوٗ ندٕ) کُس نیٚچ ذِکر کرِ ہٕ، یِم حبہٕ خوتوٗنہٕ ہِنٛدی ایجاد چھےٚ۔ یہِ چھُ محض غلط فہمی۔ پھیرَن چھُ بٕڈٲتی وَسطِ ایشیا پیٛٹھہٕ یور آمُت۔ توارِیخِ حَسن

---

[1] ۔ ہرگاہ یہِ صحی مانوٗ تیٚلہِ چھُ غزالِ کٲشرِ ہِس اندر شُنیٚس کٲشرِ باتھ تہٕ ۳۲ فارسی باتھ گیوان۔ اَتھ کیاز دۄپکھ "کٲشرِ" یٚیلہِ زَن غزالِ فارسی یَس اندر ۱۲ کٲشرِ گیونہٕ چھہِ یوان۔

تہٕ چھ وَنان زِ یِم آیہٕ تُرکِستانہٕ پیٚٹھ یور۔ نیٖل مَت پُران ، بٔلکہٕ مہابھارتس اندر تہٕ چھُ نوٚوشیٖن پیٖنہٕ وِزِ لاگن وٲلِس لباسَس "پَروارنہٕ" وَننہٕ آمُت یُس "پھِروارنہٕ" تہٕ پَتہٕ پھیٖرَن بنیوو۔ لازِمَن چھُ یہٕ آریَن سیٖتۍ آمُت یِہُنٛز اَکھ چھوٚکھ ایران گیہٕ تہٕ بَسیہٕ ، اَدے چھُ فارسی زَبٲنؠ مَنٛز تہٕ یِتھے لفظ پیرہَن میلان۔ اَتھی بنیوو انگریزی یِس مَنٛز "اَیرَن" (APRON)۔ جامہٕ تہٕ ناو چھُ موٗلی اَکوٕ۔ کیٚپٹنہٕ پھیٖر چھُ بدل کَرتھ۔

"کوٗرابہٕ چھُ در اَصل عربی لفظ قلاب (بزِسلاے) فارسی پٲٹھۍ چھِ وَنان" بہ قلاب زَدَن" یعنی کانٛہہ چیٖز اَلوٚنٛد تراوُن۔ محموٗد گامی چھُ وَنان ے کَسبک معنے پرٛزَنام قصابَس/ دوٚپنم دِل گَنٛڈ قلابَس سیٖتۍ۔ کٲشری پیٚچ چھس وَنان۔ کوٗرابہٕ چھُ اَصلی نٔرِس کھوٚنہٕ وَٹہٕ سیوٚد بیاکھ نوٚر اوٚیزان آسان۔ وکیلَن ہُنٛد گاوِن (GOWN) تہٕ چھُ اَمی چالِہ آسان۔ میانہٕ خیالہٕ چھُ یہٕ مَحض اَکھ شٲہی کیٚپٹنؠ اَسمتہٕ تہٕ اَتھ چھُنہٕ "نرٛلَنس" سیٖتۍ کانٛہہ تہٕ موٗلی واٹھ۔

کَسابہٕ چھُ دَراصل قصب عربی لفظَس بنیومُت قصب اوس اَکھ کپٕرِ یِس سوٗت (LINEN) تہٕ ریٖشم رَلٲوِتھ اوس

بناونہٕ یوان۔ اَمہٕ چھَن "کلہٕ ٹوپٕن" دوٚنکھُ کیٚرکَس ناوَس پیٹھ قَصابہٕ (کَسابہٕ)۔ یِم مرد اَکی پلوٗ لاگان آسی، تِمَن آسی "قصب پوٗش" وَنان۔ روٗشُل میٖرُن شعر چھُ ؎

قدِ سَرو قصب پوٗش، روٗخ چھُے ماہِ مُنوّر
خوش خند، خوش گفتار، خوش رفتار متیوٗ دے

یہِ ہِساؔیہٕ وَنہٕ ھنے اَس یہِ غلط فہمی دوٗر کَرنہٕ خاطرٕ ضروٗری زِ کورابہٕ پھیرَن تہٕ خوٗندٕ[1] "کَسابہٕ" چھُ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕندی ایجاد۔

۸ـ حبہ خاتون (اوپیرا) اُردو میں مشہور شاعر اور ادیب رفعت سروش نے لکھا ہے سنہ 14ء میں

---

[1] خوٗند لفظ چھُ اصلی "آخوند" یعنی سیّدَن تہٕ مُلاہَن ہُند قصابہٕ۔ یہِ اوٚس عام قصابوٚ کھوتہٕ (اَبجر ہاونہٕ موکھہٕ) تھوٚد تہٕ پیٚٹھ چالہٕ آسان۔

(٧)

# حبہٕ خوتوٗنہٕ سٟتۍ منسوٗب قصہٕ

حبہٕ خوتوٗنہِ کُن چھہِ قصہٕ تہٕ منسوٗب آمتۍ کرنہٕ۔ ہرچند چھُنہٕ ہرگاہ اکھ بیان سپدِ، محض یہ ہاونہٕ موکھہٕ زِ اَمہِ کاڈاہ چھِ یتھہٕ کالہِ پیٹھہٕ لوٗکن ہِندین دِلن تہٕ دِماغن اندر پنٕنۍ جاے شیر مژ۔ یتھۍ قصہٕ چھِ بعضے مختلف شہرن تہٕ ملکن اور یور سفر تہٕ کران۔ لوٗکھ چھِ، اَز تہٕ، دنہٕ وُنۍ ہرین اندر پنٕنین کورین اَمس سٟتۍ ہشراوُن فخر زانان ۔

تتہِ دژاو سُلہِ تے یوٚت دوت زٕہنے
یوسف حبہٕ خوتوٗنے آو

* دیان لڑہ رێنی اکھ آس حبہٕ خوتوٗنہِ ہِندِس محل خانس منٛز ملازم۔ یہ آس کُٹھین، وٲنین تہٕ آنگنن دِل دِتھ صفایی کران، لوٲن ڈُوان۔ حبہٕ خوتوٗن تہٕ آس تٔمسنٛزِ کامہِ پیٹھ رضامند۔ لڑہ رێنہٕ اوس خاوند یوٗ ہئے یچھ ہیوٗہ۔ قدٕ اوس ژھوٚٹ، رنگ اوُس کرٛہُن، کٔن کاوشیسی ہوی مگر مزاز سیٹھا تروٚش۔ دہ ہہ اکِہ دوٚہہ اَمس خیال زِ کاڈاہ یادِ چھپے یہ سٲنی پادشاہ بلے۔ خیال گوس

گنان تہٕ ڈٕژھس بدٕ راے۔ بیقلس کھوّت عشقہٕ زرٕ۔ دوہہٕ کھوتہٕ
دوہہٕ لوٗگ کمزور گژھنہٕ، کامہٕ کارس کُن اوٗسس نہٕ دِلے لگان۔
صِرف اوس کران وٕہی نہٕ واے۔ لژھہٕ ریّنہٕ ووٗنُس کیٛتر لٹہٕ آخر ژٕ
چُھکھہٕ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ پتہٕ پتھے گژھان۔ کاٗنسہٕ حکیمس نِش
کونہٕ چھکھہٕ گژھان؟ ژٕنے ہرگاہ کیٛنہٕ کیٛتھہ آسی شوٗٹھ لگہٕ تاوُنس،
یہ بوٗزِتھ آیہ تَس اَشی بَکہٕ، دٕپیٛے ہیٛے شوٗٹھس چھینہٕ تژھ بیمارٕی
یَتھ حکیم علاج ہیٛکہٕ کرِتھ۔ اَدٕ چھُنہٕ سانگ لوگمُت؟ سانگ نَے
چھُمنہٕ لوگمُت، دٕپھ شوٗٹھس چھیٛے عشقہٕ بیمارٕی، اگر نہٕ ژٕ اَتھ علاج
کرِکھ جلد آسی موٗنڈ گژھُن۔ خاوندن ووٗنُس وَدو تہٕ دوہیہ ــــ
جانہٕ مرِگہٕ گوٗ ژٕ چھکھہٕ کَس تام ہِتی پھسیامُت، بہٕ ہیٛے ژٕنے زِندٕ سیٛے
بستہٕ والناوٕے پادشاہ بایہ اَتھٕ، بیٛے مَنٛدٕ چھ، بیٛنہٕ چھُ میٛے دیان
عشقہٕ دٕادِس کرُم علاج، اَزی وَنہٕ پادشاہ بایہ۔ خاوندن گنڈِس
گُلہٕ ہتے بلایہ لگَے۔ یہ نے چھُس کاٗنسہٕ ہتی پھسیامُت۔ دٕپھ اَکِس
زَنہٕ ہُنٛد چھُم دِلَس مَنٛز سخ سٕریٛہہ، ژٕنے سُفاۓ شاہ کرِہَم تَس نِش
واتُن چھُ تیٛلہٕ ناممکن۔ کوٚہ سہٕ چھیٛے سو میاٗنی سوٗن؟ وَن وَن یہ
کھنٛڑس ٹوٗپ۔ وَنان کونہٕ چھکھہٕ؟ لژھہٕ ریّنہٕ پژر ژٕھس اَچھ
نَژنادان نَژِنادان؟ خاوندن ووٗنُس، پننہٕ پادشاہ بایہ ہُنٛد
لول ہیٛے چھُم، بیٛنہٕ گُنٛد گوٗژھم آسُن۔ یہ بوٗزِتھ باسیو لژھہٕ ریّنہٕ

زمین تہٕ آسمان زٕ نتہٕ نژان ۔ اُچھن گُبس اَنہٕ گٹہٕ۔ لج ٹُنگہٕ دِنہٕ۔ ہنتا کوٚرنیا سقاباہٕ بٔہہکا آغہٕ بابہٕ بٕشہ کتھ وُنتھ، پینہٕ نس شُجقس کنٕ وُچھ، ژےٚ کنٕ وُچھن والین ہٕۓ چھُ تصرُف گژھان۔ اگر یہٕ کتھ کانٕسہٕ کنٕ گژھہ، عفو خدایہٕ، آسہٕ ہٕۓ نکراوٕن، یہ وَنان وَنان لج بُتھ بُتھ دِنہٕ، وَچھ ژیٹنہٕ، تسنٛد خاوند گو ہٕۓ بنگہٕ، لگُس زاہ پارہٕ کرنہٕ، ہتےٚ دوذ کرنہٕ ژھوپہٕ، متے ہٕۓ ہیٚژ زیٚرِ ژرپن۔ متے ہٕۓ کوٚرے مخولہٕ۔ یتھ تتھ نہٕ سنٛبلاۓ ون۔

دوہا دوہا چھُ گژھان، لژھہ رٮ۪نہٕ ہنٛد خاوند چھُ ہوکھان تہٕ کرٹان، یہٕ گوٚ آگال پوش ہیوٚہ، لژھہ رٮ۪نہٕ گوٚ یقین اُمس چھُ عشقہٕ تب سنیوٚمت۔ دوذ ہنیکہ نہٕ یہ زیادٕ کالس زندٕ روزتھ۔ شوٚڈھ کیا شوٚب روزنہٕ اُمس وَراۓ۔ پادشاہ بلے مارےتن یا ٹھوٚےتن، تس پیٚیہٕ ضرور ونن۔ تس اوس عادتھ، ڈوٚتھ یٮ۪لہٕ موکلاوِ ہے سیٚوڈُے نیبر ہے گژھ کنُ۔ اَنہٕ یٮ۪لہٕ تمہٕ ڈوٚتھ موکلوو روزنہٕ پادشاہ بابہٕ بٔروٚنہہ کنہٕ اِستادٕ۔ پادشاہ بابہٕ ووٚنُس وَن کیٚتھہ ملچھےٚ وَنن؟ لژھہ رٮ۪نہٕ دیُت سجدٕ تہٕ دژایہٕ پالنس۔ دوذ اُس سو دوہے پادشاہ بابہٕ بٔروٚنہہ کنہٕ یتھےٚ کنٕ اِستادٕ روزان۔ اَکہٕ دوہہ کرحبہٕ خوتونہٕ مجبور زِ متے چھُ باسان ژےٚ چھےٚ کیٛاہ تام وَنن؟ وَنان کوٚنہٕ چھکھ؟ لژھہ رٮ۪نہٕ دیُتُس بٔروٚنہہ کنہٕ سجدٕ۔

وَدان وَدان وۄنَنَس، پادشاہَم، وَنُن چھُم، مگر وُنِتھ چھُس نہٕ
ہیکان، وَننَس لایق تہٕ چھُنہٕ۔ شوٗڈ چُھ یِچھ ہیوٗہ خاوند، سُے چھُم
مُرنہٕ سَر۔ تَس اگر کینہہ کیٚتھ اوس شوٗڈ لگہِ واو گلبن۔ پادشاہ بایہٕ
وۄنُس، برونہہ کیاز وۄنُتھ نہٕ، عَلاجہِ خاطرٕ آسہٕ ہا۔ یوٚند لبت
کوٚرمُت۔ حضور، تَس چھُنہٕ یہ دود، ڈوٗن واجنہِ وۄنُس وَدان
وَدان تِکیازِ تَس چھُ عشقہٕ دود، کَسُند عشق چھُس سَنیوٗمُت ؟
ڈوٗن واجنہِ وُتھ سارِی سیے بدلَس تھَر تھَر، زِیُو کلیشایس، گلی گنڈِتھ
وۄننَس اَڈ کِجہِ زِیہٕ۔ پادشاہَم! تُہند عشق چھُس، یہ وَنان وَنان
آیہِ یَنھر لاینہٕ۔

دِیان یہ بوٗزِتھ کھُرٕ نہٕ حبہ خوتوٗنہِ ڈیکَس دَرٕ ہہ تہٕ۔ ڈوٗن
واجینی پیٚلہِ حبسہ کھیپر، پادشاہ بایہ اَنناو پانَس نِش، کوٚرنَس
دِلاسہ مَدایہٕ، بیقلی ژِ کیازِ کھوژان، اَمیُک عَلاج چھُ مےٚ نِش،
گرِتھ دَن پننِس خاوندَس حبہ خوتوٗنہٕ تہٕ چھُ چون سَنح لول۔ ڈوٗن واجنیٚ
وآژ گرِ، دُنِن سآپے دلیل خاوندَس پننِس، دلیل بوٗزِتھ زَنِتہٕ
ڈول تَس لقمانَن دستِ شفا۔ اَمِس پھِیوٚر نوٚو یا ون۔ یِگاہ
دوٚن حبہ خوتوٗنہِ بیٚیہِ تہٕ لرِتھ رٕینہٕ، پننِس خاوندَس وُزِ زِ حبہ خوتوٗن
چھے وَنہٕ وُچھان۔ یوٚنام سُہ یِم مدرِ شیٚچہِ بوٗزِتھ تِتھے صحت مَند گو
یُنہ برونہہ اوس۔ وَقتاہ گو، حبہ خوتوٗنہِ دوٚن اَمِس ڈوٗن واجنہِ

پگاہ رونہٕ زٕ ژٕ راتس ییتی، خاوندس ڈُنی زٕ پگاہ راتس یوٚرِ واتُن
ٹہٕ آسس پننس شبستانس اندر پآرآوِتھ، سیٚودُے گژھہ مےٚ نش
واتُن. مگر کینٛہہ شرط چھس. اگر نہٕ تم پوٗرٕ کرن ٹینٛٹھ لآیہٕ کرٕ پآٹھی
بییس کلہٕ ژٹنہٕ. گوڈنیُک شرط چھُس یہٕ زِ کُنٹھس منٛز بییہ نہٕ
گاش زالنہٕ، دوٚیُم شرط چھُس یہِ زِ سُہ کرِ نہٕ مےٚ ستی کتھ باتھ،
ترٛییُم شرط چھُس زِ میانہِ بُتھِ پیٹھٕ تُلِ نہٕ نقاب تھوٚد. یاد تھوٗوِ زِ
یمو شرطو منٛز. یوٚدوَے کانٛہہ شرط پھُٹُس محل خانہٕ منٛز ہیکہٕ نہٕ سُہ
زِندِ واپس نیرِتھ، نیروُنس پگاہ شامن آسس ٹہٕ پژاران.
اما پوٚزٕ ژٕ ہیکِہ سُلی پھہن.

لڑہ ریٚنہِ ڈُنی ریٚنس شیٚچھ تہٕ شرط، باندباند کوٚرنس زِ اَکھ
وآتی زِ وقتس پیٹھ بیٚیہ سُیتھنہٕ کانٛہہ شرط پھُٹی. تیٚلہِ نیرِکھ نہٕ تتہٕ
زِندے واپس. پگاہ وآتٕ سو دربارس منٛز، ڈوٗتھ گرِتھ موکلوٗن
عرض کوٚرُن حبہ خوتوٗنہِ نِش وونی کیا حض چھُم حکمُ؟ حبہٕ خوتوٗنہِ اُنی
دایا اَکھ تہٕ دوٚپنس، پآراوُن سآیہ لڑہ ریٚنی. سَنز ستی چھلُن
چھوکُن، پُری ہِنٛدی پآٹھی گژھہ گاہ ترٛاوِنی. موخصر تہٕ کوٚرُکھ
اَمِس سرٛانا دیانا ، فُلِ لہٕ موٚلہس. شام ہیوٚتُن واتُن حبہ خوتوٗنہِ
اوٚن پننہِ دردنک جورِ، لوگ تمہ نآلی، اُچھن سو رمہ، کُمن کرِ زُل
کُنن کنہ واجہِ، پآرآوِکھ تیتھے کُنی ییتھ کُنی حبہ خوتوٗن پآراونہٕ یوان

أس یٔتھوکھ گژھِ کھُٹس اَکِس مَنٛز، ہُتھِس تھووہَس لِقاب، کھُٹِس ژھیئو رُکھ گاش۔ وَقتَس پیٹھ ووت لَرٕژھ رٔبنہِ ہُنٛد خاوند۔ واتنوُکھ یہ اَتھ گژھِ کھُٹس مَنٛز۔ اَمی پاٹھۍ سأرۍ شرط، مالہِ پھیوٗلہٕ وُن ہیوٚہ دٕراد واپس یہ اوس نہٕ دِژھان کُنہِ زٕ شوٚٹھَن گنذأرِ حبہِ خوتو نہٕ سیٛتی راتھ۔ تسنٛز آشِینی تہِ آیہ سٕرانا دِیانا ہ کٔرِتھ صُبحاے گرٕ۔ اَتہِ وُچھُن خاوندہٕ سیٛٹھا خوش۔ دوٚپنس، وَن آشیا کانہہ زٕنانہٕ لیوٚ سہ پٔژُن زُو مِیأنی پاٹھۍ خاوند سٕندِ خاطرٕ خطرس مَنٛز ترٲوِ؟ خاوندن ووٚنُس نہ کانہہ نہٕ، ژون ژھُم احسان یَتھوتھو ووٚنی۔ وُچھتہٕ پادشاہ بابہ کرٕژھ ژھپے آسان، کیٛتھۍ پاراوِ ژھہ تِمن آسان؟ آ، آ، وُچھُم ژانہِ دُعایہ خأرٕ۔ خاوندن ووٚنُس یَتھوتھو ووٚنی راتس اوٚسکھ میٚ نِش، وَیان ژھُم پادشاہ بابہ نِش اوٚسمس، تھوٚ ژانہِ عقلہِ، فکرۍ تو زُے نہٕ۔ أتھی دٕ پکھ اوٚسم لولاہ تہٕ کوٚشم۔" [1]

---

[1] ... بہ الفاظِ غلام نبی آتش (بحوالہٕ کأشُر لکہ ادب ۱۹۹۰ء) آتش صأبن ژھُ مٔے لیوٚکھمُت زِ تِمۍ اوس یہ قِصہ ۱۹۸۸ء ہَس مَنٛز لالہٕ پوٚہل نأوۍ دلیلہِ گرِس نِشہِ پہلگام دوٗر آڈو نیہ کنٛزِ ناگ جایہ بوٗزمُت۔ یِتھے اوس عبدالعزیز شاہ (کانہٕ) نأوۍ نمبل (مٹن) گامکۍ دلیلہ گرۍ تہٕ بوٗزنوومُت

۱۹۶۷ء ہَس اندر چھَپے یہِ میٚانٛی شعرٕ سومبرٕن
"بیٚییہِ سُے پان" اَتھ مَنٛز چھُہ اَکھ غزلُک شعرٕ

نظَر چھِنہٕ مُژ لل دَید
خبَر چھِنہٕ حبہٕ خوتون

# زان پچھان

مارِنی میائُنی اَرباب اُسی
تَے دڑام حبہ خوتوٗن ناو

۹،اپریل ۱۹۵۲ء ہس اندر ییلہِ مہجور گُذریوو تہٕ سرکاری اعزازٕ
سان سَپُد الھواجَن تَتھ جایہِ دَفن، یتہِ یتھ کالہِ رِواتہٕ
مُوجوٗب حبہ خوتوٗن اوسوٗد چھیتے، مولانا محمد سعید مسعوٗدی
مرحوٗمَن پہٕ شعر آس پیپرَس لیکھنہٕ:

بنے حبہ خاتون کے ہمسایہ آج
یہ مرحوم، مغفور، مہجوٗر ہیں

# (۸)

# حبہ خوتونہ ہُنٛد ذات نام

حبہ خوتَن چھےٚ سوٚ خوش نصیب شاعِر یٚمی سُنٛد ناو ہتہٕ بدٕ ووٚری یلہٕ پیٹھہٕ کاشرِین ویوٚد چھُ تہٕ یٚمی سٕنٛد کلامہٕ اَدٕ یُتھٕے وَتِتھُ ، یتھ شکلِ اندر تہٕ تہٕ ، رٕٹہِ تھ رُٗد . مگر اَمہِ وِہزرہِ باوجوٗد چھ اُہنزِ زِندگی ہنٛدی ثبقہٕ حالانہٕ ییتھ کالہٕ کِس گٹس تہٕ گھلِس اندر راوِ ہتی ۔ یہ صوٗرتھ چھِنہٕ اُمی ہِسے ہتی پیش آمٕژ ، بلکہ اَز بژ ووٚہ ژتجہہ پانژاہ وٗری بٕرٕ وُنٛٹھمین شاعرَن ہنٛدِن ذات نامَن تام چھےٚ یِہے وَنَن گامٕژ ۔ امُیک وَجہ اوس یہ زِ عام لوٗکَن اوس نہٕ اُچھ گاش کُس تمَن ، یی بوزا کھ تی داغِ تھ تھاوناوِ ہے ۔ تم اُسی چھِرا پننی مَن پسند باتھ ، اُکس بٔیس نِشہِ بوٗزِتھ ، سینَن اندر رٕٹھران تہٕ اُنی کُنہِ وِزِ گیوَن لہرا تراوِتھ پننی غَم دَفعاہ کران ۔ تمن کیاہ اوس شاعرَس تہٕ تسٕنٛدِس ذات نامَس سَنٛتھ تہٕ ژھوٚنٛڈ ژھار دِتی ۔ پٔری ہتی لوٗکھ اُسی چِلہٕ وُن سِکہٕ آنہٕ کنی فارسی زَبٲنی مُتی مُتی لگان ۔ نتیجہِ دراو یہ زِ کاشُر شاعر تہٕ شاعری روٗز اَپرِین سینَن اندر زُوان تہٕ تہٕ رٲسی تہٕ گرٹھان ۔

## (الف) شایق چھُ لیکھان

حبہ خوتونہِ مُتلِق چھُ گوٚڈنیتھے عبدالوہاب شایق ۱۷۵۶ اہس اَندر لیکھان:

ییٚلہِ یوٗسف شاہ ژک تختس بیوٚٹھ تمٚس اٚس حبیبہٕ ناوٕچ اَکھ بےمِثال گیوٗن واجنیہ یوٗسہٕ اَکھ وأژہِش خدا دوس اٚس۔ اٚمی سٚند کلامہٕ اوس پُرسوز۔ اٚمی ہٕنٛز آواز اٚس مدٕ ردٕن تہٕ تھوٚد تُلان۔ اٚہنٛدی شعر چھِ کأشرِن اندر سیٹھاہ مشہوٗر۔ شایق ہٕنٛز شیٚچھ خبر چھےٚ اٚمس مُتلِق یِژٕرے۔ شعر چھِ یِم ؎

چو یوٗسف شاہ آمد سرِ تخت جاہ | بگردوں کلاہش رسیدہ چو ماہ
یکی مُطربہ داشت آں نامدار | کہ مثلش نبودہ دریں روزگار
چو بودہ است خاتوں حبیبہ بنام | یکی عارفہ بُود صاحب مقام
چو آں عارفہ نظم گوہر نشاند | از و شعر موزوں بہ کشمیر ماند
سُخن ہای او پیش کشمیریاں | بُود مُشتہر زاں نگر دد بیاں

## (ب) کاچرو چُھ وَنان

بیربل در کاچرو (وَفات ۱۸۶۰ء) چُھ پننِس تواریخس اندر یہِ شیٚچھ وَنان:

"یوٗسف شاہس روٗز حبہ خاتوٗن ناوٕچ اَکھ خوبصوٗرت محبوٗبہ یسٕ تی ووتھ بیٹھ یتھی سٚند لہجہٕ تہٕ آواز بےمِثال اٚس

---

لہ حبیبہ چھِ اٚمی وَزنہٕ مو کھ گوٚنڈمُت، نتہٕ چُھ پانے وَنان تمی ہٕنٛدی بأتھ چھِ کشیر مشہوٗر تہٕ مشہوٗر چھِ "حبہ خوتن" ناوَس تَل۔ کأشرِ چھِ حبیب ناوَس حبہ وَنان۔ حبہ صاب۔ کُرد (کُردستان ایران) تہٕ چھِ خدیجہ بَدلہٕ خطِج، ہاجرہ بدلہٕ ہاجہ، خورشید بَدلہٕ خودِش، اسماعیل بَدلہٕ اسمال تہٕ حبیب بدلہٕ حبہ وَنان۔ یہِ ہِشر چھُ توَجہ منگان۔

تمۍ ہٕنٛدۍ اَجداد آسۍ وٕہو (پانپر) پرگنہٕ کرٕ ژنٛدہار گامہٕ
بسکینہٕ۔ ییلہٕ سو بالغ گیہٕ، تس آو پننِسے قبیلس اَنٛدر کھاندر
کرنہٕ۔ کینژن کالن پتہٕ سو پننہٕ اَنٛدر مہٕ وُزنہٕ کنی کاشری باتھ وَنہٕ
تہٕ گیونہٕ۔ یہ اُس بڈٕ خوش آواز۔ اَمۍ ہٕنٛدۍ باتھ چھ لوکَن
زیٚوِ پیٹھ۔ دپان مقام عراق گیونس اَنٛدر آس یہ ژھ یارۍ
تیژ ناماوار زِ عجمکی تہٕ عراقکی گیون وٲلۍ تام آسۍ کریمانہٕ کڈان۔
اَتھ گیونس پیٹھ لگۍ اَمِس وارِکۍ لوکھ کھوٗنڈۍ لانہٕ طعنہٕ کرنہٕ۔
اکہٕ دوٚہہ گوٚنڈہس پتہٕ لوٗشِچہ خلع نامہٕ تہٕ حیلہٕ کٔرِتھ سوٚ زٕ کھ
کھاندرس ستی مالِنۍ۔ وَتہٕ لکان گیہٕ سو یوٗسف شاہ ہٕنٛدِن
مُلازمن نظرِ۔ تمۍ سٕنٛد حُسن وُچھتھ تہٕ آواز بوٗزِتھ واتناوِکھ
تمی ساعتہٕ شہزادس نِشہٕ[۱]۔ سُہ گو اَمۍ ہٕنٛدِس حُسنس پیٹھ
زوٗجانہٕ فِدا تہٕ اَمِس کوٗرُن پننہٕ ہم بستری ہُنٛد شرف عطا۔"

(فارسی پیٹھ ترجمہ)

کاچرٕ وٕ چھُنہٕ حَبہ خوتونہٕ ہنٛدِ مقام عراق گیونس اَنٛدر باکمال
آسنچی یاژ کتھ کران، بلکہٕ چھُ وَنان سو آس مقام اساورۍ تہٕ بلاول
تہٕ تمی مہارژ گیوان۔ تٕسنٛدِ ہنٛدٕ یہٕ سہٕ تہٕ آواز نیران آس، سو آس بوزَن
والین پانس ستی ڈیٚہتھ نِوان۔

---

۱۔ یوٗسف شاہ بیوٹھ ۱۵۷۹ اندر تختس۔ یہ چھُ تمۍ سٕنٛز شہزادگی ہُنٛد
واقعہٕ۔ امہٕ وِزِ اوس اَمۍ سُنٛد موٲل علی شاہ (۱۵۷۰–۷۹) بادشاہ۔

## (ج) حسَن چھُ دپان

حسَن کھویہامی چھُ کاچرٕ ہٕس پارٕ وی کرٕتہ پننس توارِخس (۱۸۹۲ء)
اندر یہِ زانکاری دِوان:

"حبہ خوتون ناوچ اُس اکھ محبوبہ، بے پناہ حسین، خوش آواز تہٕ نازل۔ دپان سوہ گُل روے اُس وٕرہو (پانپر) پرگنس اندر ژندہار گامہٕ کِس اکِس گرٕیسی سنز کور۔ تمِس نٕسُد اکِس آوارٕ مزاز تہٕ کنگال شخصٕس ستی کھانٛدرٕ۔ خانٛدارٕ سِندی بد کرتوت وُچھتھ گیہِ تس وارٕ ین ستی مژکری تہٕ کتھ واتٕز اوّت پیٹھ زِ دوٚن بأژن گوٚ پانہٕ وأنٛز ژھین۔ اکہِ دوٚہہ سأل کران پییہ یوسف شاہَس امِس پیٹھ الغأبہ نظر ییلہِ یہِ عراقِ مقامس پیٹھ اکھ کأشُر بأتھ اُس گیوان تمِس رٕژُد نہٕ پانَس تام۔ چنانچہ دوٚیمِ دوٚہہ کرِن اُہنٛدمول موج مالامال تہٕ امِس نازنینہِ بخشُن پننہِ ہم بستری ہُنٛد شرف۔"

(فارسی پیٹھ ترجمہ)

## (د) فوقَ چھُ لیکھان

محمّد الدّین فوقَ چھُ "خواتینِ کشیر" (۱۹۴۰) کتابہ اندر یہِ اوحال نامہ لیکھان:

پانپر چھُ کشیرِ ہُنٛد اکھ مشہور تہٕ تأریخی قصبہ۔ امِہ کس جنوب مشرق اندر یوٚہے ۲ میل دوٗر چھُ کونگہِ وُڈر اندر اکھ گام ژنٛدہور۔ اتہِ اوس

ژُرٲہمہِ صدی اندر اَکھ گژھُس عبدی راتھر ناوُک روزان۔ نوژُک شاہ
ہِشنزِ پادشاہی[1] ہِنڈِ ہِن آخری دوہَن ہِیپنز عبدی راتھرس اَکھ کوٗر
عطا، یِیمِس تِمو زوٗن ناو تھوو۔ گامس منٛز نہٕ اوس کانٛہہ ژاٹہٕ ہال، نہٕ
ہنکہٕ ہے تِمَن دوہَن کانٛہہ شُنٛخرُژ پنہٕ کورِ پَرناوُنک گُمانہٕ کٔرِتھ۔ مگر عبدی
راتھرن ترٲو یہٕ اَکس گامہٕ مُلس نِشہٕ سَبقس۔ اَمہِ پوٚر گوڈٕ سواد پٲٹھی
قرآنِ شریف، گُلستان، بوستان بیترِ، پتہٕ پوٚرُن معنہٕ پٲٹھی قرآن
تہٕ اَتھی سٟتی رَوٗز اَدب، اخلاق، دینی تہٕ علمی کِتابَن ہُنٛد تہٕ مُطالہٕ
کَران۔ اَکس تِتھس گَرس اندر یٚتہٕ نہٕ کانٛسہِ الف بے تہٕ پوٚر مُت اوس،
کوٚر زوٗنہِ علمس دِہاتہٕ۔ یہٕ وُچھتھ لَگی لوکھ اَتھ عَجَب کرنہٕ زِ عبدی راتھر
چھُہ شہرس اندر، خبر کَتھ ڈکھجل گرس اندر، زوٗنہِ نیتھر کرُنک خیال تکیاز
پٔرنہٕ ہش عالِم کوٗر ماکرِ کانٛسہِ اَن پَرِ گژھی لڑکس سٟتی کھانٛدر۔
زوٗنہِ ہِنٛدِ علمی شوٗہرژ کٔنی لَگی بڈی بڈی عالِم تہٕ فاضِل اَمِس
سَمکھنہٕ خاطرٕ ژنٛدٕ ہور واتنہٕ۔ بیٚٹھ اَس اَمس بے پناہ میٚٹھ تہٕ مُدر آواز،
چنانچہ ییلہٕ یہٕ قرآنِ شریف تھَدِ ہٹہِ پَران اَس، آسمٲنی ڈوٗڈِ زِ جانادار
تہٕ اَسی رٔہتھ گژھان۔ تِمَن دوہَن ییٚتہِ مول موج کانٛسہِ شریف کورِ
کھانٛدر کَرِ ہے، سوٗ اَس کَلہٕ نوٚمرِتھ آمنّا کَران۔ چنانچہ عبدی راتھرن کوٚر

---

[1] ۔ ۱۵۴۰-۱۵۵۱ء تواریخ چھہ اَمس یہِ ہے ناد لیکھان مگر اَہِنٛدِ ہِن سِکَن
چھُہ اُہُنٛد ناو نادر شاہ میلان۔
[2] ۔ عبداللہ المعروف عبدی راتھر۔ ( ہماری کہانیاں۔ جلد دوم ص ۴۷ )۔

أمِس پَننِس اُکِس اُشناو نوعُمر لڑکَس سٕتی کھانٛدر۔ یہِ لڑکہٕ اوس اَن پَر تہٕ بَد اخلاق۔ یہِ نہٕ اوس زوٗنہِ مازان نہٕ پرٛژھان۔ پیٚٹھ اَمِس ہَش تہٕ ہہُر گُدی کران زِ ژٕ یوٚدوَے کِتابَن اَندرٕ لَسُن بَسُن اوسُے کاٗنسہِ مَلَس سٕتی کرُی زٕہہ نیتھر۔ یِنیترٕ ہَے روزُن چھے تیٚلہِ گو گرٛہستِل کرٛنۍ اُمِس یُس یہِ چھوکھ دلس لوٚگ۔ اُمی رٕٹ "وبدالکھَن" ہنٛز شکل۔ یوٚتام یہِ وارٕ وارٕ گاٗمی گامَس مَنز" گوٚنہ ماتھ "مشہور گیٔ۔ اکہِ دوٚہہ گیہٕ زوٗن پَننِہ ولہَن سٕتی پانٛپیرٕکِس خُدادوس خواجہ مسعودسٲلہٕ نِشہِ۔ تِمو تھوٗس "حبہ خوتوٗن" ناو تہٕ سٕتی وونُس سیٹھاہ جَل آسی ژٕ ہے وۄڈ شاہی تاج۔ ۱۵۷۱ہَس اَندر اُمِس یہِ پَننِہ دُج اَندر ژوٗر دِوان تہٕ مقام عراقس پیٹھ گیوان زِ یوسف شاہ دڑاو اَپارٕ۔ سُہ گو اُمِس پَتھ فلوا۔ اُمی اَنوو اُہنٛد روٗن۔ تِمس دِتن پانٛژھ ساس درہم تہٕ طلاق دیاوِتھ کرٛن پانَس نیتھرٕ۔ اَمہِ وَقتہٕ اُس یوسف شاہ ہِنٛز واُنُس ۲۸ تہٕ حبہ خوتونہٕ ہنٛز ۱۹ - ۱۸ دَرمیان۔ اَمہِ پَتہٕ ژٕ[14] داہَن وُرِیَن کرٛ اَمہِ شاہانہٕ زِندگی بسَر۔

یوسف شاہ ہنٛدِ بن دَرباری موسیقارَن نِشہِ کوٚر اَمہِ سیٹھا جلد موسیقی ہُنٛد فن حاصِل تہٕ تہنٛدِ امدادہٕ سٕتی کرٛن فارسی موسیقی ہِنٛدی اُصوٗل تہٕ

---

لہ محبت الحسن چھُ "کشمیر انڈر سُلطانز" اَندر وَنان زِ حبہ خوتونہِ وَتاٗوی اُکِس صوٗفی بزرگ مُبارک شاہ بیہقی سٕندِس وَننَس پیٹھ کاٗشرِس اَندر فارسی بحر تہٕ وَزن۔ یہِ چھُ محض ٹُلٹی۔ حبہ خوتونہٕ لیکھمر وژن یمن نہٕ فارسی بحرَن تہٕ وَزنَن سٕتی کانٛہہ تہٕ توٲلق چھُ۔

قاعدٕ مُرتب۔ ۱۵۸۵ء اندر ییلہِ اکبرِ اعظمن کٔشیر فتح کٔر، یوٗسف شاہ سٕپُد گرفتار[1] تہٕ حبہ خوتوٗنہِ ہنٛز گرفتٲری ہُنٛد تہِ دژاو حکمُ مگر سو آس بڑوٗنہٕ ہے شاہی محلہ خانہٕ ترٛاوِتھ تہٕ فقرُت اختیار کٔرِتھ پانٕتہٕ چھوکھ گامژ تہٕ تتہِ اُسن پہیرِ ہن بنٲوِمژ۔ لوٗکو کٔر یالِس" جان جان مکانہٕ پیش" مگر تمہِ درویش صِفت پادشاہ بایہ کٔرُ پہیرے پسنٛد[2]۔ اتھ پہیرِ نکھہٕ بنٲوِ تمہِ اکھ مسجد، یوسہٕ اَز تہٕ تہنٛدِس ناوس پیٹھ مشہوٗر چھےٚ۔ ۱۶۶۴ء اندر ٹیٛر اَتھ اندر اورنگ زیب[3] عالمگیرن پیٚشِن نماز ییلہِ سہ ڈٕزی یاوی

---

۱۔ حسن چھُ اکبرِ فوج شہرس منٛز اژنُک مادٕہ تاریخ "خیر مقدم" یعنی ذی قعدہ ۹۹۴ھ مطابق اکتوبر ۱۵۸۶ء ہاوان۔ یہ ہےٚ چھُ یوٗسف شاہ سنٛز گرفتٲری "نیو گرفتار گو" یعنی ۹۹۳ھ (۱۵۸۵ء) وَنان۔ پتہٕ چھُ وَنان زِ یوٗسف شاہَس پتہٕ کٔر یعقوب شاہن اکس وری یِس دہ ن رہتن حکوٗمت۔ تیلہِ چھُ یعقوب ڈک جنوری ۱۵۸۶ء (۹۹۴ھ) پیٹھ مارچ ۱۵۸۷ء (۹۹۵ھ) تام پادشاہی کران۔ پتھ کپأری گوٗ "خیر مقدم" تاریخ صحی۔ اَصلی چھُ اکبر حملہٕ کران دسمبر ۱۵۸۵ء ہَس (۹۹۳ھ) اندر تہٕ جنوری ۱۵۸۶ء اندر چھُ یوٗسف شاہ گرفتار گژھان :: تاریخ چھُس " انیو گرفتار گوٗ " (۹۹۴ھ) یعنی وُنہٕ ڈژھس تہٕ گو گرفتار۔ یعقوب شاہنہٕ اکھ وری حکوٗمت کرنہٕ پتہٕ چھُ اکبر دُبارٕ جوٗن ۱۵۸۷ء اندر فوج سوزان یُس فتح حاصل کٔرِتھ اگست ۱۵۸۷ء ہس اندر شہرس اندر اژان چھُ۔

۱۵۸۹

۲۔ " فوقن چھُ " تاریخ بہارستانِ شاہی" چہٕ بُنیاد پیٹھ حبہ خوتوٗنہِ ہنٛدزا وری ۱۵۴۱ تہٕ ۱۵۵۲ درمیان تہٕ تسنٛز وفات ۵۶۔۵۷ وری ہاوِمژ۔ مگر اتھ تاریخس اندر چھنہٕ حبہ خوتوٗنہِ ہُنٛد ناد تہِ کُنہٕ ہینہٕ آمُت۔ [حبہ خوتوٗن۔ مُرتبہ کامل]

۳۔ خبر فوقن کتہِ اَنی یہِ شیٚیچھ خبر۔؟ باسان چھُ یتہٕ چھُ کھُ مُت افسانہٕ۔

سأل کران اوٚت نَنہٕ ووت اَمِچ خستہٕ حالت وُچھِتھ کرناوٕنس مرمت، ییٚلہِ وَننہٕ آس یہ کمٕ چھ بناوہٕ ہۍ۔ پتہٕ آیہِ اَتھۍ جایہِ حاجی محمد رمضان ٹھیکیدار سرینگر ہٕندہِ ذٔریہ بیٚیہِ مرمت کرنہٕ۔

اَمہِ کہانی برٛونٹھہٕ صرف نو وٕری چھ یہ ہٕۓ فوق مرحوم حبہٕ خوتونہِ متلق تِمن پھران یہ حسنن لیوٚکھمُت چھ[1]۔ یہ کہانی چھےٚ موٚلی مہجورصٲبَن کاچرٕ تہٕ حسن ہٕندِ بیانٕ افسانوی رٔنگہٕ غوطہٕ دِتھ فوق مرحومس حوالہٕ کرہٕ۔ تمی تہٕ چھس بیٚیِن مذہبی الوس موٚلمُت تہٕ پتھ کٔنۍ لَب اُمی "دُ آتشہ" ذات نامن کشیرِ اَندر تہٕ نیبر تیٚژ شوہرتھ زِ ووہٕ ہنیکہٕ نہٕ کانٛہہ اَمہِ ہٕنبرسوٚ نِچیتھ چھے۔

## (ھ) انیس کاظمی سُند گُف

بشیر بشر صاب چھ شیرازہٕ ۱۹۸۴ نمبر ۴ ہَس اندر انیس کاظمی صٲبُن یہ گُف پھران زِ "گُلستان کشمیر" تواریخس اندر چھ لیکھتھ زِ حبہٕ خوتونہِ ہٕندِس مٲلِس اوس سیّد بہار شاہ ناو تہٕ ماجہ اوسُس بی بی بدر جمال۔ مٲج مرنہٕ پتہٕ رٕچھ سو ژٔندہٕ ہارٕ کِ عبدی راتھرن تہٕ جمالہٕ کوٚرنس

---

[1] "حکایاتِ کشمیر" مضمون "عیش پرست بادشاہ کا انجام" صفحہ ۹۸ دٔویُم ایڈیشن ۱۹۲۱ء

[2] "خواتین کشمیر" چھےٚ ستمبر اکتوبر ۱۹۴۷ء۔ مہجور صاب گو اصلی اُہندی خاطرٕ ژٔندہٕ ہوٚل پٔننہٕ ڈائری اندر چھ ۲۸ اپریل ۱۹۴۰ء تارٕخس تَل لیکھان "چند ہا دمیں حبہ خاتون کی نسبت تحقیقات کیا گیا۔" یہ ہٕۓ تحقیقات چھُن رنگ آمیزی کٔرِتھ فوقس سوٚزمُت، اُمیُک اعتراف چھ تمیٚ کوٚرمُت۔

کمال الدینَس سیتۍ یُس ماتُر بوے اوُسس کھاندر[۱]۔

انیس صابَن چھ "گلُستانِ کشمیر" مُطابِق حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز مٲلۍ ماجہ وَتہٕ، کوہلاولی[۲] تہٕ یتھ کُنۍ پیش کرٕ ہٕش۔

[مٲلۍ وَتہٕ]




[ماجہ وَتہٕ]




---

[۱] مٲج مَرنہٕ رُوٗدُس نا مالِنۍ گرس مَنٛز کھنی ؟ اُمِس اَسا مٲجی یاٗژ ؟ عبدی راتھر کُس اوُسکھ ییٚنمی یہٕ لاژمَن لوٗکہٕ پانہٕ پیٚٹھ پاٗج ؟ ماجہٕ قبیلَن یِمو نوش تہٕ بَناو کونہٕ پرٛژہاس مٲج ہٕژھ ؟

[۲] اِمکانٛچ کَتھ چھےٚ وَکھ، مگر اَسہِ چھُنہٕ زانہہ تہٕ بُڈٛین شاعرَن تہٕ رُوٗحانی شخصَن ہنٛز کوہلاولی رٛژھراونک توفیق اوسمُت، خبر اُمۍ سنٛز یہِ کوہلاولی کیتھہٕ پاٹھۍ اَمہٕ تکلفہٕ رٛژھراونہٕ آمٕژ۔

اَمہِ کو لاولی مطابق چھُ حیدر ژک حبہ خوتونہِ ہُنٛد نیٚچو۔ کیٚنہہ توٲریخ چھِ اُمس یوٗسف شاہُن دۄیُم نیٚچو وَنان۔ یہِ اوس قاسم خان میر بحری یُس ستی یٚیلہِ تمی کٲشیرِ پیٹھ حملہٕ کوٚر۔ پتہٕ آو یہِ قٲد کرنہٕ تہٕ قتل تہٕ سَیدٕ کینٛژھو بنود بیا کھ قاسم خان حبہٕ خوتونہِ ہُنٛد منگتہٕ نیٚچو۔ مگر "بہارستان شاہی" چھُ اُمس مُتلِق لیکھان زِ یہِ شہزٕ اوس پنٛج نسل تہٕ بَلی یوٗن شوہر یوسُف شہُن نیٚچو آسُنک۔ اُمی مور یعقوب ژک زہر دِتھ[1] محض جاگیر کھیٚنہٕ خاطرٕ۔ مگر کیٚنہہ چھِ وَنان اکبر بادشاہَن سوٗزُس زہر اولوٗد خلعت، تمی ستی گو از جان[2]

(۹) حنفی چھُ دَیان

مثنوی حبہ خوتونہِ اندر چھے حنفی مرحومن یہِ لوکہٕ دلیل نظماوِتھ۔

"دَیان شہرِ خاصس منٛز اوس اکھ سوداگر خوٗجہ حیا بند ناو روزان۔ تس اَسی چینہٕ کس بادشاہَس ملک دارولبس ستی خاص تولقات۔ سُہ اوس کٲشیرِ ہنٛدِس خوٗجس نِش مال تہٕ دوزُم تُلان۔

اکِہ لٹہِ یٚیلہِ خوٗجہ چھُ ملک دارولِس ستی حساب بوزان۔ تس چھِ خوٗجہ ہشنز ترٛے ساس تہٕ ترٛے ہتھ موہر باقی نیران۔ ملک داروب چھُ اَمہِ لٹہِ مُفلِس آسان گومُت تہٕ

---

[1] یٚیلہِ نہٕ اُمس یہِ کیٚنہہ واتہٕ ہے، میٚنڈِس شریک کیتہٕ گٔی اوسُن بنود مُت؟

[2] نوادرالاخبار بحوالہ تاریخ حسن فارسی فٹ نوٹ۔

ییٚلہِ خوٚجہِ اُمِس وُگرٕۓ منگان چھُہ۔ سُہ چھُہ یَنٛح عاجز یوان
تہٕ آخر پَنٕتہٕ زنانہِ سٕتی مشوَرٕ کٔرِتھ چھُہ اَتھی نتیجس پیٚٹھ واتان
زِ تم کٔرن خوٚجس پَننہِ ٹاٹھ کوٗر حبہٕ خوتوٗن حوالہٕ۔

خوٚجہ حَیا بند چھُہ اُمِس کوٗرِ چلینٕہ پیٚٹھ کٔشیرِ واتناوان
کٔشیرِ وٲتِتھ چھُہ اَمۍ سِندۍ جوٚہر نٔنۍ نیران۔ سو چھےٚ خوٚجہ
حَیا بَندَس تہٕ تٔمۍ سِندِس نیٚچوِس حسابَس پھیرکڈان۔
یَتھ تم پانہٕ سیٚٹھا مجبوٗر آسی گٔمتۍ۔ تمہِ اوس یہِ کارکرلَس
پیٚٹھ خوٚجس آزاد کَرنُک وعدہٕ ہیوٚتمُت۔ یَتھ سُہ پتہٕ
پوٗرٕ چھُنہٕ کَران۔

سُہ چھُہ اُمِس پَننِس نیٚچوِس خوٚجہِ لالَس سٕتی حَفض
ہاتفہٕ سٕنٛز بَشارتہٕ پیٚٹھ کھانَدر کَران۔ خوٚجہ چھُہ تہنٛد کھاندَر
بَڈٕ چٕکہِ چاوٕسان کَران۔ مگر مہرِ نہِ مہرازس چھُہ گوٚڈنِچے راتھ
مَنٛز اَکھ عجیب گاٚیلہِ دَرپیش یوان۔

خوٚجہِ لالَس چھےٚ کٔٹھِس مَنٛز تریٚش لگان۔ سُہ چھُہ وُنۍ
دِوان تہٕ تریٚش چَھس نہٕ لَبنہٕ یوان۔ حَبہٕ خاتوٗن چھےٚ یہِ زٲنِتھ
زِ تٔمۍ سِندِس خاندارس چھےٚ تریٚش لَجمٕژ، گلاسہٕ ہیٚتھ کٔٹھِ
مَنٛز نیران۔ اَتی چھُہ تمِس اَڈٕ وَتہِ مَنٛز یہِ ڈٔیِ زِ تہِ تیٚتھ لاٚتی
نیلے باگنہٕ یوان یُس تَس ہمیشہِ خاطرٕ پَننِس خاندارس
نِشِ جُدا چھُہ کَران، مطلب چھُہ یہِ زِ تَس چھےٚ اَتھ وقتَس

مَنٛز اَکھ خوٗرشاپھ دِوان۔ سوٚ چھےٚ تَس سیٖنہٕ چھٕلِتھ نوٗرُک خٕلتھ وَلان۔ خوٚجہ لالہٕ چھُ راتَس آسان خوتوٗنہٕ پٔراران۔ مگر سوٚ ییلہٕ چھُس نہٕ گُنٛے یِوان تَس چھِ شک گُزران۔ اَوٕکنۍ چھُ سُہ پَتہٕ سَنٛح شرارتَس لاینہٕ یِوان۔

صُبحَس ییٚلہِ جبہٕ خوتوٗنہٕ شاپھ وۄتھان چھِ۔ سوٚ چھےٚ یہِ سوٗنٛچِتھ بٔڑ پریشان گژھان زِ گُسٕنٛد خانہٕ دار کیٛاہ آسِہ تَس مُتلِق سوچان۔ سوٚ چھےٚ ژھٕٹی متھو کو ژھوٗنٛز ییٚشِس ہیٚتھ کٕٹھِس مَنٛز اَژان تہٕ گُسٕنٛد خانہٕ دار چھُ تَس وُچھتھٕے کٕٹھِ نٕیبر ژٕلان۔

خوٚجہ لالہٕ چھُ جبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنٛز شِکایَتھ پَنٕنِس مٲلِس ماجہِ نِش تہٕ کران۔ تِمہٕ چھِ پَنٕنِس نیٚچُوِس چیٖنہٕ کِس سٲلِس سوزان۔ ہُیارٕ ی چھےٚ جبہٕ خوتوٗن غمَس مَنٛز گٔلِتھ آسان گاہَژ۔

خوٚجہ لالہٕ چھُ اَکہِ دۄہہٕ رِ یَتہٕ گرٕ واپَس یِوان۔ سُہ چھُ دوکھ پٲٹھی جبہٕ خوتوٗنِہ گرِس کُنہِ گرٕ کٔڈان تہٕ پانٛچھَن وٲنۍ ن داد۔ ییٚتہِ جبہٕ خوتوٗنِہ خانہٕ دار ہِسنٛدِس کوٗٹھِس بیٚہِتھ کٔلہٕ تھٲوِتھ نیٚنٛدٕر ہیوان چھےٚ۔ سُہ چھُ اَمے وِزِ تَس لوٗنٛچہِ خط گٔنٛڈان یَیمہٕ موٗجوٗب تَس خلُع اوس ہیوان۔ سوٚ ییٚلہٕ نیٚنٛدٕر بیدار گژھان چھےٚ وُچھان چھےٚ زِ خوٚجہ لالہٕ تَس دَغا دِتھ ژٕلِمُت۔ سوٚ چھےٚ پان کھاٹہٕ وَنُک یرادٕ کران۔ مگر اَمہٕ نِشہٕ چھُ تَس

اَکھ ہانٛز بچاوان۔

اُتھی وَقتَس مَنٛز چُھ کٔشیرٕ ہُند بادشاہ یوٗسف شاہ اوسمت یُس خابَس مَنٛز وُچھان چُھ زِ پانٛژھن پٔھنے ڈٔری یاوَس مَنٛز اَکھ حوٗرٕہَس زَنانہٕ ہیر گَژھِ سہ چُھ صُبحَس پَننِس دَربآری شاعر مُلّا سلمانَس پَرٕندَس کیتھ توٚت رَوانہٕ کَران تہٕ یانہٕ چُھ گَژھِ کیتھ پانٛژھن نیران۔ تور واتِتھ چُھ ہانٛزٕن نِش موٗلوم کَرِتھ پَتہٕ حبہٕ خوتوٗنہٕ گوٚ ڈیٚنٛچہٕ لَٹہٕ وُچھان۔ یوہ سہ بے ہوشی ہِندِس عالَمَس مَنٛز آس۔ ییٚلہٕ مُلّا سلمانُن پٔرٕندٕ ہَس نِش واتان چُھ سُہ چُھ حبہٕ خوتوٗنہٕ اَتھہ مَنٛز کھالناوان تہٕ پانہٕ چُھ گَژھِ کیتھ شہر واتان۔ پَرٕندَس مَنٛز ییٚلہٕ مُلّا سلمان ساز وایان چُھ، حبہٕ خوتوٗنہٕ چُھ ہوش یِوان تہٕ سوٚ پٔھنے تمیٚ ہِندِس سازَس نوقص کَران۔ شہر واتناوِتھ چُھ بادشاہ تَس پَننِس مَحلَس مَنٛز پَننہٕ گَرٕ دا جنہٕ ہِندِس صوٗرتَس مَنٛز تہٕ کیٚنٛہہ کالہٕ پَننِس مشیر تہٕ وَتہٕ ہاوِکی ہِندی پانٛژھ تھاوان۔

حبہٕ خوتوٗن پٔھنے بادشاہَس پٔرٕ ہِتھ قدمَس پیٹھ رہبری کَران۔ ہوٚ دایہٕ ہُنٛز کارسازی تہٕ صنعت گَری ہِندی ٹوٗٹھ چھِس پیش کَران۔ بیگمہٕ سٟتی اختلاف گَژھنَس پیٹھ چھِس حُسن تہٕ قُبح ہیٚچھناوان تہٕ اُتھی پیٹھ بادشاہ سُند شادی پوٗر ژٕلِتھ چھِس سٟتی سٟتی روزان۔

یوٚدوَے خوجہِ لالس چھ پننہِ غلطی ہُند احساس گژھتھ حبہٕ خوتوٗن ژھانڈنٕک تہٕ تَس دُبارٕ لبنٕک شوق گسخ گَنان تہٕ توَے چھُ سُہ تَس وُنی دِوان۔ آخر بادشاہ ہنٛدِس مجلسَ منٛز ڈلیشان مگر سو چھنہٕ تَس سیتی رلُن بٔنیہِ کینٛہہ تہٕ مانان۔ سو چھنے تَس آہِ بدکٔرِتھ نِم موٕ رد بناوان۔ بادشاہ تہٕ چھُ حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛدِس اَتھ فعلس زنانہِ ہنٛز جفا جوئی سیتی تعبیر کران۔ مگر سو چھس توزٕ جرٕ ونماشاہ تمیُ سنٛز کنیزٕ ہُند حال بیان کران۔ یُس جرٕ ونماشہنہِ ڈلس پھٹنٛچہِ بدخبرٕ پیٹھٕ پننُن پان زِندے زالان چھنے مگر جرٕونماشاہ چھُ مُلہِ تلہٕ زِنٛدٕ آسان تہٕ پننہِ پھٹنٛچ شوَوَے چھنے تمی آسان محض پننہٕ نِن حرم خانہٕ چین زنانَن ازماونہٕ خاطرٕ ترٛاوٕمژٕ۔

دوٚیِم دلیل تہٕ چھس بوزناوان یَتھ منٛزِ یہِ سبق میلان چھُ زِ بدخاہ چھُ بدٕے یوٚدوَے تَس سیتی سیٹھاہ ژٔر تہٕ ییہِ ورتاونہٕ۔ اَدَے کِنی چھُ گگرٕ اُکس ہُماہس یکھ کٔرِپان ییلہِ سُہ تَس شُرِن ہنٛدِ قبضہٕ منٛز گڈان چھُ۔

اِمہِ دلیلہِ بوزنہٕ پتہٕ چھُ یوسف خان بٔنیہِ اَکہِ لٹہٕ حبہٕ خوتوٗنہِ ہنٛزِ دانائی تہٕ عقل مندی ہُند معترف سپدان۔ مگر تو تہٕ چھُس سُہ سیٹھا مدارٕ کران تاکہِ سُہ ترٛاوِہے خوجہِ لالُن ملالہٕ۔ یوٚدوَے حبہٕ خوتوٗن چھنہٕ بٔنیہٕ خوجہِ لالس سیتی ازدواجی

رِشتَس مَنٛز روزُن یُژھان تو نہٕ چھِے سو خوجہ لالَس دُبارٕ زِندگی پژاونہٕ خاطرٕ دُعا کَران۔ یِیٚمہٕ مۆجوٗب سُہ تھوٚد ووتھان چھُ۔ اَمہٕ پتہٕ تہٕ چھُ تَس حبہٕ خوتوٗنہٕ ہُنٛد لوٗب ووتھان برابر روزان۔

یوسف خان چھُ حبہٕ خوتوٗنہٕ مَنہٕ وَنہٕ موکھہٕ گُلمرگ خوجہ لالَس سیٖتی ساٖلَس نِوان۔ مگر تتہٕ تہٕ چھِے سو بادشہَس ٹاکارٕ جواب کَران۔ یِتی یِتھ چھِے سو ہواٖیی وُڈِتھ گژھان۔ اَمہٕ سیٖتی چھُ بادشاہَس دِل ملوٗل گژھان تہٕ خوجہ لالہٕ چھُ اَمے وَقتہٕ امانتھ دِوان۔"[له]

## (ز) مَلہٕ حبیٖبنہٕ روایت

حاجنکی مَلہٕ حبیبَن یِیٚمہٕ حالہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز داستان پروفیسر محی الدّین حاجنی یُس بوزناوِمٕژ چھِے۔ تمِچ ژھوٚٹرُن چھِے یِتھہٕ کٕنی:

صاحبِ ووستاد وَنان یہٕ ہساٖ اوس خوجہ حیابٕنٛد تہٕ حبہٕ لالہٕ ماٖلی پٔتھر دِپان یِم آٖسی لِلہٕ ہوم گاہکی تہٕ دونوٗے آٖسی گژھان پھیری کرنہٕ گُریس علاقَس مَنٛز۔ اَتہٕ اوس اَکھ بوٚڈ راجہ۔ اٖمی سیٖے کھوٚت یِہُنٛد قرض سو نہٕ مُنٛٹ تَس اُس نہٕ یہٕ قرض تَلکھہٕ والنچ کاںہہ صوٗرَتھ۔ تمی دِژکھ یِنٛہنٛی کٔچہٕ ہَن قرضہٕ بَدلہٕ تہٕ یِم ماٖلی پٔتھر تُری کشیٖرکُن واپَس۔

لِلہٕ ہوم داٖتھ وُچھکھ یہٕ کٔچہٕ ہَن دۆہہٕ کھوتہٕ دۆہہٕ گیوان تہٕ خوجہ حیابٕنٛدن کوٚر اَمِس حبہٕ لالَس سیٖتی آمِن پَنُن گَنٛڈ واٹھ۔ اما پوٚز کھانٛدر

---

له بہ الفاظ محمد امین شکیب (شیرازہ مثنوی نمبر ۱۹۷۶ء)

کرٕتھ تہٕ رۄز یہ گبوٲنی یینہٕ مۄجوٗب گامس منٛز کتھ لجہٕ ووتھنہٕ خوجب بابے یامت خوتوٗنہٕ ہیشدِ زیوٗ یوزان اٰس سے ٲلی ماجہ ژھینس قندٕ کوٗستوٗرے/ دوہٕ دیستی اُسم تن ناوان/ سے پان لوٗگم رہ مُسافرے/ کاٗنسہٕ موراٗدِن شورے پان/ تس اوس نارگنڈان زِگونا اُمس چھ مالنہٕ کے چسکہٕ تہٕ سون اَن چھُس نہٕ ویٲنی۔ کتھ واٗتٕ وارٕ وارٕ نِکاح ژٹنس تام۔ اکہِ دوٗہہٕ اُس حبہٕ خوتوٗن کپسہٕ ژوٗرکران زِ ایاٗرٕ دِژاو شہزادٕ یوٗسف شاہ۔ اُمی سُند وُژن بوٗزِتھ گوٗ یہ زٕبتھ، یہ اُس گبوان سے چھنہٕ مالنہٕ دِین گُذاٗری، کہی یہ روزٕے واٗرِ وِتلے۔" شہزادَن نیوٗ ہوا تہٕ نکھہٕ گژِھتھ لگی یم بول بوٗش کرنہٕ۔

شہزادٕ : سوٗندر دِژایکھ چھلتھ تہٕ چھکتھ، روٗد ما والے لولہٕ ہاے

خوتوٗن : اے پادشاہو دِل تھاو صافے، تاپھے کرے لولہٕ ہاے

شہزادٕ : سوٗندر آسان کتہِ چون گرے۔

خوتوٗن : اے پادشاہو لوٗن ژندٕ ہارے، بیٹھ ژندٕ ہارے لولہٕ ہاے

شہزادٕ : سوٗندری تتنک اکھا میٛے قرض دارے لولہٕ ہاے

خوتوٗن : اے پادشاہو وُسعت کرے، پانے برے لولہٕ ہاے

شہزاد : سوٗندری شوٗبہکھ پادشاہ گرے لولہٕ ہاے

خوتوٗن : اے پادشاہو یَس باگہِ آیَس تُس کیا کرے لولہٕ ہاے

شہزادٕ : سوٗندری دِمون یتھ لشکارے، بیٛیہ برکارے لولہٕ ہاے

خوتوٗن : ہا پادشاہو یژھ کتھ کھوٗرا کرے، دوجا کرے لولہٕ ہاے

حبہٕ خوتوٗنہٕ اُس موج دِوتھ وتھ شیران تہٕ ہش اُس دیان یہ چھنے

ڈائن۔ حبہٕ لالس تہٕ آو موقہٕ۔ تمۍ ہنیہٕ بےٚ شوٗنکی پاٹھی شہرَ تہٕ ییٚھٕ تورٕ دوٕ کھلی واپس آیہٕ۔ اَتھ واجنہٕ نِشہٕ ترٕ ووٚکھ تھکھ۔ خوتوٗنہٕ پیٚییہٕ نہٕ شدرٕ۔ حبہٕ لالنَ تھووٚس پُرٕلوشچہٕ "خط" گنڈِتھ تہٕ پانہٕ ژوٚل گرٕ کُن۔ خوتوٗن ییٚلہٕ ہُشار گیہٕ، خط پوٚرُن یہٕ گیہٕ وبداکھ دِوان دِوان تہٕ لاَیِن وٕنیتھ اَندر ووڈھ۔ ہاٗژزن اَکی ترٕ ووٚپننہٕ زُنانہٕ ہمشدِس وٗننس پیٹھ زال تہٕ کھاُجن ناوِمنز۔ یہٕ آس بے حِس۔ تام آو یوسف شاہ لوٗلی وَگے، مٕلہٕ سلمان نہٕ نکی بٹ ہیتھ اور۔ یموٚ چارِ سازس تار۔ آخر دِژا یِہ یم شہرَ تہٕ خوتوٗنہٕ پھیوٗر گوجہ وور واٗتِتھ حس یِہ راُو تہٕ لُج ژٕلنہٕ مگر پادشاہن کوٚرُس ٹیٹھ میٹھا تہٕ واتناوِن شاہی مجلس اَندر — امہٕ پتہٕ چھِ حبہٕ خوتوٗنہٕ سیتی بالاقطری واقعات وابستہٕ کرنہٕ آمتی — [ پادشاہ اوس حبہٕ خوتوٗن ہیتھ نیٚن تہٕ وٗنن پھیران تہٕ محمد بٹ وزیر لوٗگ پادشاہس زُوس زاگنہٕ۔ دُر وہ یِہ خوجہ قاٗسم لوٗگ امیرَن وزیرَن پھاسس ژٕلنہٕ تہٕ اکبر پادشاہس کاشرِن ہنز وناوٗنی کرنہٕ۔ تَس اوس پٔژون کینہٕ۔ پیٹھہٕ آسی یمہٕ نے دوٚہَن لوہر خاہنی طرفدار ژھرٕٹ ژھرٕٹ کران زٕ آسی کرٕ ہوٗراجا تاجا — تام گیہٕ کٔشیر ہِندی زِٹھی اکبر پادشاہس نِشہٕ۔ تمۍ سوٗز فوج کٔشیر پیٹھ حملہٕ کرنہٕ۔ سخ جنگ لوٗگ۔ موغلن اوس شِکس تیار تہٕ تموٚ سوٗز یوسف شاہس پیغام اکبرس سمکھنہٕ خاطرٕ تہٕ دوٚپہس چوٚن مُلک روزی ژےٚ مبارک۔ یوسف شاہس گیہٕ غلطی تہٕ شہ گو موغل فوجس منز۔ تموٚ نیوٗ پادشاہس نِشہٕ تہٕ تمۍ کوٚر لاہور قاٗد۔ یعقوب شاہ بنیوٚو کاشرِن ہُند بادشاہ، مگر اکبرن سوٗز بیٚیہٕ فوج ہیرپورٕ کنی

تہٕ کأشرِ کرِٛاں لتہٕ موشجہٕ۔ لیعقوب شاہ ژوٚل ژٕکس کھیتھ کشتوار۔ اکبر شہُن فوج ژاو محل خانس اندر۔ حبہٕ خوتوٗن اُس اَتہٕ ژٕلتھ ژندٕہور واتِمژ۔[۵] اَتہٕ اوس اکھ جان زمیندار عَبلی راتھر تہٕ تسی لِشہٕ چھوٚپن پان۔ اُمس گو چھیکرس دِلق تہٕ دِتُن زُو —]

تفصیل خأطرٕ وُچھو پروفیسر حاجنی ہنٛز "لکہٕ رَس" اُمی چھُ لیو کھمُت "حبہٕ خوتوٗنہٕ پتہٕ ییٚمی شعرٕ ژٕنٛ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز "ستھ لنجہٕ" بناو، تمی کوٚر اکھ تازٕ تجربہ یُس کأشرِن وَیہ وُن گو۔ اَمہٕ دٕلیلہٕ پیٹھٕ گیہٕ زیٚچھن داستانن اندر نثرس ستی بأتھ اَنتی تہٕ شروٗع۔" (صفحہ ۱۳) مگر مٮ۪نہ نہٕ لوب اُمس شعرٕ "ستندناو"، نہٕ لٔبم اُمی ہنٛز یہ "ستھ لنجہ" داستان۔ یہ ہیکہٕ نہٕ مٔلہٕ حلیب اُستھ یُس محض ۳۶ ؤری برٕ وٚنہہ (۱۹۵۸ءہس اندر) گُذریوو۔ نثری داستانن اندر شعر اَننک تہٕ گیونُک سِلسِلہٕ چھُ سیٹھا پرٕون۔

## (ح) "نغماتِ اہلِ ہند" دنان

محکمہ ریسرچ چہ مخطوطات لائبریری اندر چھُ "لغماتِ اہلِ ہند" ناوُک ژوٚر قلمی نُسخہٕ۔ اَکس چھُ فہرِس نمبر ۱۱۷۔ یہ چھُ اُمی میشن گرِتھ سَتتھ صَفہٕ۔ دوٚیمس چھُ فہرِس نمبر ۶۳، تہٕ ترٕییمس چھُ کرامت مجرا ہس ستی،

---

[۵] تہٕ سٕلہٕ - ہرگاہ لِلہٕ ہوم (؟) واٰر ٹیو اوُسس تی کیاز ووٚنُن نہٕ؟ یہ پیٹھ ژٕنٛڈہور تہٕ بوٚن ژندٕہور کیشاہ گو تہٕ کتہٕ آو اَمہٕ ساعتہٕ؟ تور گیہٕ شاہی راٰتھ محض چھپنہٕ۔

فہرس نمبر ۷۔ ۲۱۰ ۔ غلام رسول بٹ صأب (یِیٚمی اَمیٖک کیٹلاگ تیار چھُ کوٚرمُت[1]) چھُ اَتھ اَز ۱۹۹۴ء بڑوٚ وٚہہ ؤری ہَتھ ڈایہ مَر پٔروِن مانان ۔ تیلِ چھُ یہ سارِ ہے پٔرون حبہٕ خوتوٗنہِ ہُنٛد پے دِنہٕ وول تحریر بنان۔ ہرگاہ زِ ہے ہَتھ ؤری تہٕ پٔرون مانون، توتہٕ چھُ شایقس پَتہٕ مگر کاچر وٚہس بڑوٚ وٚہہ یوان ۔

اَتھ اَنٛدر چھِ کینٛہہ فارسی تہٕ کأشرِ شعر دِتھ، یِم موسیقی اَنٛدر گٔمو نہٕ چھِ یوان۔ کأشرِن شعرن مَنٛز چھِ لیکھتھ دِتھ حبہٕ خوتوٗنہِ ہٕنٛز تہٕ شعر مِثال۔ مِثالَن :

| | |
|---|---|
| گِندنے دٕرایس توٚرِ گیسو رٔستھ | دوہ دٔریا مَت لوٚستھ گو[2] |
| مالِنی میٲنٛی اَرباب اَسی | تامَت دٕرام حبہٕ خوتوٗن ناو |



---

۱۔ اَمیٖک ژٔدٕ رٕیُم نُسخہٕ نمبر ۲۱۰۸ چھُ کٔمی تام واسہ بٹ مو کہائی اسوج ۱۹۳۹ (۱۸۸۷ء)۔ اَنٛدر لیوٚکھمُت

۲ : عام چھِ دَنان لوٚستھ گوم مگر اَمی چھُ گوم بدلہٕ گو لیوٚکھمُت

# (۹)

# مُختلف بیانٕ موٗخصر سام

## (الف)

کٔشیرِ مَنٛز اَسی شاعرَس رٗوحانی نظر وُچھان۔ اَدے آیہٕ حبہٕ خوتوٗن تہٕ "عارفہٕ" گٔنٛزراونہٕ۔ شایقن چھنہٕ اَتھی لۆکہٕ رلوٲیژ زیو بخشہٕ۔ اَما پوٗز اَکھ تضاد چھُس۔ دَیان چھُہ خوتوٗنہِ اُمس یوٗسف شاہَس گیوٗنا بوزناوِتھ مال وٕٹان۔ گویا "عارفہٕ" پیٹھ چھُس محض اَکِس دَربٲری (یا بازری) گیوٗن واجنہٕ ہِنٛدِس دَرجَس والان۔

کاچرو ہِنٛدِس بیانَس مَنٛز تہٕ چھنہٕ اَکھ کَتھ وِیٹھ یَہَن۔ کانٛہہ زَنان آسہِ وَتہٕ پکان زِ سرکٲری سِپاہ وُچھنَس رۄیہٕ سۄ نَدرِ تہٕ ہَٹہٕ مُدرٕ۔ یکدَم ژٕٹنَس تہٕ واتناوٕنَس بادشاہَس نَدرانہٕ۔ یوٗت اَزٕ لۆٹھ چھِنہٕ ادسمُت، سُہ تہٕ سُلطانَن ہِنٛدِس وَقتَس مَنٛز۔ کاچرٕ وٕہَس برعکس چھُہ حسن وَنان زِ یوٗسف شاہَن وُچھ تہٕ سۄ پلنے تہٕ بوٗزِن تہٕ تٔسنٛز آواز یانے۔ یہِ کَتھ چھنے ژَمان۔

بٔیاکھ اِختلاف چھُہ یِمَن خاندارَس سِتی خوتوٗنہٕ مُژکری ہِنٛدِس دَجہَس پیٹھ۔ کاچرو چھُہ دَنان۔ تَمہِ ہیٚتی اَنٛدری وُزنہٕ کِنی "کٲشری شعر" وَنِنی اَدِکِنی گیہ وٲری دِین تٔسنٛز دہے تہٕ نفرتھ۔ اَتھ ہیٚکہِ یہِ مانہٕ نیرتھ زِ سۄ اُمس تِتھہٕ ہیٚرمہ

ہیٚر مہٕ بٕلیچ کوٗر، یِیٚتہٕ کاشُرِ شعر وَنہِنی تہٕ گیوٚنِی خاندانس وَڈ لگنس براراوس.
کاشُر زَبانٕ سیتی یہٕ بدوطیری اُس اوتر (مہجوٗرس) تام۔ "لرِ منٛز بُرقع کٔستھ"
آسُن چھُ بالا دٔرجٕ نِشانی۔ اَتھ اَندر" تامت دزام حبہٕ خوتوٗن ناو" گوٚے
گوٚ نماتھ (کاشُر) آسنک شوٚہرٕ پیوٚن۔ یہٕ شعر چھُ کاچرٕ وٕہنٛدِس بَیانس
تائید کران۔

حسن چھُ، اَتھ برعکس وَنان زِ تَس سپُد اُکس کنگال تہٕ بدوطیر انسانس
سیتی کھانٛدر ییٚمہٕ کِنی پانہٕ واٚنٛز ژھہن گوٚکھ۔ دوٚن بیانَن چھُ نوٚن تضاد۔
کاچرو سُنٛد گُف چھُ اَدٕکِنی تہٕ شٔریان زِ خوتوٗن چھے اَکِہ "ارباب" گرٕچ
کوٗر آسمٕژ، سوٚ آسہٕ تس جدالس باگہٕ آمٕژ۔ اَسہٕ چھُ پَزٕ تھ گوٚ نماتھ زَنانہٕ
مُتلق، اَکِہ بٔییہِ زٕنگہٕ پی دوٚنمُت تہٕ یِمے باد بادٕ دیتی۔

شایق تہٕ کاچرو چھ خوتوٗنہِ ہُنٛزٕ مَدرِ آوازِ سیتی یِتہٕ باوان زِ سو اُس
پانہٕ تہٕ گوٚنہٕ ماتھ۔ حسن چھُنہٕ اَمِچ کتھے کران۔ حالاں کہِ خوتوٗنہِ ہُنٛد اصل مقام
چھُ یِہوے۔ حقیقی تہٕ چھُ اَہنٛد شاعر آسنُک پَے دِوان مگر کرمژ چھُن اَکِہ
بالا فطری کِردارٕ زٕنگی پیش۔ البتہٕ اَہنٛدِس قصص اَندر چھ وو تہٕ سُلمان
سُنٛد پَے میلان، یُس بلاشک خوتوٗنہِ ہُنٛد ہمکال شاعر تہٕ یوسف شاہی
دربارُک بَہلہِ پایہٕ موسیقار چھُ اوسمُت۔

فوق چھُ خوتوٗنہِ ہُنٛزٕ زنٛدگی مُتلق تیشرٕ یٔژرٕ گوٚبی تہٕ افسانہٕ تھٔرِے کران
زِ ہرگاہ چھانٛی لاگوس سو رُے اَفسانہٕ بٔییہِ تُھرِس۔ اَکھ اَپوٚر تہٕ ندیوٗر گژھوس
کتہٕ پَرناوِ ہے کوٗرِ تیشرٕ اتھٕ علمی تہٕ دینی تالیم زٕ دوٗرِ دوٗرِ پیٹھ لگہ ہے

بڈِین بڈِین عالمَن تہٕ فاضلَن تَس نِشہِ فائض تُلنہٕ خاطرٕ رٕج. یِیہٕ کھوژہِ مے یوہَے مول کورِہِندِس علمَس تہٕ شوٗہرَس تہٕ کرِہَس اُکس اَن پرٕ تہٕ جدال گرٕ لِیِسی کُٹس ہیٚتی نیتھر. سہٕ تہٕ تھاوِہَے موٗنڈس پیٹھ گرٕ دَن یا تمہِ کرٕ ئی فارسی موسیقی ہندی اصوٗل تہٕ قاعدٕ درباری موسیقارن مددہیتھ مُرتب. جالان کہٕ فارسی موسیقی اُس ایرانَس تہٕ وسط ایشیاہَس اندرٕ ے کرتام اصوٗل بنٕد پیٚنرٕ ہیٚرٕ تہٕ تُھتھ صوٗرٕز اندر اُس خوتوٗنہٕ برٕ وٗنہہ یورٕ تہٕ واٗتِہٕ موٗخصر پہٕ زِلوٗکہٕ رِوائیژ ترٕ اوٗی خوتوٗنہٕ بالا فطری جامہٕ نالی تہٕ فوق صابَن سُوٗس پینِنی پاٹھی اسلامی وردن۔

انیس کاظمی سُند سوٗرُے گُف چھُہ، میانہٕ دانستہٕ، اکھ منہٕ زاو اَفسانہٕ "گلستان کشمیر" (بروزن بہارستان شاہی) چھُہٕ کانٛہہ تہٕ وِیوٗد توارِیخا. اُمی چھُہ یہِ اَفسانہٕ دَراصل ترٕ ے رِوایتی شعر، شایق ہندِس حبیبہ تہٕ فوق ہندِس عبدٕ راتھرناوَن ہیٚتی رَلاٗوِتھ ترتیب دِیتمُت:

ماہلِس ناو چھُم سیرُ البہارد | ماجہ ناو چھُم بدِول جمال

---

یئِندرِ آنگن سو ندرٕ کمالو | یئِندرِ چھُہ مالیُن میون

---

یار میون جمالِٹہٕ | کمال تَس چھُم ناو

مُمکِن چھُ میثون یہِ سونچ مانیرِ "گُلستانِ کشمیر" نوّن نیرنہٕ یتہٕ غلطہٕ منٛزٕ لیچھایہِ۔ اَتھ مالِس مُتلق اُمس زٕ خط مگر جواب دِنک تُلُن نہٕ تکلیف، حالاں کہِ دوس چھُم۔[1]

یہِ چھُ وَنان زِ ١٣٩٠ھ (١٩٧٠ء) اندر وُچھ منٛزٕ اندرکوٹ (سُنبل سوٚنہٕ وارِ) سیّد مقبول حسین نِس کتُب خانس اندر "گلستانِ کشمیر" ناوی اَکھ قلمی نُسخہٕ۔ اَتھ نقل کرنُک آم نہٕ اجازت دِنہٕ، اما پوٚز منٛزٕ نیوٗ اَمہِ پیٹھٕ حَبہٕ خوتونہِ ہُنٛد شجرٕ نسب تہٕ احوال نامہٕ نقل تُلِتھ ــــ "بی بی بدیع الجمالہٕ سُنٛد سید بہاوالدین عرف بہار شاہس سیتی کھانٛدر۔ یمن زاو اَکھ نیٛچوٗ تہٕ اَکھ کوٗر حبیبہ یوٚسہٕ حبہٕ خوتون ناوی مشہور گیٔہ۔ اُمس ییلہِ موج مویہ یہِ نیہ پنٛنہِ دوٚدِ بأے عبدی راتھرن ژنٛدٕ ہور تہٕ رٕچھن تہٕ پأجن، یوٚتام یہِ بالیغ گیہ۔ یہِ بنیہ یہِ عالِم، فاضِل، موسیقی ہُنر ماہِر تہٕ شاعِر۔ اُمس کوٗرکھ ماہتری بأیِس سید کمال الدینس سیتی کھانٛدر۔ مگر خانہٕ دارِ ہنٛزٕ بٔینہِ مریَمس آو نہٕ اُمس سیتی بناہ۔ لہٰذا سپٕدی علاحدٕ (طلاق سپُدکھ) ــــ"

---

۱۔ شیرازہٕ فروری ١٩٩٧ءہس اندر چھُ انیس صأبن لیوٚکھمُت۔ منٛزٕ ووت نہٕ کأمِل صأبُن کانہہ خط۔ حالاں کہِ اَکھ خط لیوٚکھمس عام تہٕ دوٚیِم انڈرپوسٹل آڈر ٢٠ جُلے ٩٥ء ییمیک فوٹو سیتھ کِتابہِ اندر دِنہٕ چھُ یوان۔

نِشاط انصاری مرحوم چھُ پننِس حبہ خاتوٗن اُردوٗ کِتابچس مُنٛز (مطبوعہ ۱۹۹۶ء) لیکھان زِ مےٚ کریا یہِ اَتھ قلمی نُسخس مُتلِق مرحوم مقبوٗل حسین ہٮ۪ندِس نیٚچِوس پرٛژھ گٲر، تمیٚ وٲن ـــ "اپنے والد کی وفات کے بعد جب وہ آج سے برسوں قبل اندر کوٹ کو چھوڑ کر سرینگر ہجرت کر چکا تو اثاثِ خانہ سرینگر منتقل کرنے کے دوران اس کے والد کا وہ قیمتی نسخہ کہیں اِدھر اُدھر کھو چکا ـــ" یہ چھ تحقیقی پرٛژھ گارِ نشہٕ ژٕ لیٚنچ لیٚتشر وُتھ، نتہٕ تمام گرویٹھ مُنٛز تہٕ پوٗرٕ کُتب خانہٕ اَنٛدرٕ رووا چھُرا یوٚہے اَکھ نُسخہٕ، یتھ پیٚٹھ حبہ خوتوٗنہٕ ہٕنٛد زِندگی نامہٕ تیار آو کرنہٕ۔

مرزٲئے چھِ دِپان حضرت مسیح آو اسرائیل پیٚٹھ کٔشیر ژٕلتھ۔ اَکھ ثبوٗت چھِ دِوان "تاریخ نادری" فارسی پیٚٹھ نقل تُلمُت اَکھ صفحہٕ۔ دِپان چھکھ سُہ توٲریخ کتہٕ چھُ ؟ جواب چھُ میلان، سُہ اوس کمِس تام شخصس نِش کٔشیرِ ترٛاوِتھ نیبر گومُت، وہ نہ چھِنہٕ خبر، کتہٕ چھُ تہٕ کیا چھُ۔ مُنہٕ ژاو افسانہٕ چھِ عام طور یتھی ثبوٗت ڈٲکھ دِوان تھاونہٕ۔

کاظمی صاٛبن چھُ اَمہٕ "گلستانِ کشمیرک" مُصنف دگُمنام) مُلا محمد حسین الملقب بہ حسام الدین تہٕ اُمیٚک سنہٕ تحریر ۱۱۴۸ھ [۱۷۳۶ء] ہوومُت۔ یتھہٕ کٔنی چھُن یہِ حبہ خوتوٗنہٕ مُتلِق سارِوے پٔرون تحریرہٕ بنوومُت۔

ملہ حبیب حاجن تہٕ چھُ حنفی ہنٛدی پأٹھی بالافطری واقات بیان کران۔ بلکہ یمن دوہن ہنزٕ رِوایژ ہنٛد مولہٕ آگُر چھُ کنہٕ۔ موٗمولی ہیر پھیر چھُ زبأنی رِوایژن آمتہٕ۔ البتہٕ اَمی چھُ خوتونہٕ ہنٛدِس خاندارُ سٕنٛد ناو حبہٕ لالہٕ (خوجہ لالہٕ بقولِ حنفی) وونمُت۔ گویا خوتونہٕ چھُ اُہنٛدی سے ناوَس پیٹھ حبہٕ ناو پیوٗمُت۔

حنفی چھُ دوستہٕ سلمان سُنٛد ناو ہیوان مگر ملہ حبیبس نشہٕ چھُ اَمِس علاقہٕ خوتونہٕ ہنٛدین یمَن ہم کال شاعرن (یہٕ چھکھ موسیقار وَنان) ہُنٛد تہٕ ناو میلان، نکی بٹ، لولی وَگے تہٕ پھیستہٕ (پھیرٕستہٕ ہار) یمَن ہنٛد ذِکر قدیم صابن کورمُت چھُ۔

اَتھ سیتی چھُ حبہٕ خوتونہٕ تہٕ یوسف شاہن گوڈنچہ لٕٹہٕ سمکھنہٕ وِزِ پانہٕ وانی بأتن اَنٛدر کلامہٕ تہٕ اَتھ منٛز آمُت۔ اَمی چھُ مِصرن ووج "لولہٕ ہاے" وونمُت۔ کأشرِ موسیقی ؑ چھَ "لولہٕ لو" وَنان تہٕ عام پأٹھی چھُ "لونتہٕ لو" گیوان۔ اَتھ "بأتہٕ بأزی" تہٕ چھُ پاٹھ پھیرہٕ[1]۔

---

[1] مثلن۔ سوندرا دژ ایکھ چھلتھ تہٕ چھکتھ رٕدٕ دما دالے لونتہٕ لو / پادشاہم دِل صاف تھوتم تاپھے کرے لونتہٕ لو + سونٛدر مادیہ ویداکھ یلی لونتہٕ لو / یی گوم لیکھتھ قلمہٕ ستی توژلی لونتہٕ لو + سونٛدر شونکھ ژمیانے گرے لونتہٕ لو / یسنٛزٕ بہٕ چھس سہ کیا کرے لونتہٕ لو + ژادی نیتے پانٕے مرے لونتہٕ لو / پادشاہم ژرھ کمتہٕ دوجا کرے لونتہٕ لو۔

اٴہندِس داستانس اندر یم عبدی راتھر (عبلی) تہٕ ژندہور ناو تہٕ تأریخی واقات بیان سپدی متی چھہ۔ تمہِ چھس لاازمن حاجنی صابن کشیر آوی منی پہنٛد آگرٕ چھُ فوق بیترِ۔ تُوٗسے تھاوِی مےٚ یم بڑ ہکٹس اندر۔

یہ کنھ تہٕ چھےٚ توجہٕ منگان زِ ہرگاہ خوتوٗن گریزٕچ کوٗر اٴس، تہٕ گریزٕکی چھہ کأشرٕ تہٕ بولان، مگر لفظ ڈٕترکنی ہیکہٕ نہٕ توٗرٕچ کوٗر کشیرِ وأتی تھےٚ مالدار شأعری کٔرِتھ۔ نہٕ چھُ یہ ممکن زِ تتہِ ہیکہٕ ہےٚ تمہِ زمانہٕ (اَز کلٕ تہٕ نہٕ) کلاسیکل موسیقی ہیٚچھنک کانہہ بندوٚبس اٴسِتھ۔ خوتوٗن اٴس روأیژ مطابق عراق تہٕ باقے مقام تہٕ زانان تہٕ گیوان۔

خوتوٗنہِ ہندِ زبأنی ہُنٛد ٹُکہٕ ژراو چھُ صاف باوان زِ سو چھےٚ مراز چی کوٗر تہٕ اُسمژ تہٕ باگہٕ تہٕ چھےٚ مرازٕسے منٛز آمژ۔ مرازس اندر چھُ سری نگر تہٕ لوان۔ لوکہٕ داستانہِ مطأبق ژراو خانداڑن مالیُن گژھنہٕ موکھہٕ پانتہٕ چھوکہٕ لبنہِ خُلع نامہٕ یوٗزِ لوشچہ گنٛڈِتھ۔ گو مالیُن ژھُس پانتہٕ چھوکھ یا اَتھ نکھہٕ ڈکھہٕ او سمُت۔ تیلہِ کالہِ اٴسی بٔٹہٕ وارِ پیٚھٹھے یلاکھ تہٕ وأناکھ مأدان تہٕ گہلی جنگل اَپارِ کنی یمن منٛز شکار اٴسی کرنہٕ یوان۔ تہِ ما بَنہِ ہے مالیُن اوسُس گژھ میل دوٗر ژندہارِ تہٕ منٛزٕ وتہِ ژراوہَس خُلع دِتھ بےکس پأٹھی۔ یتہِ ما بَنہِ زِ مالیُن اوسُس گُریزٕ تہٕ ژراوہَس پانتہٕ چھوکہٕ[1]۔

---

[1]۔ فوق چھُ لیکھان زِ پانتہٕ چھوک اوس حبہٕ خوتونہِ ہندِس مألِس دُکان، اَوے اُدُن اَمہِ سیٚود شاہن ہندِن دوہن وِیتھِ اَپارِ بور کڈِل بنو مُت۔ (خواتینِ کشمیر ص ۸۶) محض اَدے موکھہٕ کڈِل بناوُن چھُنہٕ ژمان۔ خبر اَمیک آگرٕ کیا چھُ (وُچھو حاشیہ ص ۳۳)

کینٛژن کتھن چھُ (پوٚت یادداشت کٔنی) بٔتہِ یِن وضاحت یوان
کرنہٕ۔ یوٚہ کنہٕ درج پیراگراف گژھن پننس ہاوِ متہٕ صفس تہٕ سطر
شُمارس سیتی پرٕنی تہٕ مُجرا اَنی۔

صفہٕ ۳۹ سطر ۱۲ پیٹھٕ:۔

محمد اعظم دیدہ مری چھُ لیوٚکھمُت زِ یعقوب ژکن کر اَکس وریس
تہٕ شیٚن رہتن حکومت۔ پننہٕ ناوٕ کوٚرُن سِکہٕ تہٕ خطبہٕ جأری۔ یُس چھُ
اَہنز تخت نشینی ۹۹۴ھ (۱۵۸۶ء) وَنان۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ تمہِ
۱۸۵۷ء تام حکومت کٔرمٕژ۔ یِ چھُ صحی تہٕ۔

صفہٕ ۳۹ سطر ۱۶ پیٹھٕ:۔

اکبر نامہ چھُ لیکھان زِ یوسف شاہ موٚد" بعارضہٕ جنوٗن" یعنی
پاگل گژھتھ۔ اَمی دئیت اَکھ بے گوناہ شخص پیشہٕ پیٹھ بوٚن داَرتھ تہٕ
تھُنڈرس مَرنَس تُلن لطف۔ یتھے کٔنی آو روم کس بادشاہ نیرو ہس
(NERO) خلاف سَنح پروپیگنڈا کرنہٕ زِ تمی زول روم تہٕ یانہٕ بیوٚٹھ دورِ
حَظ تُلنہِ۔ حالاں کہ نیرو چھُ اَکھ اِنصاف پسند تہٕ انسان دوس
بادشاہ اوسمُت۔

صفہٕ ۵۴ سطر ۸ پیٹھٕ:۔

شایق چھُنہٕ یادان زِ خوتون آسا یوسف شاہن لیکھی

زَنانہٕ کینہ نہ۔ تمۍ سٕندِ بوٚ شارُ و مطابِق آس سوٚ محض اَکھ دربارٕ ی
گَھپوٚن واجِنۍ۔ کاچھرُ و چھُ دپان یوسف شٲہن کوٚرُس "شرفِ ہمبستری
عطا تہٕ اگرچہ یِمن لفظن ہُنٛد معنی تہٕ چھُنہٕ (ٹھُکتھ کرِتھ) لِنکاحی
زَنانہٕ۔ حسن چھُ اَہنٛدی لفظ پھران مگر "پلہاے کشمیر" (تاریخ حسن
حصہ اوّل) عنوانس تَل چھُس واش کرِتھ" حبہ خوتوٗن زوجہ یوسف
شاہ" وُنِتھ لِنکاحی زَنانہٕ وَنان۔ اَسی ہیکوٚ وُنِتھ سوٚ آس یوسف
شٲہنی "کٔنٛژ رانی"، یعنی سوٚ رانی یٔمِس سٕندی اولاد تخت و تاجکر
وارِث آسی نہٕ ہیکان سپدِتھ۔ سُہ حق اوس "بڈٕ رانہٕ" ہٕنٛدین شُرین
آسان تہٕ یوسف شٲہنی "بڈٕ رانی" آس کشتوارکِس راجہٕ سٕنٛز کوٗر
یٔمۍ سٕنٛد نیچوٗ یعقوب شاہ اوس۔

(ب)

یتھہٕ کٔنی متے بڑوٚنہہ ووٚن حبہ خوتوٗنہٕ ہٕنٛز زندگی مُتلق یہ کینٛژھا وَننہٕ چھُ آمُت، تہٕ چھُ سورُے افسانہٕ سازی، ہَرجہ چھُنہٕ ہرگاہ تِمَن تأریخن تہٕ نظر ترٛاوِیم اُہنٛدِس زہٕنَس تہٕ مرگَس مُتلق یاد نہٕ چھُ آہتی۔

فوق چھُ ۱۵۷۱ء اندر اُمس (خبر کیتھہٕ کٔنی) ۱۸/۱۹ ؤرِش وَنان۔ گویا زاؤری چھُس ۱۵۵۲/۵۳ بنان۔ مگر بڑوٚنہہ کُن چھُ پانے لیکھان زِ خوتوٗن زایہ ۱۵۴۱ تہٕ ۱۵۵۲ءہَس درمیان۔ اَتہٕ چھُ ۱۲ ؤری تام ییٚتھ ژلان۔ اَتھ ووٚنکھُ ٹلی گیلہٕ۔

یہ چھُ تأریخ بہارستانِ شاہی کہ حوالہٕ لیکھان زِ مُغل صوٗبیدار قلیچ خان[۱] ییٚلہٕ کشیرِ آو حبہٕ خوتوٗنہٕ اوس اَکھ ؤری قبر کڈان گومُت۔ اَتھ تأریخس مَنٛز چھُنہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنٛز کانٛہہ ذِکرے ہیٚپتھ مِژ، لہاذا ییٚوو اُہنٛد یہ گفتارے پکھر۔ توتہٕ گٔنٛزرو اُسی زِ قلیچ خان آو ۱۵۹۲ءہَس اندر کشیرِ[۲]۔ گو خوتوٗنہٕ لوٚب ۱۵۹۱ءہَس اندر وَفات۔ زاؤری ۱۵۵۲ حسابہٕ گٔنٛذرے ۳۹ ؤرِش تہٕ

(باقی حاشیہ ص۷۲) دَرپانٛ مأرس (یعنی عبدی راتھرس؟) اوسُس اَتہٕ دُکان۔ ہیٚپأری دیٚبان سُہ اوس گرُدس۔ اَدی چھُ حبہٕ کٔدل تہٕ اُہنٛدِس کھاتس تروومُت یُس نہٕ صحی چھُ حبہ کدل چھُ سلطان حبیب شاہن (وفات ۱۵۷۳ء) بنوومُت۔

[۱] اُمس اوس اَصلی محمد قلی خان ناو (نہ زِ قلیچ خان)۔ [۲] حسن چھُ ۱۵۸۹ء وَنان یُس نہٕ صحی چھُ۔ [۱ تہٕ ۲ تأریخ حسن فارسی مطبوعہ فٹ نوٹ]

تہٕ زاوٗری ۱۵۴۱ء حسابہٕ ۵۰ ؤرِش سے اُتھی ناو عالم حاۍ رتھ پیٚوو۔ [فوق چُھ قلیچ خانٕنِ صوٗبیدارٕ بنٕنچ یورِ ینگ تارِیخ ۱۶۰۶ء وَنان۔ یُس مۄلی غلط چُھ۔ اَمہٕ غلط حسابہٕ تہٕ چھےٚ خوتوٗنہٕ ہٕنٛز واٗنٛس ۵۲ پیٹھ ۶۴ تام بَنان[1] ]۔

عبدالاحد آزادَ تہٕ چُھ فوق سٕنٛدٕ ے ووٚنمُت ۱۵۴۱ء پیٹھ ۱۵۵۲ء تام زاوٗری مُجرا نوان[2]۔ مگر سیتی چُھ دَپان سو موٚہ یوسف شاہنہٕ گرفتاری پَتہٕ سَداہہٕ وُہرِ[3]۔ یوسف گو ۱۵۸۶ اہس اندر گرفتار (عام خیال) تہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنٛز کُل عُمر واتٕ ۵۰ پیٹھ ۶۱ ؤری تام تہٕ مَرِن سَنہ بنیٚوس ۱۶۰۳ء۔

ڈاکٹر صوٗفی تہٕ چُھ فوق سے تِھسہِ کرِتھ زِ خوتوٗنہٕ گنٛداری ۱۸/۱۹ ؤری گاہہٕ زِندگی ۱۴ ؤری شاہی زِندگی تہٕ پَتنہٕ طرفہٕ چھُس ہُرادان ۲۰ ؤری اُخری زِندگی[4]۔ اَتھ جمع کرِتھ چھےٚ خوتوٗنہٕ ہٕنٛز کُل عمر ۵۲/۵۳ واتان۔ مگر دِپان چُھ سو موٚہ یہٕ ۵۵ ؤرِش، یا تہٕ چھُس جمع کرنُس پھیر گومُت، نتہٕ چھُس گُفتارسے ترٚے ؤری پھیر۔

بہرحال، کُھتھن ہیٚکَن وارِیاہ کوٚن ہیٚرِتھ ہرگاہ محض بنیٚن ہُنٛد دوٚپ پھرٕنُس سیتی سیتی پَننِس تحقیقی سوچُس تہٕ ہُنا کام ییٚہ ہینہٕ۔ یہٕ موٚختصر سام چھےٚ اورکُن محض اَکھ قدم یِژوٗ بہٕ کُن تحقیق کرن والین ہٕنٛدِ خاطرٕ۔

---

[1]۔ مضموٗن کِس اُخرس پیٹھ چھُ فوق لیکھان۔ سو موٚہ یہٕ ۵۶/۵۷ ؤرِش۔
[2]۔ کشمیری زبان اور شاعری جلد اوّل
[3]۔ ایضاً جلد اوّل
[4] اُمہٕ چھُ فوق سٕنٛدِ ۱۶۰۶ء اَندر۔ ۱۵۸۶ء (گرفتاری یوسف شاہ) گنٛدِتھ وُہ ؤری بنٲوی متی۔

(۱۰)

# وُنلہِ مَنز بڑآنتی ژھایہ

اگرچہ مےٚ آو وَننہٕ مگر مےٚ کوٚر نہٕ جوٚر تھٕ خوتونہٕ ہُنٛد پانہٕ کاتھہٕ اَو حال نامہٕ ترتیب دِتھٕن۔ تکیازِ وُنلہِ مَنز اَتھہٕ تراوُن چھُنہٕ دانائی۔ لۄگے کُنہِ بارِچہٕ گُنٛڈی دۄ کھَپس تہٕ آو دوکھہٕ پاٹھی زلنہٕ۔ اَلبتہٕ خوتونہِ ہنٛدِس کلامَس اندر [ سُہ اَدہ ہنٛدے کلامہٕ تہٕ ذٲتی بَنن گدرُن ٲنتھ ] یمہٕ بڑآنتی ژھایہ اُہنز زِندگی ہٕنز گرژھان چھِہ تمہٕ پیش کَرنہٕ ستی دِلہٕ کٲنسہِ ژھۄنٛڈ ژھار دِنہٕ وٲلس بڑۄ تھہٕ کُن مَدد میلہِ۔

[ الف ] نپتون گوڈنی بٲتھ ۹ ے کٲنسہِ مارٲدِن شوٚرے پان۔
بیہ بٲتھ چھُ پاتٕرن کتھَن وُرن تُلان۔

ا۔ جبہٕ خوتون چھِہ اکِہ بڈِ گرٕچ کوٚر آسِتھ نہٕ سبھٹھا خانہٕ ماجرِ سان
چھِہ نازن تہٕ نیاژن اندر رَچھنہٕ آمٕژ ے
ٲلی ماجہِ رٕچھنَس قندِ کوٚستوٚرے۔

۲۔ بڈِ گرٕچ کوٚر آسنہٕ کِنی چھَس تالیم تہٕ دِنہٕ آمٕژ ے
ٲلی ماجہِ تراوُنس سبقَس دِوٚرے۔

۳۔ اُمِس چھُ کھاندر کَتہِ تام دِوٚرِ (گاہہ ؟) ٲلی ماجہِ پننیو اَتھو

کوڑ مُت ے ٲلی ماجہِ ہُر شالیس بیلہِ دِوان۔ یہِ کھانٛدر چھُ بڑٕ
ٹھکہٕ ٹھکہٕ سان کرنہٕ آمُت ے رنگہٕ ڈولہٕ آسم رۄ پہ کوندٕ وان

۴۔ اَمِس چھُ کَس تام ہتی "عشق" تہٕ اوسمُت مگر کھانٛدر چھُس
نہٕ تَس ستی سپُد مُت ے منٛے نو زا ہو لوٚدمُت لوان۔

۵۔ زمانہٕ کیٛو حالاری ثانو چھ یہِ وأرِ د کینہٕ مُفلسی اندر ژُجمُت ے
سِے پان لوٚگمت راہ مُسافو ان۔

[ب] تُلی تون وونٛی باتھ ہ ے باگنی آلیس گہندے تام۔ یہِ
باتھ چھُ کینٛہہ کتھہٕ بروٚنٛہہ کُن انان۔

۱۔ یہِ چھُ اَسمہٕ شہر چ (سرینگرِ چ) کوٚر یعنی مالیُن چھُس شہر۔
۲۔ اَمِس چھُ آمُت کتہٕ تام گامہٕ کھانٛدر کرنہٕ یعنی وأرِ یُو چھُس
گامہٕ ے دۄ ہہ اَکہٕ ٲلی ماجہِ نگرہٕ ہر شالیس رشہر چ اَسِس
وأرِ نِس گام۔ اَتھ اندر چھُ "نگر" لفظ آمُت تیٛنٛمہِ وضاحت
پانُنٕ "گام" لفظہٕ ستی کرنہٕ چھُن یُتہٕ چھُ "نگر" معنہٕ تھاوُن
شہر یا قصبہ کینٛہہ وونُن "گام" تہٕ مُراد اوسُس قصبے۔ توٚے
وَرتوۄن "نگر" لفظ تہٕ تکیاز شہر کِس ہر گاہ سوپور یا کولہٕ گوٚم
تہٕ گرٕ ھن آسہٕ ذیہ" یتھے حَض گام تام اوسُم گرٕ ھن" یعنی
شہرِ نِبر سوٗرے گام سو کو نہٕ آسہٕ سرے۔

۳۔ اَمِس چھُ کمِس تام ہتی "عشق" نہٕ اوسمُت تیٛنٛمہِ باوتھ

اَمہِ مَنٛدٕچھ مَنٛدٕچھ پننہٕ ماجہِ نٕشہِ تہٕ کٔرۍ اُس، سٕہ
تَس نٕشہِ کَتھ وننہٕ مَنٛدچھایَس۔ مگر کھاندٕرٕ چھُس نہٕ تَس
سِتی سَپُدمُت سٕہ کیاکٔرِ پوشِش نہٕ لانٛہِ نیایَس۔
۴۔ یہِ چھ مٲلِ ماجہِ پانہٕ نَکھہٕ وأجِمٕژ یعنی تِم چھِس اَمہِ وِزِ حیات
اُسۍ ہِتی سٕہ مٲلِ ماجہِ نگرٕ ہرشایَس۔
۵۔ اَمِس چھُ مالنہِ بوے تہِ اوسمُت، یٔمِس نٕشہِ اکِہ دوہہٕ
یہِ لولہٕ سان گیایہِ مگر تتہِ کٔرِس ٹے کاکٔنہٕ کوسہٕ تام پام دِتھ
گٔدۍ سٕہ ڈٕمکہٕ بجہِ کاکنہِ دِژ تَم پام۔ شایَد سو اُس
دُمَس ہَنٛز (ڈمکہٕ بٹ) تہٕ یہِ اُس مُفلِسی وُچھِتھ۔ اَتہِ چھُ ننان زٕ
کھاندٕرٕ پتہٕ کینٛژ کٲلی چھ اَمِس مول مٲج گُذریے ہِتی آسان
تہٕ بوے چھُس نہٕ مازان اوسمُت۔

[جیم] دوہٕ زٕ نمون بأتھ ۴۹ سٕہ دوہ دٕریامَت لوٗستھ گوم۔
یہِ بأتھ تہِ چھُ پانٛژھ کَتھ ٹٕنی راوان۔
۱۔ حَبہٕ خوتوٗن چھ اکِہ ارباب یعنی جاگیردار یا صاحبِ اقتدار
گَرٕچ کوٗر آسمٕژ، نتہٕ وَنوسپھٹا مالدار گَرٕچ اُچھ کاشُر
اُسمٕژ سٕہ مالنہٕ میثأتی اَرباب اُسی۔ یہِ شعر چھُ
یَتھ کالہِ پیٛٹھہ اَرباب لفظ تہٕ اوہند لِکھنتھ ہیتھ میلان۔
۲۔ یِزت بنٛد گَرٕچ کوٗر آسنہٕ کِنۍ آس "خوتوٗن" وَنتہٕ سٕہ

ﮯ تامَت دٕرام حبہٕ خوتۍن ناو ــــ گوڈٕ گوڈٕ اوس نہٕ یہ لفظ (بی بی لفظکۍ پاٹھۍ) گریستن تہٕ غریب غرباتن حصہٕ آمُت۔ واہ واہ دوت گامَن مَنٛز تام "خوتَن" (تہٕ بیبہ) ناوچہٕ شکلہِ اندر۔

۳۔ بالا دَرجہٕ خوتۍنَے آسہٕ بُرقع گَسِتھ (پَرد نشین) آسان ﮯ لرِ مَنٛز اُسس بُرقع گَسِتھ۔ گرٛہسی باپہٕ تہٕ مۆزرہٕ یا عام زَنانہٕ آسہٕ کامہٕ کارَس اندر ژھولدِتھ آسان۔

۴۔ اَتھ گرٛس ژُھکُس تام سیٲسی یا سماجی ودہ گتہٕ بَنتھ آمُت ییٚمہٕ کِنی اُمس خَلوَت تٕرٲوِتھ جلوتَس اندر یُن ژُھ پیو۔ ﮯ لگرٕ وَتہٕ واوَس آسی یِم بَستھ۔

۵۔ یہ چھ سیٹھا شکیل تہٕ سونٛدر اُسمٕژ تہٕ اُمس چھ کاہیا جوان گَسِتھ آسیٕ مَتی دِوان ﮯ کَم کَم گَتدرٕ آیے ژٕیستھ۔ یہ باُتھ چھ اَمہٕ تمہٕ وِزِ وۆنمُت یۍلہِ سُہ حُسن تہٕ جوانی ڈولمُت اوسُس ﮯ مال یۍلہِ رووُم مول گوم وُستھ۔

[دال] ژھیتون مشہور باتھ ۱۔ ﮯ چارہٕ کرُو میون مالنیو۔ یہ چھ تربن کتھن کُن اشارہٕ کران۔

۱۔ اُمس چھ لوکچہٕ وٲنسہِ اندر کھاندر سپدمُت۔ لوکٹےنے آسہٕ ہے تہٕ تَوتہٕ چھ اُکس کورِ وٲرِیو کرٕ وُٹھ پینہٕ کِنی باسان زٕ

ئہ لجِس لو کیٹے تاوتِس۔ اُمِس تہٕ گوٗامی کِنی لو کچار ہایہ تہٕ ضایہٕ
بہ شُری پانَس سیٛنٛڈ رٕ گیہِ مو / وُڈر کھسُن گُڈر پیٛوم۔

۲۔ اگرچہ "وُڈرن کھسُن" چھُ محاورٕ تہٕ مُراد چھُ کرتیچھرن تہٕ صدمن لگُن۔ مگر یہِ معنہِ اوٚک طرف ترٲوِتھ ہیکو وٚنِتھ زِ وٲریوٗ چھُس کَنِتھ تام وُڈرشایہ اوسُمت۔

۳۔ وٲروِس منٛز تہٕ چھُس پنُن کھانٛدرٕ برُونٛہہ ٹھیٛم "عشق" وٲنِج کوٗران اوسُمت سہ یاہِ دادے تارِ گیسو / بارٕ بکھ چھُم آمتےٚ۔

[ھ] بأتھ ۱۶ تلُون سہ بیٛتہِ چھیپے ساٲری عاشق۔ اَتہِ چھُ زٕ کتھ نیران:

۱۔ ییٛمِس شخصَس سیٹھاہ "عشق" اوسُمت چھُس، تمیٚ چھُ لازمَن اَہندِ کَنہِ روخ پھیٚر مُت۔ شایَد اَہندِ بیٛنِس جایہ کھانٛدر کَرنہٕ کِنی مگر یہِ آیہ لاز نیایَس انٛدر رہنہٕ سہ نیاے لانِش وَنتےٚ کُس اَنٛز راوِتھ زانہِ تےٚ۔

۲۔ اکہِ طرفہٕ اُس یہِ لاٲنس پنٛنِس وَدان، بیٛیہ پاسہٕ اوس اَہند مول موج پنٛنِس کٔرِہتِس پیٹھ پشیمان زِ کوِ گوٚنہٕ کھانٛدر سیٛودے اٲسی وَدان نالہِ دِوان گرٕ بہنہٕ مَتھ لوگ زوٚنہٕ تےٚ۔

اَتہِ چھُ یِتہِ نَنان زِ یہِ بأتھ وَننہٕ وِزِ چھُس تہٕ مول موج زِنار

اُسیٖ مِتی۔ "اُسی وَدان" پَتھ کالِ صیغہٕ چھُ اَمیُک باس دِوان۔

[واو] بٲتھ، تلُون ے اَکہِ لَٹہِ یِہَم نا۔ یہِ چھُ ترٛیِٚ کتھہِ کاشراوان۔

۱۔ یہِ چھِ کرٛ ہتر پٔٹھی یاوُنَس یعنی نوجوٲنی مَنٛزٕ حاضِر ثاتو اُتھہِ ہیٚنٛدِ پٲٹھی ژٕ ژھٹہِ تراوِتھ۔

۲۔ اَمِس چھُ جمالٕٹہٕ (سرینگر) کمال ناوُک کُس تام شخص یار (؟) اوسُمُت۔ یہِ چھُ تَس نِشہِ جُدا سپدِتھ کتہِ تام دوٗرِ تَسُنٛد فراق للوان۔ (مگر جمالوٗٹ ناو چھُ اتھ جایہِ سِکھن ہٕنٛدِ وَقتہٕ پیٛومُت)

۳۔ اَمِس یارَس چھنہٕ (اَہنٛدِ کھاندرٕ پَتہٕ ؟) اَہنٛز کانٛہہ مالے باتے رُوزمٕژ مگر اَمِس چھُ پانَس تَسنٛدِ لولہٕ تہٕ وٲنٛج پھٹان آسمٕژ۔

[زے] نِہتون یہِ شعر (بٲتھ ۱۸) ے دوٚن یہِ یوٗسفَس حَبہٕ خوتوٗنے۔ یہِ چھُ نِہ پٲٹھی یوسف شاہ ژِکُس کُنےٚ اِشارٕ۔ مُمکِن چھُ زِ یینٛدِ یوٗسف شاہَس یا تہِ یہِ کُنہِ نظر گیہ یا اَہنٛز شیٚیچھ خبر کُنہِ پٲٹھی بوٗزِ ہٕن، تمی آسہِ مو کچار دِیو مُت تہٕ پننہِ کنٛٹہِ رٲنی بَناوِمٕژ۔ یوٗسف شاہَس ہوِس باوِقار بادشاہَس کُن وُچھتھ چھنہٕ ژمان زِ حَبہٕ خوتوٗن آسہٕ ہے کانٛہہ وُسی پیٛٲ کوٗرِ تہٕ سُہ بَناوِہَس پننی رٲنی۔

ہرگاہ خوتونہٕ کُن منسوٗب کلاس پیٹھ تہٕنٛز زندگی ہٕنٛز لَرلٕڈ کُنہٕ تہٕ ڈیشناپہٕ کِنی، دُرس طریق کار چھُہ، تیٚلہِ یہِ کینٛژھا اُمِس متعلق وَننہٕ چھُہ آمُت، تتھ برعکس چھہٕ تٔہنٛز زندگی ییتھہٕ کُنی ہشہ بنان۔

حبہٕ خوتوٗن چھہٕ سرینگر شہرکہِ اکہِ ہیٚرِمہٕ بَلَچ کوٗر اُسمٕژ۔ یہِ خاندان ما آسہِ ہے ذاتہٕ کِنی سیّد مگر طبقاتی لحاظہٕ چھُہ تمہِ وَقتُک اکھ جاگیردار یا صاحبِ اقتدار خاندان اوسمُت۔ حبہٕ خوتوٗن چھہٕ بَڈٕ ناٹھنیاہٕ تہٕ خانہٕ ماجرٕ سان رَچھنہٕ تہٕ پالنہٕ آمٕژ۔ اُمِس چھہٕ مُروجہٕ تعلیم تہٕ آمٕژ دِنہٕ تہٕ موسیقی ہٕنٛز تربیت تہٕ کرنہٕ۔

یہِ چھہٕ سیٹھا خوٗب صوٗرت اُسمٕژ۔ اُہنٛزٕ خوبصوٗرتی ہُنٛد شوہرٕ گژھنہٕ کِنی چھہٕ کمو کمو اُمِس سیتی کھاندر کرنٕچ کوشش کٔرمٕژ۔ مگر اُمِس چھُہ پانس کَس تام سیتی "عشق" اوسمُت ییٚمیٚچ بادٕ اُمہِ پننہِ ماجہِ نِشہِ کٔرمٕژ۔ اُس محض ییٚمہِ خیالہٕ زِ کَتھہٕ نیٚ واتِکافی، عشق گژھم انزٕ دِس۔ بگر اُہنٛدِس مٔلِس ماجہِ چھُنہٕ سُہ شخصہٕ یا تمی سُنٛد خاندان آنٹہِ مانٹہِ کھوتمُت تہٕ تمو وأج یہِ شہرٕ نبر کَتھ تام بیٚنیِس جایہِ نکھہٕ۔ اَوٕہنٛد کھاندر چھُہ بَڈٕ ٹھکہٕ ٹھکہٕ سان کرنہٕ آمُت۔ لازمَن چھُس واریاہ تہٕ برزٕ پش ڈیکچل اوسمُت۔

زمانہٕ کیو حادثو کِنی چھہٕ اُہنٛد گرٕ ادبارس اندر ہینہٕ آمُت۔ اُمہِ کِنی بنیٚ اُہنٛزٕ زندگی وارٕے گژھیٹھ۔ پیٹھ یوسہٕ کوٗر شاہانہٕ پاٹھی پالنہٕ

آسہٕ آمٕژ تَس چھہٕ پٔش ژُھپھ تہٕ گُنٛسہٕ ژھُن باسان نَتہٕ چھُنہٕ تھٔن گرٕن ادبارینٛگ مُراد ژھکتھ کٔرِتھ فاقہٕ ژھکرٕن پیٹھ واتُن یمَن لیوسہٕ ہٲل خرچہٕ برچہٕ تہٕ اقتدارٕ رنٛگی آسان چھہٕ، سو چھکھ راوان تہٕ ذہنی تہٕ سمٲجی لحاظہٕ چھیتہٕ یمَن سو وبتراونٛچ تکھ روزان۔

پیٹھہٕ چھُ اَمِس واَروِس اندر تہٕ یَنٛن ژٕرون لول نیٚہنَس ڈُلو دٕر تلان رُود مُت. اَتھ سیتی چھُن نہٕ گٲمی زِندگی ہِتی (اُسہٕ کونہٕ اوس قصبے) بناہٕ ہیٚو کٔت کٔرِتھ، یہ چھہٕ شہری کورٕن ہنٛز اَکھ عام ذہنی کمزوری۔

اَتھ دوران چھہٕ یِہ یوسف شاہ ژکس کِتھہٕ تام پاٹھی نکھہٕ یوان تہٕ سُہ چھُس لاَزمَن موکجار دیاوِتھ یٔنی کِتھہٕ راَزی بناوان[1] ــــ یہ چھہٕ پیٚنٛٹھی پیٚنٛٹھی خوتوٗ تہٕ ہِنٛدٕن کینٛژَن باتَن چوٗنہٕ گارٕج کام ہینیچ اَکھ کوشش. اگرچہٕ شعر ڈوکھ بناوِتھ کانٛہہ داستان ترتیب دِنَس پیٹھ تہٕ ہیکِہ اوٚنگج دُتھتھ. مگر ہَمہٕ لٹہٕ رُوس داستانو کھوتہٕ چھُس تو تہٕ اَکھ یٔژھے تژھے بُنٛیاد یعنی خوتوٗنہٕ ہُنٛد کلامہٕ. مگر تہٕ اَتھ تہٕ ہیکوس قیاسے دٔرتھ تہٕ تحقیق چھُنہٕ قیاس۔

---

[1] ۔ اَتھ خاکس سیتی ہیکَن لوکہٕ یا (تواریخی) داستانہٕ ہِنٛدی سیٚہہٕ فرق تہٕ باوٕر کرٕنَس لایق کینٛہہ واقات تہٕ ترلاونہٕ یتھ۔

# (۱۱)

# کیشرٕ ھاناوَن مُتلق

حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز زندگی سیتی یم کینٛہہ ناو، شخژن یا جاین ہنٛدی ہیتہٕ چھِ لِوان، تِمن مُتلق واشرٛ اُوتھ کینٛھہ کرٕنی روزِ شاید فأیدٕ مند۔

۱. ژندٕہور

اُتھ ناوَس چھُ کاچرو آگرُ تہٕ تمیٔ چھُ یہٕ مرازچہ لوکہ کینٛھ پیٹھ نیومُت۔ توٚہے چھُن "دِپان" (می گویند) تہٕ وَرتومُت۔ یِتہٕ آیو وَننہٕ ز حبہٕ خوتوٗنہٕ چھُ اُتھ کامَس کُن پانہٕ اِشارٕ کورمُت ؎ مالیٛنِ میون پیٹھ ژندٕہار چھُیے۔ مگر خوتوٗنہٕ ہنٛدِس کلامَس منٛز چھُنہٕ یہٕ مصرٕ کُنہٕ تہٕ۔ باسان چھُ یہٕ چھِ ٹلی کمہ تام اُمِس کُن لأگِتھ تھوومُت۔

مہجوٗر اوس ۱۹۴۷ ہس اَندر کاچروٗ ہس نشہٕ نیب اَژتھ اور ژھونڈ دِنہٕ گومُت۔ اُتِہ ما آسہٕ ہے مقامی رِوایتھ زِ خوتوٗن چھِے اُتہٕ چی آسمٕژ۔ مہجورَن چھُ وونمُت ؎

دوٗہہ اَکہٕ ژندٕہارِ گرٕلیسی گرٕ زالیس ‎ ‎ ‎ ‎ بختن بُناوس بادشاہ بلے
تتھ شاہی منٛز تہٕ کھوٗرِس مُدالیس ‎ ‎ ‎ ‎ یاوَن رالیس چھٕننہٕ میٛاژنی ملے

مگر مہجوٗر صاٗبس برٛونٛہہ اوس ۱۹۵ ہس اَندر آزادن وونمُت ؎

گرٕ ہیسی کوٚرا اُس ژندٕہارٕچ زوٗن ‎ ‎ ‎ ‎ شاہ یوسفنی مشوق حبہٕ خوتوٗن

گاٹہ جارن کرسو نامدار ونیسی یے	نیری چھاونہ گل تہٕ گلزار ونیسی یے

یہ چھُ پانپیر پیٹھٕ کوہ نہٕ بل کنی شتہٕ کلومیٹر تہٕ گاندر وُڈر کنی جرنیلی سڑکہ پیٹھ ساڑ ترےٚ (۱/۲) کلومیٹر ہیو اندر۔

## ۲۔ عبدی راٹھر

مہجور صابن چھ خوتونہٕ ہُند افسانہ بیہہ وُن بناونہٕ خاطر داریاہ طریقہٕ ورتاوی متی۔ چنانچہ اہندِس مالِ سُند ناو عبدی (عبداللہ) تھاوتھ اندر چھُن میانہٕ دانِستہٕ آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز پاروی کرمژ۔ تمن ہرگاہ کانسہِ ہُند ناو مولوم اوس نہٕ آسان، تم اُسس "یاعبداللہ" کرتھ آلو دِوان۔ ہیکیاز ہر کانہہ چھُ خدایہ سُندُے بندٕ، خواہ اصلی ناو کانہہ تہٕ آسِہس لے

راٹھر کرام چھُنس مقامی کرامو منز نُتھی تھاوِمژ۔ اتہِ چھ پتہٕ وتھ گنےٚ، راٹھر تہٕ لون ژٔری ہیٚن روزان۔ (بقولِ بشیر اختر)

## ۳۔ زوٗن

خوتونہٕ متلق اوس لیکھنہٕ آمُت زِ سو اُس بے پناہ حسین، لہاذا آس سہل پاٹھی زوٗن ناو ونہٕ۔ پیٹھٕ اوس یہ ناو خاص کرتھ گامن منز سپٹھاہ عام۔ ہتہ آو ونہٕ زِ یتھ مِصرس منز چھُ تمہٕ پانہٕ اتھ ناوس کُن اشارٕ کورمُت ے

اُسی رِواں، نالہٕ دِواں، گرہنہٕ متہ لوگ زوٗنہٕ تےٚ

---

لے حیات رسول اللہ صلعم۔ ص ۱۹۶

یعنی خوتوٗنہٕ ہنٛدی مول موج اُسی اَتھ مۆران زِ تہنٛزٕ کورِ (زوٗنہٕ) گو نہٕ کھاشدر سیٚود۔ ڈیکہٕ پۆرِ ژیس نہٕ۔ مگر (زوٗن ناو آسُنک اِمکان اَندترأوتھ) یہٕ لفظ ہیٚکہٕ کڈنہٕ مَتھ کہٕ رعایَتہٕ اَتھ اَندر اُستھ۔ گژھون لگُن" چھُ عام محاورٕ یٚیمتیک معنے تقدیٖرس کوس تُن چھُ۔ مہجورتہٕ چھُ وَنان ؎

ییہٕ ناسہ یار میٚونے ژٕلہٕ ہا ہے مےٚ زوٗنہٕ گژھونے

وَندٕ ہَس قبیلہٕ کرُونے روزٕ سَس غلام ییٚہٕ کر

مہجورن چھُ رسول میرس قندہأری زوٗن (ماہِ نخشب) وَرتاوُنس پیٚٹھ کوٚدٕ رۆٹمُت۔

شاہ بأدی میر اوس کیاژِ ژھاراں قندہارٕچ زوٗن

تَس کو نہٕ ژٕہتَس اُس پیوان ژٕندہارٕچ زوٗن

حنفی چھُ وَنان ؎

حبہٕ خاتون شیٚچ زُن زوٗن وژایلے

بیٚلیس جایہٕ چھُ لیکھان ؎

تَتے ما آسان حُسنٕچ زوٗن

یمَن مِصرَن مَنٛز چھُ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛد حُسن زوٗنہٕ سیتی ہشراونہٕ آمُت۔ یتھے کٔنی چھُ تُسند لأژ کوس زوٗنہٕ ہنٛدِس گژھنس سیتی آمُت ہشراونہٕ۔ اَتھی پیٚٹھ یوت ہیٚکو نہٕ تَسندِ زوٗن ناوٕچ لُر لُدِنہٕ۔

## ۴۔ عزیز لون

عبدالاحد آزادن چُھ گوڈنچہ لٹہِ خوتونہٕ ہٕنٛدِس خاندارُسندناو

ییٚمہِ شعرٕ پیٹھٕ عزیزالوان) ووٚنمُت ۔

ژاُرتھ اُنیٚ مے کھمبہٕ میانے ۔۔۔ ہا عزیز زوٗنہ موروش

مگر دوٚیمہِ مصرُک یہ پاٹھ چھُنہٕ اُمس وراُے کُنہ تہٕ۔ عام پاٹھۍ چھُ اتھ

"جانانہٕ منٛے موروش" ونان۔ عبدالاحد ہاکرن چھُ" عادِل زوٗنہٕ موروش"

لیٚوکھمُت۔ ہرگاہ ہتھ مصرَس پیٹھ عزیز ناوَ بنیوٚس، یتھ مصرَس پیٹھ

کیاز بنہٕس نہٕ عادل ناو؟ یہ ناو تہٕ چھُ مُسلمان تھاوان۔ ہُمی سُندکیتھ پاٹھۍ

مانوٚ تہٕ ییٚمی سُندنہٕ۔ یتھ روز یہ کتھ زِ" لون" کرام کیتھ کٔنی تھاوُنس سیتۍ تہٕ

وَنُن چھُ مُشکل۔ منٛے چھُ باسان یہ ناو تہٕ کرام ما آسہٕس مہجور صابَن

پلناوِ ہِشہٕ۔ ییٚمی یہ پنٛنہِ تتھ کتابہ اَندر بیان آسہِ کرمِ ہِشہٕ لیوسہٕ اکیڈیمی ہِنٛدِس

سیکرٹری محمد یوسف ٹینگ صابُس نشہِ چھہ۔

## ۵۔ خواجہ مسعودؒ

دَکہٕ زدٕ زوٗن کاُنسہِ پیرَس فقیرَس نشہِ واتناونہٕ باپتھ [یہٕ زَن

گاٗمی لوٗکَن اَندر عام رِواج اوس] تہٕ چھُ مہجوٗرَن تاریخۍ سہار نیوٗمُت۔

جناب بابا داوٗد خاکیؒ صابَن یمَن کینٛشَن اَہم شخصَن روٗحٲنی تربیت

کرٕمژ اُس، تِمَن مَنٛز اوس پانٛپرُک خواجہ مسعوٗد تہٕ۔ (اسرارالابرار) زمانہٕ

کٕنۍ آسہِ کٔنی واتناوِ مہجوٗرَن زوٗن تِمنٛے نشہِ تہٕ یُنس افسانُس بخشُن

اَمہِ سیتۍ اعتبار۔ اُمۍ سۭے اَتھ چھُس زوٗنہٕ بدلہ حبہٕ خوتوٗن ناو تہٕ کرناوان۔

## ٦۔ حبہٕ خوتون

یہ ناو اوس پتہٕ پتہٕ کأشرِ ین لوٚکَن وَنہِ تہٕ اَمی ہندی شعر آسی گاہے شہر گیونہٕ یوان۔ تأریخی طور چھُ شایق تہٕ کاچرو یہ ناو ہیوان۔ اگرچہ شایق چھُس حبیبہٕ وَنان۔ سُہ تہٕ چھُ کأشری پأٹھی حبے بنان۔ مرازہٕ چ لُکہٕ کتھا چھےٚ زِ یہ اُس حبہٕ لالہٕ ناوِکس اَکس شخصس باگنی آہش۔ تسندی سے ناوَس پیٹھہٕ پیوس حبہٕ خوتوٗن ناو مگر یانہٕ چھےٚ دپان زِ تس چھُ یہ ناو لوکچارِ پیٹھے اوسمت۔ اکِہ بڈِ گرٕچ (جاگیردار) کوٚر آسنہٕ کِنی اَرِ سَس یِزتہٕ پأٹھی خوتوٗن وَنان۔ [a]

مالِنی میتأنی ارباب آسی توٚے پیوم حبہ خوتوٗن ناو [1]

"لغاتِ اہلِ ہند" تہٕ وَہاب لوٗنُن "ساٗل گاہ" تہٕ چھُ اَمِہ ناوِچ قدیم شہادت۔ پی۔ این کے بانزی چھُ پننس تو اُرِیخَس اندر، کانہہ آگرُبادہٕ ورأے لیکھان زِ شہزادہٕ یوٗسف شاہنِس کوٚرُس زٔوُن بدلاوِتھ حبہٕ خاتوٗن ناو۔ (صفحہٕ ۵۲۱)۔ مگر فرق دپان یہ تھووُس خواجہ مسعوٗدن ناو۔

## ۷۔ یوٗسُف شاہ ژَک

ییٚلِہ تہٕ کانہہ قوم پامال چھُ گژھان، بالادست حکمران چھِ تہندِ ین قوٗمی شخصیٚتن ہنز کردارکُشی کران تہٕ نفسیأتی طور تمن پَس ہمت بُناوان۔ یی کوٚر موغلو تہٕ کشیرِ اندر۔

گوٚڈنہٕ گےٚ شِکار آوخہٕ دیوٗسف شاہ ژَک بُناونہٕ۔ اَمی بادشاہَن

---

[1] نِشاط انصأری چھُنَس ہنوومُت سہ توٚے پیوم ناو سیّد کوٚر (حبہٕ خاتون۔ اُردو کتابچہ)

اُس کاشُرِن ہِنْدِ ین دِلَن تہٕ دِہماغَن مَنٛز خاص تہٕ تم شیعہ اُسی یا سُنی یا ہِنٛدی مختلِف رَنگہٕ پٔننی جاے شۄپراوِتھ۔ یتھے یہ اکبرَن ساز واز کٔرِتھ گرفتار کۆر اُمی سٕنز کردار کشی ہِنٛز مُہم آیہ ضابطہٕ بَنٛدٕ پاٹھۍ چلاونہٕ۔ مُغل اثرٕ س تَل مورخو ہیٚوت "عیشِ یوسف شاہی" تہٕ "سرودِ حبہ خاتون" ہِنٛز داستانہٕ پھٔہلاونہٕ۔

ہرگاہ یوسف خرمس اوس، سُہ کیتھہٕ پاٹھۍن سپدِہے لُوکَن اَنٛدر یوسف ہر دِل عزیز۔ پی این کے بامزئی چھُ وَنان زِ کشیرِ ہِنٛدِ ین تمام سُلطانَن اَنٛدر اوس یوسف شاہ ژَک مہذب ترین بادشاہ، سیاسی اختلاف گیہِ اَکھ کَنہٕ مگر کانٛسہِ اَکہِ تہٕ وۄنُس نہٕ زِ ژھکہٕ خرمستی مَنٛز مُبتلا۔ یہ اوس اَکھ عالِم، شاعِر، ماہِرِ موسیقی تہٕ طرح دار انسان۔ اَہنٛدِس بَہلہٕ پایہٕ شخصیت آسنس کیا ثوبوت ہیکہِ اَمہِ کھوتہٕ تھوَد اُستھ زِ یێلہِ یہ اَکہِ لٹہٕ بیمار گٔژھتھ شفایاب سپُد تہٕ غُسلِ صحت کۆرُن، جناب بابا داؤد خاکی ہِی باکمال رۄحانی تہٕ دینی شخصیژ وۄنُس "قصیدہٕ غُسلیہ" یێمِکۍ کێنٛہہ شعر یِم چھِ ؎

دوستدارِ مصطفےٰ واہلِ بیت وصحب اوست

مذہبِ مقبول دارد ایں شہ نیکو مآل

طالبِ علم وشریعت ہست خوانائے کُتب

از مسائل عالماں را می کُند اکثر سوال

در جماعت خانہ وقتی خود امامت می کُند

سورہ خواند گہ قصار و گہ اوساط و طوال

بہر ای دارد زِ علم اصطلاح صرفیاں
می شناسد وزن و صرف انفتال و انفعال

نیز فہمی و سوادی دارد اندر نظم و شعر
در معمّا اند استخراج اعمال و مثال

بر لغت ہا واقفست و در ہنر ہا ذو فنوں
حُسنِ خطے نیز دارد ایں شہ فرخندہ فال

اہلِ حرفست و سخنداں باشناسایی شعر
طبع موزوں نیز دارد ایں شہِ نیکو خصال

علمِ موسیقی رسانیدہ بحدِ انتہا!
ہر مقامی نیک داند چوں حسینی و غزال

اُمی سۭے بادشاہَس خلاف آو کینژن سیأسی اختلافَن پیٹھ اکبر اعظمس کٲشیرِ پیٹھ حملہٕ کَرنُک سال کرنہٕ۔ تہٕ یتھ کٔنی آیہ کٲشیرِ ہٕنز خوٗد مختٲری ہمیشہِ خٲطرٕ بندٕ رِساونہٕ۔ اکبر آو پٔننی کِنی سُنی مُسلمان زٲنِتھ یور اَننہٕ۔ حالاں کہٕ سُہ اوس آتش پرست لیعنے پارسی بنیوٗ مُت۔ اگرچہ ظٲہری طور اوس مختلِف مذہبَن ہٕندِ ن عالمَن ہٕنز مجلِسہٕ گرماوِتھ تِہندی مذہبی بحث و مُباحثہٕ بوزان۔ ایچ ایم بلیوٗزی چُھ اَمس مُتلِق وَنان زِ اُمی اوس شاہی محل خانَس اندر اَکھ اَژھیوٗ نارٕ کوٗنڈ بنوومُت تہٕ صُبحٲے نشہ درِ وُتھتھ اوس سِری یہ پوٗزا کران۔

بلیوٗزی سٕندی لفظ چھ یِم:[۱]

"It seems that the Faith of the Parsis had a particular facination for Akbar. He sent for learnt Dastoor to come and instruct him. Thereafter, Akbar kept afire alight in his palace which was never to be extinguished, rendering solemn respect to the sun as a daily ritual"

## ۸۔ پانٕتہٕ چھوک

دپان ییٚلہِ یوٗسف شاہ گرفتار کٔرِتھ نیوٗکھ، توتوٗن ووٗتھ تہٕ گٔیہ پانٕتہٕ چھوک۔ تتہٕ کٔرن اُکس پہرِ اندر گوشہٕ نشینی اختیار۔ سوٚ کیٲزِ گٔیہ اَتھ جایہ؟ بیٚییہِ کُنہِ جایہ کونہٕ ژٔج یا گٔیہ روزنہٕ؟ اَتھ بستی سٕتی کیا تولق اوس اُمس؟ اَمہِ کیٲزِ اوس ۱۶۷۹ء اندر شاہی ہٕندین اَیامَن لگہٕ سہوٗلژ خاطرٕ اَپاری وٚیتھہِ کٔدلہٕ تارٕ نوومُت؟ لگہٕ ڈٕلیلہِ اَندر ییٚلہِ اُمس خُلع ناہ لوٗنچہ گٔنڈِتھ خاندار ترٲوِتھ ژلان چھُ۔ سُہ کیٲزِ چھُس اُتھی بستی نِش ترٲوان؟ اُمی سٕنٛز زِندگی چھُ کُس یہِ سروٚن واتھ اَتھ بستی سٕتی؟ یہِ (یا پاندریٹھن) ماچھِ اُمی سٕند مالیُن اوسمُت۔ یِم کَتھہِ چھےٚ توَجہ منگان تہٕ سٕتی اُہُند ژٔندِ ہارٕچ آسُن قدرے شک آور بناوان۔

تقریبن ڈوٚڈ ہتھ (۱۸۳۹ء) برٛونٛہم اَکھ شاعر وہاب لون چھُ "سال گاہ" ناوی اُکس باتَس منٛز وَنان ؎

---

[۱] محمّد اینڈ دی کورس آف اسلام۔ صہ ۲۱۰

ناو تمیٚ تھٲوِی نَمہٕ پانٛدرِ یٹھنیٚ
پانٛتہٕ چھوکھ خوتوٗنہٕ نِشہِ بیچھام
کٔتھ اوس کران اَتھہٕ واجنیٚ
تَنہٕ چھُس وُچھان کونہٕ سَنہٕ گوم[1]

ہرگاہ اَمی سُنٛد یہ زمانہٕ صحی چھُ، تیٚلہِ چھُ یہ تہٕ کاچرو اکی وَقتہٕ آسیٚ ہتی۔ اَمی سُنٛد شعر چھُ خوتوٗنہٕ ہُنٛد اَتہٕ دَفن آسُن تہٕ باوان تہٕ پانٛدریٹھن، پانٛتہٕ چھوک تہٕ اَتھہٕ واجنکُ زمینہٕ ژُکُل تہٕ خوتوٗنہٕ ستی نٔتھی کران۔ یہ واشگاف چھنہٕ کاچروٗس نِش۔

## ۹۔ بِسوک (بہار)

۱۹ر جنوری ۱۹۷۶ء یٚیلہِ شیخ محمد عبداللہ چیف منسٹرن بسوک (بہار) گژھتھ یوسف شاہ ژَکَس تہٕنٛزِ قبرِ پیٹھ عالی شان کتبہٕ لوگ، اکادمی ہنٛدِ طرفہٕ سپُد بہَن صفن ہُنٛد اکھ ٹریکٹ شایع ــــ اَتھ انٛدر اوس نہٕ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛدِ تتہٕ دَفن آسنکُ کانٛہہ ذِکر۔ چھُرا اوس وَنتہٕ آمُت زِ یعقوب شاہ تہٕ چھُ تتی دَفن۔ حالاں کہِ کینٛژن ہُنٛد خیال چھُ زِ سُہ چھُ کشتوارس

---

۱۔ شیرازہٕ مئی جون ۱۹۸۹ صفحہٕ ۶۰ (مضمون نگار۔ ایس۔ راضی) وہاب لون چھُ اوسمُت پھوہر (پہلگام) روزان۔ عبدالاحد آزادن چھُ یہ باتھ اکبر بٹ (وفات ۱۹۱۷ء) ہنٛدِس ناوس تَرِ دومُت۔ یُس نہٕ صحی چھُ۔ باتکُ چھُن ناوے یوت ہیٚوتمُت۔ شعر نموٗنہٕ نہٕ۔

۲۔ ڈاکٹر جی آر جان چھُ رسالہٕ اَنہار شمارہٕ ۱۱ سنہٕ ۱۹۹۴ء اندر لیکھان۔ اَمہٕ کتبکُ چھُکھ نہٕ تتہِ نِشان تہٕ تھوومُت۔ سُہ اوس تور گومُت۔

نشہِ سرکوٹُس[1] اندر دَفن۔ اَمہِ پتہٕ چھُ محمد یُوسف ٹینگ "ہمارا ادب" مشاہیر نمبر (۱۹۷۷ء) مَنٛز "یوسف شاہ" ناوِ مضمونس اندر لیکھان زِ تَسنٛد نیٚچوٗ یعقوب شاہ چھُ لسوک دفن۔ حبہ خوتوٗن تہٕ دَفن آسنٕچ چھنہٕ کانٛہہ ذِکر کران۔ مگر ۱۹۷۸ء اندر چھُ اکادمی خبرنامس مَنٛز (جلد ۵ شُمار اَکھ ۱۹۷۸ء) انکشاف کران زِ حبہٕ خوتوٗن تہٕ چھنہٕ لسوک دَفن تہٕ اَکی بٹہٕ برہمنن وَون "یہ قبر یوسف شاہ کی بیوی حبہ بی بی کی قبر ہے"[2] اَما یہ بٹہٕ برہمن اوس اَتہٕ بَدین تُوریَن سانہِ کھوتہٕ یوسف شاہس تہٕ حبہٕ خوتوٗنہِ مجاوِر۔ پروفیسر سوٗمناتھ وِد کھلو چھُ لیکھان زِ اکبرَن دِیُت نہٕ حبہٕ خوتوٗنہِ تہٕ یوٗسف شاہ ژُکس دُبارِ رلنُک اجازتھ[3]۔ ماخذ چھُن نہٕ وَنمُت۔ دَراصل چھُ یمہٕ محض شوٗدِ یہ تراوِنہٕ یوان۔ ژھوٗنڈ ہارِ دِتھ کانٛہہ سکہٕ نہٕ معتبر کتھ پیش کرنٕچ چھنہٕ کل بوٗد آسان۔

---

۱۔ کشیر۔ ڈاکٹر صوفی۔ تاریخ حسن۔ تاریخ ملک حیدر۔ چاڈورہ

۲۔ ٹینگ صاب چھُ وِلہِ وِلہِ نُونُٹ شیٚچھ وَنان یمہِ سٟتی لازمن مامِلہٕ مشتبہٕ چھُ۔

۳۔ حبہ خاتون ۔ دی نایٹینگیل آف کشمیر

# (۱۲)

# حبہٕ خوتون تہٕ اَرنہٕ مال

حبہٕ خوتوٗنہٕ سٕتی چھےٚ اکثر اَرنہٕ مال ترٕ چُکاونہٕ یوان تہٕ دوٚنوٗنی مینہٕ توٗل کرتھ چھُ وَننہٕ یوان زِ اَرنہٕ مال چھےٚ حبہٕ خوتوٗنہٕ کھۄتہٕ پوٚوا ہیوٗرٕ ےٚ آسمٕژ۔ مگر حقیقت چھےٚ یہِ زِ اَرنہٕ مال ناوٕچ چھےٚنہٕ ژُکرٕ کانٛہہ کاشرٕ گوہما کھےٚ آسمٕژ۔ یہِ چھےٚ بذاتی اکِ غلط سوٚنچَن ترایہِ ہٕنٛز یادٕ اوارتہٕ اَمِس آیہِ تیٚژ شوٗہرتھ دِنہٕ تہٕ ڈیاوٕتہٕ زِ دوٚنی رٕوَدنہٕ اَہنٛدِس آسنس کانٛہہ شکھےٚ باقے۔

۱۷، اکتوبر ۱۹۸۸ء آیہِ مےٚ ریڈیو سری نگرٕ پیٹھہٕ "اَرنہٕ مال — زبان تہٕ اسلوب"۔ عُنوانَس پیٹھ کَتھ باتھ نشر کرٕنٛچ دعوت دِنہٕ۔ مےٚ کوٚر اَمہٕ ناوٕچ کانٛہہ گوٚنماتھ آسنَس پیٹھےٚ باپہٕ اِنکار تہٕ ہم زِ ژور باتھ اَمِس مُرتھ چھکھ تھاوِی ہتی، تمَن ہیٚنٛزٕ م تنقیدی سام، اَدٕ یہٕنٛدی تم چھِ تہٕ تہٕنٛدی۔ پرٛوگرامکی پرٛوڈیوسر میثانی دوس، موہن نراشن صابَن وَنیام اَہندٕ آہنکی لفظ کھبنہٕ خاطرٕ۔ مگر ییٚلہٕ نہٕ مےٚ موٗنُس، کَتھ باتھ سپَزٕ تتھےٚ پاٹھی نشرٕ۔ تمہٕ وِزِ اوٗس مےٚ یہِ اِظہارے یوت کوٚرمُت۔ دٔلیل آسم تہٕ کانٛہہ ترٕ دِرٛہژٕ۔ دوٚنی دِمہٕ اَتھ موٗختصر پاٹھی نوٚم۔[۱]

---

[۱] میانہِن خیالَن سٕتی ہیٚکہِ اختلاف سپدِتھ مگر تمیک معنے گوٚ نہٕ خیال گژھن دوٚبرادٕنی ہرگا اَدبَس اندر یہِ نہج وَرتاونہٕ ییہِ۔ سُہ ہیٚکہِ نہٕ برٛوٚنٛہہ پکِتھ تہٕ تحقیق چھِ کولہٕ گژھن رٔاسی۔

(الف)۔ کینژن بُزرگ ساز ندرن پرُژھ متے اَتھ مُتلق، تموٚ وٚن زِ یہ ناو گوٚ تمن ریڈیو سٹیشن بَننہٕ پتے کُنن۔

(بے) لل دید تہٕ حبہٕ خوتوٗن روٗز ہتہٕ بدلو وُری کوٚ پیٹھٕ گامَن ہٕنہ سَرین اندر لوکہٕ کھوٚ بڈِن زبان زد۔ مگر اُمی سندِ ناو نہ ادس کانسہِ بٹس ہٕنہٕ بٹنہٕ وبوٗد، نہ کانسہِ مُسلمانس تہٕ مُسلمانہٕ پتاہ۔ اوتار کرشن رہبر چھ انشا پردازی کران لیکھان زِ لل دیدِ آس خدا دوستی ہنز پُنش پناہی، حبہٕ خوتوٗنہِ آس پادشاہی ڈکھس۔ مگر اُرنہٕ مال اُس اکھ عام زنانہٕ تہٕ عوامی سہارس پیٹھے روٗز زِندہ۔ یہ عوام تہٕ چھ خیالی تہٕ سہارہ تہٕ فرضی۔

(ج) بیبر بل کاچرو چھ پننس توارِیخس اندر لل دیدِ تہٕ حبہٕ خوتوٗنہِ ہنز کتھ کران۔ مگر اُمی سند چھُن ہٕنہ ناو تہٕ ہیوٚ تمُت۔ ہرگا یہ کانہہ شاعر آسہ ہے۔ اُمی سُند ذکر کرِہے سُہ وارے ٹُھر کھاتہٕ، تکیازِ یہ اُہس پننی خاندانیچ نوش ہٕنہ خاندانی فخر کوٚت تراوِہے۔ پیٹھ چھ دپان اُرنہٕ مال موٗیہ ۱۸۰۰ہس اندر۔ اُمہِ وِز چھ کاچرو ۲۵ ؤُہر اوسمُت۔ اُہندِ اَتھ آسہٕ ہن کھیوٚمُت چیوٚمُت تہٕ، اَدٕ آسہٕ ہن نا اُمی سُند کلام بوٗزمُت تہٕ پوٚرمُت۔

(د) اُمی سنز گوڈنیچ ذکر چھپے سری پرتاپ کالج میگزین ۱۹۳۶ء سلور جوبلی نمبرس اندر میلان۔ اورکُن پوٚد متے اختر محی الدین صابن ۱۲ ، اگست ۱۹۷۸ہس اندر اکھ چیٹھی لیکھتھ ظوٗن۔ بہتر روزِ تمیک فرؤری حوالہ ہوٚبہوٚ پیش کرُن:

"کتابن پھیٖر دِوان ڈراد متے پرتاپ میگزینک سُہ شُمار

نوٚن ییُٚس ستمبر ۱۹۳۶ہس منٛز کالجہ چہ سِلوَر جوبلی ہنٛز تقریبہ پیٹھ
چھپیوٚمُت چھُ۔ . . . میگزینس منٛز چھُ نثر صرف اکھ صفہ یُس
پریستان (گوڈنِکتھ) عُنوانس تَل چھُپتھ چھُ۔ باقے چھ غزل بیتر..... ناگری
رسم خطس منٛز تہٕ چھُ "کاشُر لوُگ" . . اَتھ چھُ پریستان ہندی پاٹھی لیکھتھ
تہٕ لیکھن وول چھُ جیالال کول . . . اُرنہ رنگ گوم شہراون ہیٚیے تہٕ
شیٚہ یار روزی تَن پوٚشی تَن پرن چھُ "شریمتی بھوانی داس رانی
ہندی تخلیقات ہاونہٕ آہتی۔ غُبر اُمس کیاز نہٕ کُنہٕ جایہ اُرنہٕ مال ناو
لیکھان؟...... اَمہ پیٹھہ چھُ داہ "پرچلت گیت جن کے
کوی پتہ نہیں کون ہیں۔ ان کے کچھ پد یہاں دیئے جاتے ہیں۔"
. . . مےٚ شوقہ یارِ پتہٕ برہمس پیالہ تہٕ / آلو دیتوسے، چھُ
یمَن منٛز شامِل۔ مگر یہ باتھ چھُ "سٹیڈیز اِن کشمیری" ناوی کتابہ
منٛز کول صٲبنٮ۪ اُرنہٕ مالہ ستی منسوب کورمُت۔ اَما تم کتھہ پاٹھی
اَتھ نتیجس واتیٚہ ہتی؟ اَتھ کتابہ اَندر چھُ یہ وَژُن ہنا بَدل
پھَن ..... اُکے سے شاعر پتہٕ کلامس، اُکے سے سوٚمبرن
کار پتہٕ ڈسی یوٚت لفظ پھیر چھُ شک گیٚ راوان..... مےٚ
چھُ کُنہٕ ساعتہٕ شک گژھان زِ بھوانی داس کاچرو پتہٕ آسیٚن
آسا تہٕ شاعر۔ یوٚد وٚے آسِن، تمِس اوسا اُرنہٕ مال ناو؟ یمہ
کتھہ لیچھےٚ مےٚ ژٕ ے۔ تکیاز ژٕ ے چھےٚ تحقیقس ستی کانٛہ لولے خوے۔"
[شیرازہ جلد ۱۵، شمارہ ۴، ۱۹۷۸ء بہ عنوان "اکھ خط"]

غرض، پرتاپ میگزین کِس اَتھ (۱۹۳۶ء) شُمارس اندر لیوسہٕ گوٚ نمانہٕ جیالال کول پتٕرِس مضموٗنَس اندر زَنم لبان چھِنے تَس چھُ آسان نادر رآنی۔ لازمَن بَہٕ ژٕ پاٹھۍ واٗرۍ وٕنیک ناو۔

اَمہٕ میگزین برٛونٛہہ شیٛنے وٕری ۱۹۳۱ءہس منٛز سپُد "بہار گلشن کشمیر" ناوی کاشرِ پنڈتن فارسی شاعرَن ہُند اَکھ تذکرہ دوٕن جلدَن اندر شایع۔ اَتھ منٛز چھِنے لل دید تہٕ روپہ بھوٛانی تہٕ شامِل۔ مثالہٕ کِنہٕ چھُ فارسی بَدلہٕ تِہُنٛد کاشُر کلام آمُت دِنہٕ۔ ہرگا اَرنہٕ مال تہٕ کانٛہہ آسِہ ہے، سوہ گژِھ ہے نہٕ اَمہٕ کِس ترتیب کارَن نہٕ تِمَن اَتھہٕ روٗٹ کرن والیٚن مُشِتھ۔

اَمہٕ پتہٕ نوٕ وہرِ ۱۹۴۰ءہس اَندر چھُ محمد الدین فوق "خواتین کشمیر" ناوی اَکھ کتاب لیکھان یتھ منٛز اردٕ اہَن ناماوار کاشرِ زنانَن ہنٛز وِژھنے دار ذِکر چھِنے پیٚنٛز ہمِہ منٛز چھِنے لل دید، حبہ خوتوٗن، تہٕ روپہ دید شامِل، مگر شریمتی رانی ہنٛز چھِنہٕ کُنہٕ ژھاے تہٕ دٕرِشٹھ گژھان۔ سیٚنز کُنہٕ چھِنے زٕ ۱۹۴۰ءہس تام تہٕ اوس رانی ناو تہٕ گوٚنہٕ ماتھہٕ پرتاپ میگزینَس اَندرٕ بنٛد۔ ہرگا پہ کانٛہہ آسِہ ہے، نہٕ پھِرِتھ ہے فوقَس، نہٕ تَس اَتھہٕ روٗٹ کرن والِس مھجوٗرَس۔

"خواتین کشمیر" پتہٕ پانٛژِ وہرِ ۱۹۴۵ءہس اَندر چھُ کول صابٕ اَکھ لوکٕٹ کِتابہٕ ہَن "کشمیری لِرکس" لیکھان۔ اَتھ اَندر چھُ پرتاپ میگزین کِس رآنی ناوَس تٕراس گرِتھ اَکھ نوٚو ناو "مسٕر بھوانی داس" اَرنہٕ مال "برٛونٛہہ کُن اَنان۔ ـــــــ رانی کھوتہٕ اَکھ ژٕمہٕ دُن شاعرانہٕ ناو۔

عبدالاحد آزادَن چھُ "کٔشیری زَبان اور شاعری" اَندر اُمِس کَہہ
لَٹِہ "مِنزِ بھوانی داس" نہٕ ژورِ لَٹہِ اَرنہٕ مال / اَرنی مالی / اَرنی مال ناو
لیٚوکھمُت۔ باسان چھُ اُمی چھِ انگریزی لَفظ "مِنز" سان کول صاب سِے
رِلتہِ اُمی سُنٛد ناو تہٕ زان حاصِل کٔرمٕژ۔ اَرنہِ مالہِ ہِنٛدِس ناوَس اِملائی ہِشرنہٕ
آسُن چھُ گوٗاہی دِوان زِ ۱۹۴۶ء ہَس تام تہٕ، ییٚلہِ آزادنی "کٔشیری زَبان اور
شاعری" مکمل سپٕز، اوس نہٕ یہِ ناو برٛوٚنٛہہ پیٚومُت۔

## اَرنہِ مال ناو

اَرنہِ مال ناو چھُ اَرنہٕ رَنگ گوم شرٛاون ہیے" باتہٕ بیٚٹھ یہِ وُنٛتھ بناونہٕ
آمُت زِ یہِ چھُ لیٚکھمُت۔ یہِ برٛم چھُ محمد یوسف ٹینگ تہٕ کھبوان[۱]۔ حالانکہ
لیٚکھمت چھُ باتَن چھیکرَس آسان۔ یہِ چھےٚ اَکھ مشرقی رَسمہٕ پالَن۔ کول
صاب چھُ ۱۹۶۸ء اندر اَتھ پُشرٛاومتِس اَرنہٕ ناوَس دَربرٕ دِنہٕ موکھ
لیٚکھان ـ "سو چھےٚ (اَتھ مِصرَس اندر) پننہِ ناوِ بیٚٹھ اَکھ نوزُک امیجری
وونان[۲]۔ " حالانکہ" اَرنہ رَنگ گژھُن" چھُ محاوَرٕ رٔنگی تشبی، یتھ کُنی
یِمَن شعرَن اَنٛدر وَرتاونہٕ چھےٚ آمُژ اَرنہِ رَنگ گوم شرٛاوَن ہیٚئے /
داَن پوشَنَس وُنی توس ییے (موسیقی ع۶) اَرنہ رٔنگ گوم چانہٕ اَمارو /
بیٚیہ میلتو پننی شایے (موسیقی ع۹) رَسہٕ مَسہٕ برٛمُرمےٚ کَمہٕ ہیٚیہ مالے /

---

۱۔ وُچھو برٛوٚنٛہہ پیٚن ۲۔ "SHE WEAVES A DELICATE IMAGERY OUT OF HER OWN NAME" (سٹیڈیز)

اَمہِ برٛوٚنٛہہ چھُپٕن ۱۹۴۵ء ہَس اندر یہِ باتھ حبہ خوتوٗنہِ ہُنٛد ہودُمت (کٔشیری لٕرکس

ہے ارنہٕ رنٛگ گوم منٛے سوٚنٛدرٕ مالے (موسیقی ۵) ہئے ونٛیسی ہیہ تنہٕ ارنہٕ ہنٛد رنٛگ گوم رٕٛکُس وَنہٕ نٛنگ گوم یارَس دِل (موسیقی ۔) ہا ہیہ مٲلی بالہٕ ژنٛے گونٛے نا ارنہٕ ہُنٛد رنٛگ (موسیقی ۱) [1]

اَمہٕ باہتکی یاٹھی آدونہٕ" کاوی دِ ہنُم ارنہٕ ہِیے / باتُس انٛدر تہٕ چھُ ارَن اٲدی سنٛد لیکھت، توٚے آو یہ امِس کُن منسوب کرنہٕ۔ حالاں کہ "ارنتہ ہیے" گوسُلہٕ صُبحنَ باگ۔ یعنی سُلہٕ صُبحنَ دِ ہیُم کاوَن لیُس کٲنسہٕ ہنٛدِ یُنک رُت شگون مانٛنہٕ چھُ یوان۔ ہنٛدُستٲنی دیومالایہ کینٛہ چھ سرٕکہ یہ بھگوانَس ارَن رتھیان۔ توٚے چھُ گوٚڈنی سُے (بٔرونٛٹھ کنہٕ بھہتہٕ آسنہٕ کِنۍ درینٛٹھ یوان تہٕ اَدٕ چھُ سرٕ یے بھگوان۔ یعنی گوڈٕ چھُ لالن گاش، پتہٕ کھسان آفتاب۔ میون اکھ شعر چھُ اَتھ دیومالاۍ قصَس کُن اِشارٕ کران ؎

سری لُبس پیٛوم کرُن داشت
ارنَس پھٔری کھہ رووُم پوٚل

بہر حال اَتھی ارَن لفظَس تھٕیہ دِتھ بنے ۱۹۳۶ء کہ پرتاپ میگزنہٕ ہنچ رانی (شریمتی بھوانی داس) ارنہٕ مال (مسز بھوانی داس) عبدالاحد آزادن لیوکھ تی یہ تَس تام ووت۔ تمیٚ اوس "کشمیری زبان اور شاعری"

---

[1] ۔" ارنہٕ رنٛگ گوم شراوَن ہیے" پیٹھ آس مالنیک ناو ہیہ مال تہٕ بناونہٕ یعنی یہ اَسس، ہی (مالپنک ناو) تہٕ گوم ارن (وارِونیک ناو) تہٕ زَن گوسوکھ ساوس اَسس تہٕ لجس دوکھ داوَس۔ مگر یمِن شعرٕ مثالَن منٛز تہٕ چھِ یم دوشوے پوشِس یکوٹہٕ آمتی۔ اَتھ کانٛہہ جواب؟

جلد نہٕ ہٕس اندر اٲہنٛدِس تذکرٕس "مِسٕز بھوانی داس" عنوان نَفوومُت مگر اٲمکۍ ترتیب کار محمد یوسف ٹینگ صأبَن بَدلوُوس یہِ عنوان تہٕ لیٛوکھنَس" ارنہٕ مال"۔ فٹ نوٹس اندر وٕونُن "آزاد نے ۳۱ باب کا عنوان مِسٕز بھوانی داس رکھا ہے مگر ارنی مال اپنے نام سے مشہور رہے اور اور شعروں میں بھی وہی نام برتتی ہے۔ کوئی وجہ نہیں لل دید اور حبہ خاتون کی طرح وہ بھی اپنے نام سے یاد نہ کی جائے۔" یہِ گو آزادٕس زوٗرٕ "ارنی مال" عنوان پُشراوُن۔ پٔرٕھ شبیر ژٲر چھپٕے بعضے اہم تحقیقی مالمَن کُھرتہٕ ہیکان اٲنِتھ۔ تو تہٕ چھُ اٲمۍ فٹ نوٹَن صوٗرت بچأو مژٕ تہٕ اٲسی ہیکو وٕنِتھ زِ آزادٕنس اَتھ تذکرٕس تام تہٕ اٲسی نہٕ وُنہٕ اٲرنہٕ مال ناوُن موٗل ژُٹمتی[۱]۔ یتھے کٔنی چھُ ترٛیٚمِس جلدٕس اندر مہجوٗرنَن حالاتَن اندر آزاد اٲمۍ سِنٛز ضِمنی کتھ تُلان تہٕ اٲمِس "مِسٕز بھوانی داس" لیکھان۔ اَتھ پیٹھ چھُ بیٚیہ ٹینگ صأب بِھوشِتھ ہیٚو نوٹ لیکھان ـــــ "اٲرنہٕ مال، آزاد ہر جگہ اسے مِسٕز بھوانی داس لکھ کر ہی یاد کرتے ہیں۔" ٹینگ صأبَس ما چھٕے خبر زِ ۴۶ ءٕس تام (ییلہٕ آزادٕنی کتاب مکمل اٲس سپٕزمٕژ[۲])

---

[۱] ... چھپٕس نہٕ اٲہنٛدِس ناوس تہٕ ہشر وومُت ـــ ارنہٕ مال، اٲرنہٕ مال، ارنی مالی (ژوٗرِ لٹہِ چھُن یہِ ناو ہیٚوتمُت، باقی کَہہ لٹہِ "مِسٕز بھوانی داس")

[۲] یہِ چھُ جلد اول کہِ دیباچہ تلہِ نَنان یتھ آزادَن ۴، اکتوبر ۱۹۴۶ ءٕ تاریخ چھُ دِیتمُت تہٕ وٕنمُت ـــ "ہمارا خیال تھا کہ کشمیری زبان کی اس مکمل تاریخ کو مختلف حصوں میں شایع کریں لیکن آج تک ایسا ممکن نہ ہو سکا۔"

چھُنہٕ اُرنہٕ مال ناوَن ژُہ شعہر آسان پرٛووُمت لیُس ۔ ۱۹۶۰ءہَس اَنٛدٕ ٹینگ صابنہٕ وَقتہٕ حاصل اُوسُس سُہ پُدٕ مُت۔

آزاد چھُ جلد اولس اندر ذیلی عنوان "مسٹر بھوانی داس" دِتھ ضمنی پاٹھی لیکھان زِ اُمِس اوس مالنی ناو ہیہ مال تہٕ واُرِو ناو اُرنہٕ مال [ اَتھ کتھِ دِیُت اَسہِ صفہٕ ۴۷ ہَس پیٹھ نَم ] مگر دوٛیمِس جلدَس اَندر چھُ اُمی سُندِس باضابطہٕ تذکرس اَندر یِمَن ناوَن ہُنٛز کتھے کھوان تہٕ وَنان زِ اُمی سُندی صحی حالات چھِ سیٹھاہ کم میلان۔ اُمی سُند مَرُن وَری تہٕ چھُنہٕ مولوٗم۔

آزاد چھُ سوٗے کتھ پھِران یوسہٕ اَدٕ تام پکناوِنہٕ آیہ زِ یہ اُس یَلہٕ ہالَن گاے چھ ییٚمٕ تیک اِشارٕ یِمنِس یِتھ شعرس اندر کوٗرمُت چھُن ؛

سوٗنہٕ ہی پھوٗجِ کھے وَنَن کرٕ ڈزالَن　　یَلہٕ ہالَن مالیُن چھُ پِیے

چھُس میانِس کیاہ گیہ سے کلَن تہٕ وانے　　چھُپیامُت بُلبُل لنجہٕ بیوٚٹھُم کُس

یہ ژٕرٕ تھہ سے مَنجمن کتابہٕ دُچھہ سے فالَن　　یَلہٕ ہالَن مالیُن چھُ پِیے

اَتھ وۄزمہٕ باوُژ چھُن یِمنہٕ طرفہٕ فُٹ نوٹ لیوٚکھمُت زِ موسیقی مَنٛز چھِ یہ شعر یِتھٕ کِنی دَرج۔

سوٗنہٕ ہی پھوٗجِ کھے وَنَن کرٕ یِدزالَن　　پوش وِلٕ اچھکھے پوشہٕ مالَن کرٕ

گُل گرٛزھن بَرٕ تہٕ کرٕ یِڈن ماسَن زالَن　　یَلہٕ ہالَن مالیُن چھُ پِیے

مگر نہٕ چھُ موسیقی اَندر "یَلہٕ ہالَن مالیُن چھُ پِیے" مِصرٕ دَرج، تہٕ نہٕ چھُ کانٛہہ سازٕ نٛدرٕ یہ گیوٗانی۔ اوتار کرشن رہبرَن تہٕ لیوٚکھ یَلہا لنٛچ "رنگین طبیعت

گاہہ کوٗر" (کاشُر ادبٕچ تاریخ)۔ مٮ۪تے ییٚلہِ ۱۹۶۵ ءَہَس اَندر "لولہِ نغمہٕ"

ناوٕ کِتاب، یُس موسیقی اَندر گیونہٕ ییَنہٕ والین تمام کاشرِ لولہِ باتن

پیٹھ مشتمل چھےٚ، تیار کٔر ^ل^، اَتہِ گوم نہٕ پَتہٕ ہالن مالیُن چھےٚ" کُنہٕ نظرِ مٮ۪تے

ڈٕنی جیالال کول صابَن یہِ کتھ۔ ییٚلہِ ۱۹۶۸ء اَندر "سٹیڈیزان کشمیری" شایع

سپِز، کول صٲبَن اوٚس لَرِ بَدلاوِ ہژ تہٕ لیوٗکھمُت زِ اَرنہٕ مال اوٚس سرینگر

شہرٕکِس اَکِس گرِس اَندر زامِژ تہٕ بَڈے مِژ ^ل^۔ لیعنی پَلِہالنَس اوٚس راتی

ناوِکی باَٹھی ژاس سپٕز مِژ ^ل^۔

بٔیا کتھ کتھ تہٕ پیٚیم یاد۔ اَکِہ دوہہ آو مٮ۪تے وَننہٕ "یہ چھُنا سنطوٗر، یہ

چھےٚ اَرنہٕ مالہِ بَنوومُت۔" قیصر قلندر صابَن چھُہ شیراز س اندر

"سنتوٗر" ناوٕ اَکھ مضموٗن لیوٗکھمُت تہٕ اَمیک پَیہوٗدن ہٕنٛد پیٹھ

ڈٲلیمُت۔ اَتھی اَندر چھُہ وَنان "بعض دوستوں کا خیال تھا کہ سنتور کی

ایجاد میں ارنہ مالی زوجہ بھوانی داس کا ہاتھ ہے' یہ صحیح نہیں ہے" یہ چھُہ

ہاوان کتھ کاژاہ اوٚس پکنا وَنہٕ آمِژ، خبر یہ کتھ کیا زِ اوٚس نہٕ سونچنہٕ آمِژ۔

تہٕ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنٛدِس زمانَس منٛز اوس نا سنطوٗر سازنہٕ سازندہٕ (صوفیانہ)

موسیقی اَندر شامِل؟ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہٕنٛدی زمانُک خواجہ حبیب اللہ نوشہری

---

ل۔ یہ سوٚمبرن چھُہ ۶۳ ہم فُل سکیپ صفحن پیٹھ تیار سپدِتھ اکیڈمی نشہٕ تہٕ

تٔہنٛدی طرفہٕ سپدِ شایع۔ اَصلی اوٚس یہ ۵۸ءَہَس اَندر تیار کرنہٕ آمِژ۔

ل۔ ARINAMAL WAS BORN AND BROUGHT UP IN THE

CAPITAL CITY OF SRINAGAR" P. 196

چھ وَنان:

سازِ سنتوٗر، دٕہریے　　　دَرِ شریعت نو پُچھیے
عاشقَن تی بَس پُچھیے　　　وو تھوٗ گرٛھاو دِیلے

سنتوٗر آو ایران تہٕ وسطِ ایشیا پیٹھٕ یورٕ[1] فارسی پاٹھی چھُ امہٕ کس وایِن وٲلِس سنتوٗری (DULCIMER PLAYER) وَنان۔ اَسی تہٕ چھِس سنتوٗری وَنان۔ سنتوٗر چھُ اَز تہٕ ایرانی کلاسیکی موسیقی ہُنٛد اَہم انگ۔ ڈاکٹر امرت لال عشرتؔ چھُ لیکھان۔ "سنتوٗر تاروں والا ساز ہے جس کو دو چھوٹی چھوٹی چھڑیوں کی مدد سے بجایا جاتا ہے۔ اس ساز سے ایرانی موسیقی میں وہی کام لیا جاتا ہے جو ہمارے یہاں سارنگی سے لیا جاتا ہے یعنی گانے والے کی رفاقت کا حق یہی ساز ادا کرتا ہے۔ گانے والے جب ایک مصرعہ یا تان ادا کر کے چھوڑ دیتے ہیں تو سنتور نواز اسی آہنگ کو پُرسوز انداز سے دہراتا ہے۔"[2]

پروفیسر مرغوب بانہالی صٲبَن چھُ انہار جلد ۱۲ شمارہ ۱۵ ۱۹۸۹ءہس اَندر یہ نُکتھا ؤنی مژٕ زِ اَرنہٕ مالہٕ زایہٕ زٕ شُری مگر درِے لیس تہٕ۔ اُدِ موکھ گیہٕ وٲری دِین اٰہنٛز دِیے تہٕ نفرت۔ اَتھ انکشافس چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ آگُر وَننہٕ آمُت، نہ ہیوٗک میٔنے باوِتھ۔ باسان چھُ کُنٛی تان چھُس ٹٔلی شیٖچھل

---

[1] "سنطوٗرٕچ ذِکر چھُ شاہنامس اندر فردوسین تہٕ کٔرمُت۔ دیارام خوشدل کاچرو چھُ ترانہٕ سرٛوٗرس اندر لیکھان زِ یہ کوٗر لُقمانن ایجاد۔ تمۍ لیوٗکھ نہٕ یہ کوٗن سپانہٕ خاندانچہٕ اکہٕ نوشہٕ ایجاد۔　　[2] "ایران صدیوں کے آئینے میں"

پلنٲوِتھ۔

وَننہٕ اوس یوان زِ اَرنہٕ مال گیہِ کھاندرٕ پَتے (شُرِ مُرِ رۅستے) کینٛژِ کالی مالِنٛ وٲپس۔ مگر رٔہبر صٲبس گو تٲرِیخ حسنس اَنٛدرٕ نظرٕ زِ بیرَبَل دَرس ٲس مُنشی بھوانی داسنی کوٗرنیتھری۔ مالہٕ خراب گژھنہٕ نِشہِ بچاونہٕ خاطرٕ وُچھس رٔہبر صٲبن نفیس دُج زِ ممکن چھُ بھوانی داسن ما آسہٕ ہیے بٲکھ کھاندر کۄرمُت یا اَرنہِ مالہِ ما چھُ کوٗر آسمٕژ۔

حبہ خوتوٗن ٲس تہٕ اَرنہٕ مال آیہِ تھُرنہٕ۔ ہمیٚشنز زندگی آو رنگہٕ غوطہٕ دِتھ اَفسانہٕ بناونہٕ تہٕ یہِ آیہِ جان پٔہن بٲتھ پُشرِتھ شاعرادنہٕ۔

## اَرنہِ مال (بٲتھ)

یمِ بٲتھ اَمس کُن لاگن والیو کوٗر کینژھا اَکھ اَکی سُنٛد تقلید تہٕ کینٛژھا پُشرووہس ییٚنٛنُن تہِ مَن پسند موسیقی ہُنٛد بٲتھا بٲتھا موسیقی ہُنٛد بَرچھ ووٚتھ۔ کانٛہہ بٲتھ تہِ ہیکون کانٛسہِ ہنٛدِس ناوس تراوِتھ۔ ثبوٗت؟ ناوس تراوَن وٲلِ ہِشنز مرضی۔ کانٛہہ ہُنی یاد نہٕ آسنہٕ کِنی چھُنہٕ اَمس کُن بٲتَن ہنٛزِ اَتھ منسوٗب سازی اَندر کانٛہہ ہشر بلی کہٕ چھُ ناکارٕ پھاٗسد۔ یہِ ہیکہِ تِمن کینٛژن بٲتَن سام ہیٚتھ نِنتھ، یِم اکثر اَمس کُن منسوٗب چھِ سپدان۔

گوڈنیک بٲتھ گو" اَرنہِ رنگ گوم شراوَن ہیے" ییمہِ بیٚتھ اَہندِن فرضی ہالِنی تہٕ وٲرِو ناوَن دَریرٕ آو بخشنہٕ۔ عبدالاحد آزاد چھُ پننِس گوڈنکِس جِلدس اَنٛدرٕ "مِسٹر بھوانی داس" ذیلی عنوانس تَل

اَتھ تمۍ سُنٛد قرار دِوان (ص ٧٦) مگر بڑٕ وٕنہٕ پہن چھُس "تعقید معنوی" عُنوان دِتھ محمود گامی سُنٛد "مشہور و مقبول غزل" ناو کران[1]۔ اَتھی جلدِس اَندر اَکی سے بأتس مُتلق یوٚتاہ پھاس تہٕ پھیر۔ [یہ لگہٕ نہٕ مُشراوُن زِ محمود گامی چھُ تأریخی حقیقت تہٕ اَرنہٕ مال چھےٚ فرضی کِردار۔]

اوتار کرشن رہبر چھُ گوڈٕ محمود گامی ٕن سورے یہ نوٚبند بأتھ دِوان، یَتہٕ چھُ یمو منٛز ژور بنٛد الگ کڈتھ دِپان یِم چھ اَرنہٕ مالہٕ ہنٛدی اَہنٛدِس کلامَس سٟتی رَل گأمتی تِکیاز یِمَن چھُ اَرنہٕ ہنٛد رَنگ۔ یہ عجیب کمپیوٹری رَنگہٕ ژارَے چھےٚ حأرتھ ناک خاص کرِتھ یلہٕ لیکھان چھُ ــــ "یہ چھُ تمہِ اثرُک نتیجہٕ یُس زَن اَرنہٕ ہنٛدِ وَژنو محمودَس پیٹھ ترٛاوومُت اوس.

. . . باسان چھُ زِ محمودَ آسہٕ ہیے یَنہٕ شأعری ہنٛدِس گوڈٕ کالَس منٛز اَرنہٕ ہنٛدِ نے لولہٕ ہُرِن اور یوٚر کرِتھ شأعری کران" (ص، ٢٥)

دوٚیُم بأتھ چھُ "گیس گیس موکر ہایت درو" اَتھ چھ ترٛےٚ بنٛد تہٕ خوتونہٕ ہنٛد لیکھت تہٕ۔ یمو منٛز کِتھہٕ پأٹھی نمون گوڈنیک بنٛد تہٕ ترٛاوون اَرنہٕ ہنٛدِس چنٛدَس، محض یہ اَفسانہٕ بناونہٕ خأطرٕ زِ سوٚ آس مالِنس اَندر یٹنٛدٕ رُکتی کٔتی ناوہکی دوہ کڈان۔ خوتونہٕ تہٕ چھُ یی گُدریومُت۔ ترٛییُم بأتھ چھُ "کأدی وِہنَم اَرنہٕ ہِہے"۔ یتہٕ چھُ محض "اَرنہٕ ہِہے"

---

[1] ۔ مہجورَ صأبنہٕ ذأتی لایبریری اَنٛدر یُس پرٛون قلمی نُسخہٕ محمود گامی ہنٛدِ کلامُک چھُ۔ تتھ اَندر تہٕ چھُ یہ محمودنے ہأوِتھ۔ [بحوالہٕ کُلیاتِ محمود گامی۔ ناجی منور]

لفظن پیٹھ اُرنہٕ مالہٕ حوالہٕ سپدان۔ مگر آزاد چھُ اَتھ مُنشی بھوانی داس سُنٛد وَنان تہٕ لیکھان ـــ "دِپان یہٕ بَاتھ چھُ پنڈت (بھوانی داس) ہٕنٛدِین جذباتَن ہُنٛر باوتھ کران"۔ آزادَن چھُ اَمِیُک آخری مصرٕ غلط دِتھمُت۔ اَمِیُک گوڈُت تہٕ اَنٛدُت تہٕ چھُنہٕ اَمہٕ بَاتُک حِصہٕ۔ بہرحال مُنشی بھوانی داس یا مِستر بھوانی داس بَاتھ چھُ گرٕ سے مَنٛز روزان۔ اَتہٕ چھِنہٕ یہٕ کتھ تہٕ ٹاکارٕ زٕ ۴۶ ہَس تام تہٕ اوس نہٕ یہٕ بَاتھ اُرنہٕ کُن منسوب سپدمُت۔ یہٕ بَاتھ چھُ حبہٕ خوتونہٕ ہُنٛد تہٕ وَننہٕ یِوان۔ صحی چھُ اَوکی باسان زِ تَمہٕ چھُ (شاید شاہی ہِنٛدِین اَیامَن) کینٛہہ بَاتھ لفظٕ گینٛڈ کٔرِتھ ڈٔنی مٔنی اَتھ بَاتَس اَنٛدر تہٕ چھُ سُے گیوٚنٛد موجود۔

ژوٗرِیُم بَاتھ چھُ "مے شوقہٕ یارٕ سنٛد بٔری مَس پیالہٕ تہٕ"۔ پرتاپ میگزینَس اَنٛدر چھُ کول صابَن یہٕ پرٛچلت گیتَن مَنٛز (ہِنٛدی شاعر نامعلوم چھُ) درج کوٚرمُت۔ مگر سٹڈیزان کشمیری' اَنٛدر چھُن یہٕ اُرنہٕ مالہٕ مُجرا دِتھمُت۔ پرتاپ میگزینَس اَنٛدر دِتھمُت اَمِیُک پاٹھ گوس راوِس تَل تہٕ موسیقی بدلہٕ اوٚنُن یہٕ نوٚو پاٹھ کتہٕ تامت پہہٕ۔ دوٚن پاٹھَن گوٚ لازمن بھیِیرٕ، یتھ کُن اختر محی الدین صابَن تہٕ پننِس خطس مَنٛز اِشارٕ چھُ کوٚرمُت۔

---

لہ۔ "کھسہٕ ڈُنہٕ مرگہٕ تہٕ وَسہٕ ڈُنہٕ بالہٕ" بدلہٕ چھُن "ترٛوٚنہٕ مرگہٕ تہٕ وَسونہٕ بالہٕ" لیوکھمُت۔ یُس نہٕ صحی چھُ۔ تِکیازِ "کھَس تہٕ وَس" قافیہ گنٛڈتہٕ واقٲتی مانہٕ پزٕ رِیُس ہیتھ مَنٛز چھُ، سُہ چھُنہٕ اَتھ مِصرَس مَنٛز۔

بیٚیہِ زٕ ژور" اڈکھشی" بأتھ، یُس یُس خوش کوٚر، سُہ تمی ترووُس ناوس۔ مثلَن کول صأب چھُس "سٹیڈیز ان کشمیری" (۶۶۸) اَندر ییم بأتھ لوٚنچہ گنڈان۔

۱۔ میٲنہٕ مَدن ہیو ہیو۔ مگر ہپاری چھُ یہ یلہٕ بأتھ، اُتھی کتابہٕ اَندر (پرچلیت) "لوکہ بأتَن" (LaLa LYRICS) اندر دَرٕج کران۔ (وُچھو نمبر ۱۲)۔

۲۔ یُدمانہٕ اَدِ کرٕ ہیم تے، پتہٕ چھُ لولہٕ بأتَن اَندر دَرج۔ (وُچھو نمبر ۴۴)

۳۔ اَس ےٚ وَنیسی یےٚ میٲون ہیوٚکس گوٚ ریس گوٚمسولہٕ گوٚنٛدُرٕ ہواٗے" اَتھ متلِق چھُ لیکھان۔ زٕ ساری چھِ بے مانہٕ لفظ "گوٚندٕ ہوا" وَنان[۵]۔ مگر سیٹھا سوٚنچتھ پھو مٕنے ظوٗن یہ گژھہٕ "گوٚنٛدُر ہواٗے" آسُن، اَمہٕ سِتی بنیوو شعر بامانہٕ۔ حالاں کہٕ اَدی سنزٕ کتابہٕ برُوٚنٹھہٕ ژورٕ وُری ۱۹۶۴ہَس اَندر چھُ شیخ عبدالعزیز صأبَن "کأشُر سرگم"۔ حِصّہ دوم صَفہٕ ۱۶۱ہَس پیٹھ اَتھ "گوٚنٛدُر ہواٗے" لیوٚکھمُت یہٕ زَن تِم گیوان چھِ۔ کول صأبَن چھُ دعوا کوٚرمُت زٕ موسیقی ہندین بأتَن صحی پاٹھ دِنہٕ کِنی چھُس ٹہٕ گوڈنیک اَدبی شیرن ہار (FIRST ANTHOLOGIST)۔ خبر کمَن بأتَن تہٕ کم پاٹھ؟ ییم پاٹھ دِتی مِتی چھِن تِمَن چھِ سازٕندر

---

۵۔ حالاں کہٕ زانَن وألی سازٕندر چھِ "گوٚندر ہواے" گیوان۔

تیتھۍ پاٹھۍ گیوان[1] باضے چھ اَسہٕ وُنہٕ دلیلہٕ لۅوان دِنہٕ مثلَن "ہَن ہَن چھم لولہٕ چانہٕ بُرِتھ" پاٹھۍ، یُس محمود گامی سُند چھُ۔ یہ وُنِتھ تہٕ اَرنہٕ مالہٕ ہُند وَنُنہٕ یِوان زِ اَمیُک مصرٕ "لچھہٕ ناو یِو منزٕ رے سانہٕ بیہہٕ" ہیکہٕ بٹنی وُنِتھ تکیا زِ بٹنہٕ چھُنہٕ پننس خاندار سُند ناو یانہٕ ہیوان تۄرے وۄننس لچھہٕ نوو[2]۔ حالاں کہٕ لچھہٕ نوو گو خدا (ڈکشنری) خدا چھُ اَکُے ناو چھُس لچھا۔ یتھی چھِ کانٛہیا شعر مثلَن، کُچھہٕ ڈُبہٕ وَتھرُن تَس لِلہٕ بانس / دَپیٛوٚمَس لچھہٕ ناوِ اَچھہٕ پوشس چھاو (ظریف)۔

لچھہٕ ناوِ صاحبو کُچھہٕ کُنھٕ وَتھرے / ہاوتم نوٗرِ انوار (شمس فقیر)

چھاو اَچھہٕ پوش لچھہٕ ناو گلو / سون وَلو بَر یوٚ شادی (پرکاش رام)

لچھہٕ ناوِ یِو لگیو / وُزِ دِمہٕ یوٚ بڑنگہٕ نےٚ (اصلی موسیقی، راست کشمیری دوئیم)

لچھہٕ بٔدی چھس ناویے / وۄتھو گرٛھوو دیویے (حبیب اللہ نوشہری)

لچھہٕ نوو پننے سرٕ چھُم باوان / اَچھہٕ وَلہٕ پھوٗلی اَچھہٕ پوش (واز محمود)

بہرحال. موٗلہٕ مسلہٕ چھُ، یِیٚلہٕ نہٕ اَرنہٕ مالہٕ ہُند کانٛہہ وجوٗدُے چھُ تَس کُنُ پاٹھۍ منسوب کرٕنۍ یا تمِنٛ پیٹھ بحث کرُن چھُم سرٕ ہم بےمعنہٕ۔

---

[1] - کینٛہہ چھِس غلط مثلَن "کاوٕن پاٹھۍ ہمیو گرٛاوَن" بدلہٕ چھُن "کاوٕنۍ پیٚرِتھ" (KAA'VINY PUU'RITH) لیوٚکھمُت یُس موٗلی بےمعنہٕ چھُ۔ ہتھ اندر یوٚسہٕ تلمیح چھ، سۅ چھَس نہٕ موٗلوٗم۔ اَتھ ہیٚکہٕ یِتھ بامعنا پاٹھۍ "کاوٕنہٕ پۅری" تہٕ آسِتھ۔

[2] - کاشرِ ادبچ تواریخ۔ ص ۲۵۴۔ حاشیہ۔

# کلام

پَد ؤُتی حَبَّہ خوتوٗنہِ پُر کمالو

ہا وَلو لالو اُنی مَے

دِل نِنتھ رُڈ تھم گوشے[1]

وَلو میشانہٕ پوشے مَدنو

وَلہٕ وێسی گَرٕژھوٚ وَے ہَشِدے[2]
لائیِتھ نیاے کَتہٕ اَنٛدے[3]
لُکہٕ مَتی گُڈنَس رَنٛدے[4]

وَلو میشانہٕ پوشے مَدنو

وَلہٕ وێسی گرٕژھوٚ وَے بَبرے
چھوکھ مے لوے نَم تَبرے
کانٛژھا سۆزنَم نہٕ خبرے[5]

وَلو میشانہٕ پوشے مَدنو

---

[1]: گوشن مَنٛز ہا وَتھراوَے (کشمیری زبان اور شاعری جلد اوّل)
[2]: دَہو [3]: لُوکو گُڈہَس [4]: کُس واتہٕ میٚانے خبرے ([2] تا [4] موسیقی [20])

وَلہٖ وٕنیسی گرٛھوَے شاُدی پوٚر
وایِنہٕ ترٛاوَس ہآنٛز زوٚر
سیٚندِ وانہٕ چھَلہٕ سے اَتھ کھوٚر
وَلو میشانہٕ پوشے مَدنو

وَلہٖ وٕنیسی گرٛھوَے ہی یے
لُس مَر سہ کَتہِ پِی یے
پٔراران چھُس چانہٕ زی یے
وَلو میشانہٕ پوشے مَدنو

وَلہٖ وٕنیسی گرٛھوٕے بَبرے
چھُو کھمے لوے نَم تَبرے
کانٛژھا سوٗز نَم نہٕ خَبرے
وَلو میشانہٕ پوشے مَدنو

---

لہ۔ ترٛاوَے ۲ چھَلیو (لہ، ۲ موسیقی نمبر۲) اَتھ موسیقی نمبرس اَندر چھِہ یِم پانٛژھ بَند ہُر بیانہٕ: وَلہٖ یارٕ لأجتھس پامَن / ژھارَتھ شہرَن تہٕ گامَن / یکھ نے چاکھ دِمہٕ جامَن / وَلو میانہٕ پوشے مَدنو + وَلہٖ یارٕ سو رمہٕ تہٕ سازَس / مو ماز حُسنَس تہٕ نازَس / کھوژ توتَس بے نیازَس / وَلو میانہٕ پوشے مَدنو / + وَلہٖ یارٕ

وَلہٕ وٕنیسی گرٛھوٚے گژٕیٚژھے
لگُہ مُتٕی تجنُس رٕزٕژھے
تمَن تے میوٚن ہیوٚ گرٛژھے

وَلو میشانہٕ پوٚشے مَدنو

وَلہٕ وٕنیسی گرٛھوٚے وَن تَے
لوٚکو بُرٕی ہَس کَن تَے
رٕتی بوٚز تمٕی سادَن تَے

وَلو میشانہٕ پوٚشے مَدنو

---

وَلہٕ یارٕ دُنیا چھُہ خابا / حاصِل کَر کینہٕ ثوابا / کھوری تیتہٕ یِتھ جوابا / وَلو میانہٕ پوٚشے مَدنو وَلہٕ یارٕ بازِ و نمازے / سُہ تہٕ اَدٕ اَسہٕ ما مازے / کَر توبہٕ بکرٕس تہٕ بازے / وَلہٕ میانہٕ پوٚشے مَدنو + وَلہٕ یارٕ دِمو و تارا / حضرت بلہٕ دیدار / نبیٚس کَرو زارٕ پارا / وَلو میانہٕ پوٚشے مَدتو۔

آزادَن چھُہ مہجوٗرَس تہٕ حَبہٕ خوتوٗنہٕ (اَکی رَنگہٕ باتھ لیکھنَس پیٹھ) موازنہٕ کرانٕ حَبہٕ خوتوٗنہٕ ہُنٛد اَکھ بَند دیتمُت یہٕ: وَلہٕ مَتہٕ گرٛھوو پوٚشَن / مارٕ موٚنت یار چھُم توشَن / روٗشتھ روٗدُم گوشَن / وَلو میانہٕ پوٚشے مَدنو۔ (کشمیری زبان اور شاعری حصہ سوم) کینٛہہٕ چھِہ وَلہٕ وٕنیسی بَدلہٕ وَلہٕ مَتہٕ لیکھانٕ۔

لہ۔ پتر بوٚتھ تھَس (کشمیری زبان اور شاعری)

وَلِہٖ وییسر وَسِہٖ وَے بون تے
کَنِہٖ کُے دِمِہٖ[1] سَے سون تے
سون میثون دون موہَرن تے

وَلو میشانِہٖ پوشے مُدنو

وَلِہٖ اَز دِے تراو میثاَنی
چھَم مَنِہ کامَن چاَنی
اٰخر چھُ دُنیا فاَنی

وَلو میشانِہٖ پوشے مُدنو

اَفتابہ ژھاراں[2] زرفنے
لانیشُن چھُ والاں وفنے
وڈن اشارا[3] حبہٖ خوتونے

وَلو میشانِہٖ پوشے مُدنو

---

۱۔ دِمِہٖ یو (روایت) اُتھ بنَدس چھُ موسیقی نمبر ۲۵ اندر ووَنج۔
"دُنی توس ہیم نا۔"

۲۔ لاران ۳۔ یہ شعرا (۲ تہ ۳ روایت)

## وَنِہ ہَنے

۱۔ اَتھ بأتس چھُ ہیوٚرَن جواب دوٚنمُت ؛

ژٕ ۆلہما روشے روشے پوشے مَتہٕ جانانو

۲۔ آزادُن گُف چُھ حَبہٕ خوتوٗنہٕ وَوٚن یہ بأتھ ۹۹۳ھ ۱۵۸۵ء اندرٕ پانٕتہٕ چھُو کہٕ تَتھ پریشانی اندر رِیٚلہٕ تَسُنٛد محبوٗب یوسف شاہ ژک گرفتار کرِتھ نیوٗکھ [ یہ چُھ اَکھ بے بنیاد اظہار ]۔

۳۔ سو رِمہٕ سازِس نہ مازنگُ تہٕ حضرت بل دیدارہٕ آسنُک ذِکر ہِمَن بندَن اندرٕ (وُچھو حاشیہ) یُسُہ مُت چُھ، تِم چھِ پتہٕ پیٹھے بانہ دِہٕ پدٕ (الحاقی کلام[ا])۔ ژکن ہندِس وقتس منز اوس نہ حضرت بلُک وجوٗدے۔ اَتہٕ اوس شاہ جہاں بادشاہ ہندی اکہٕ دربأری بوٚڑ باغ بنوومُت، یَتھ تھٔنڈِسے ناوس پیٹھ "باغ صادق آباد" وَنان آسی۔ اَتھ منز آسن اکھ نفیس عمارَتھ بنأومٕژ۔ یِیٚلہٕ اورنگ زیب ہندِس زمانس منز ۱۶۹۹ء اندرٕ موے مقدس ؐ یور آو، یِیٚتکی ناظم فاضل خانَن کھوو سہ اتھی عمارَژ اندرٕ دیدارٕ خاطرٕ۔ تمی کوٚر اَتھ جایہ حضرت بل ناو۔

۴۔ مَنہٕ کامن : دِلس (کامنا) مانے محبت ، پَرٕتھ آسنی۔

---

[ا] قاضی نظام الدین خانیأری تہٕ اوس کتابت کران کران بعضے بأتن پننی شعر ژٕنٛأنِتھ "بَرٕ ژٕرٕ" کران۔ یہ گذریوو ۲ مارچ ۱۹۶۰ء ہس منز ۵۱ وُہرٕ۔

## ۲

تھووُنم[1] رُمہٕ رُمے

چھُمَے بلے[2] تمَنا

دوسہٕ پیٚنٹھ[3] وُچھوٗنم[4]

توسہٕ پوٚنبر گٔنڈ[5] سے

غوصہٕ[6] کیا رٔٹوٗنمَے

چھُمَے بلے تمَنا

بَرٕ کَنی وُچھوٗنمَے

گرٕ کمٔی ہوُوٗنسے

زَرٕ زَرٕ تھووُنمَے

چھُمَے بالَے تمَنا

---

[1]۔ بالہٕ ہے (کشمیری زبان اور شاعری جلد ۲)۔ [2]۔ چھُم یارٕ چوٗن (الیضاً جلد ۲) چھُم یارٕ ہُنٛد (الیضاً جلد ۱) [3] ڈیٛوٗڈھمَے (الیضاً جلد ۱ تہٕ ۲) [4] لمیا مَس (روایت نگر زٕیادٕ جان)۔ [5] غوصہٕ کرٕتھ ژٔولمَے (الیضاً جلد ۱) [6] تا [5] (۴ ورأے) اصلی موسیقی ع ۹ ہَس اندر تہٕ درج۔

دارِ گنیٔ وُچھونے
کارِ ووہِ گنیٔ دُردائی
تارِ دِل کوٚرنے
چھُپے بالے تمن

ووگہِ پیٚیٹھو وُچھونے
شوگہِ لاگِتھ بوٗلنم[1]
روگہِ روگہِ گوم گمے
چھُپے بالے تمن

کانٔ پیٚیٹھو وُچھونے
وائن لاگِتھ آنگن ژام
دائن دائن گانٔ جنے
چھُپے بالے تمن

---

[1] آنگن ژام (موسیقی ۔۹) چو غہٕ لاگِتھ آنگن ژام
(انہار محمود گامی نمبر)

پَشہِ پیٚنٛٹھ وُچھونَے
لَشہِ نارِ زاجِ لَسےَ
پَشہِ پَشہِ تھووُنَے[1]
چھُمےَ پَے بالے تمنا

پوٚت زوٗنہِ وُچھونَے
موٚت لاگِتھ کوٚت آم
لوٚت کوٗہ لوگونَے
چھُمےَ پَے بلے تمنا

یارِ بَلہِ وُچھونَے
مارِ کرِنَس آرِوٗل
نارِ یان زولنَے
چھُمےَ پَے بالے تمنا

---

[1] نَشہِ کیا رَٹنَے (ایضاً)۔
[2] "کشیری زبان اور شاعری" اندر چھِہ یمِ زِ بنٛد ہُر یمانہِ سے پیٚنٛجہِ پیٚٹھ ڈیوٗکھَے / کیٚنٛژ لیہ لاو لزامَس / کیٚنٛژ پھُٹرِتھ ژٔلَے / چھُم یارِ سُنٛد تمنا + وَتہِ پیٚٹھ ڈیٚکھَے / کَتہِ جوراہ کرِ یم نا / اَتھ موٗرِتھ ژٔلے / چھُم یارِ چون تمنا۔

## وٕژھنَے

۱۔ آزادؔ چھُ "کشیری زبان اور شاعری" جلد اُکس اندر یہِ بٲتھ "دورِ محمودؔ کے گیت" ہَن اندر شٲمِل کران (صہ ۱۸۷) لیکن اُردٕ آہِمہِ ۱۸ صدی ہُند مانان۔ مگر دوٚیمِس جلدَس اندر چھُ اُتھ مرزا اکمل الدین بدخشیؔ (وفات ۱۷۱۹ء) ہِنٛدِس تذکرس اندر اَنان تہٕ وَنان زِ کینٛہہ لۆکھ چھِ یہِ بٲتھ تہُنٛد مانتھ تہنٛدِس آستانس پیٹھ گیوان مگر پانہٕ چھُس یہِ تسُنٛد بٲتھ آسنس شکھ بوومُت۔

۲۔ شادؔ رمضان صٲبن چھُ اُنہار محمودؔ گامی نمبرس اندر یہِ بٲتھ محمودؔ گامی سُنٛد قرار دِتھمُت تہٕ دعوا کوٚرمُت زِ تمۍ یوسہٕ ترتیب اُتھ بنٛدن دِژمٕژ چھےٚ، سو چھےٚ صحی (؟) اَلبتہٕ تمۍ سُنٛد یہِ دۆن چھُ بِلکُل بجا زِ مرزا اکمل الدّین بدخشیؔ اوسُے نہٕ کٲشُر، کٲشرِ بٲژھ کتھ وَنہٕ ہے شعر۔

"بحر العرفان" کِتابہِ اندر چھِ اُمی تُنٛدِ ریشنۍ کینٛہہ شُرکی ترجمہٕ کرِتھ۔ لٲزمن کٲشِرِ لِشہِ تہُنٛد مفہوم فارسی بٲژھِ بوزِتھ، یتھ کُنہِ اِزتہٕ غٲر کٲشرِ ہندی یا انگریزی ترجمہٕ کٲشرِن چیزن ہِنٛدی کٲشُر نہٕ زانہٕ کرنے، دوان چھِ۔

## ۳

لُج پُھلَے اَند وَنَن
ژٕنٚے کَنَن گوٚسے نا میٖثون

لُج پُھلَے کوٚلہٕ سَرَن
وٕدِتھوٚ نیرِن کھَسِہ وو
پُھج یوٚسم گُلشَنَن
ژٕنٚے کَنَن گوٚسے نا میٖثون

لُج پُھلَے دٔدر گامَن
وٕدِتھوٚ مالیٖثُن گژھوو
پُھج کوٚسم تَتہٕ نیٚن
ژٕنٚے کَنَن گوٚسے نا میٖثون

---

۱۔ یوٚسُمنَن ۲۔ سون ۳۔ رَنگہٕ رَنگہٕ پوٚش پھوٚلی وَنَن
(۱ تا ۳ کاشُر سَرگَم دوٚیُم حِصہٕ ص ۱۲۳) اَمہٕ کہٕ گوڈنکہٕ بَندُک تَرجمہٕ چھُ "کشیٖری لِرکس" کِتابہٕ اَندر تہٕ دِتھ۔

# ۴

ہیٛر وَژھے یمہٕ اَژہ رَژھے

سون وَژھے گِنٛدٕنے

آسمانٕچہِ وِگنہٕ[1] وَژھے

وَنہٕ تھَلَن نژأنے[2]

مَنہٕ رأوِتھ بیٚیہِ توٚری کھَرشے[3]

سون وَژھے گِنٛدٕنے

سوپورِچہ وانہٕ کھَرشے

زأنہٕ کَدَل وُچھنے

أنہٕ بوٚنگر لأگِتھ وَژھے

سون وَژھے گِنٛدٕنے

---

[1] ییٛری یہِ (موسیقی ۵ ص ۶) [2] آب کوثر چھاوٕنے (موسیقی ۵) آب زمزم (کأشر شأعری). [3] تن ناوتھ (موسیقی ۵)۔

.وولرچہ گاڈٕ کھرٕشے
سنبندِ زلا[1] چھا دنے
ترٕیشہِ ہشے[2] بنیہِ توٗری وژھے

سون وژھے گنڈہِ نے

ئنشدرازنہِ[3] سندرے مژے
أندرِ آسے[4] بولأنی
توسہٕ کٔتی کٔتی تمہٕ لوسہٕ مژے

سون وژھے گنڈہِ نے

یاوٕ[5] ننے تجم[6] رٔژے
تأنی وأرِوی نادس آم[7]
چشمہ[8] آسم نِندرِ ہٕژے

سون وژھے گنڈہِ نے

---

[1] وونیا (کأشر شأعری) [2] تاپہ دزمژ (کأشرِ شأعری) [3] ئیندرازنہِ سندرٕ مژے / أندرٕ آسے وایان سوز (گلریز ۱۹۵۲ء) [4] لجم (موسیقی ۵) [5] یام کرمنے توتس کوتے (کأشر شأعری) [6] توجم (رسالہ گلریز نومبر ۵۲ء) [7] تورٕے (موسیقی ۵) [8] أچھ (رسالہ گلریز)

ہمشہ[1] دِژنم موہر دوژے
اوش لوگم تارنے[2]
چھم نہ خبر آسم کژے
سون وژھے گنڈنے

خبہ خوتوُنہ میچایہ مژے
تمہ تہ آسس مژراوان
تمہ تہ آسے نارِ کھوتہ تژے
سون وژھے گنڈنے



---

[1] یارَی لزنم (روایت) اصلی موسیقی ۵۔ [2] مارنے (ایضاً) تدشانی (کاشر شاعری)۔

موسیقی کشمیری حصہ ہفتم سنہ ۱۹۳۰ اندر چھُ یہ بند تہ میلان سہ پتھ ونہِ چھ تلم وژھے/پوشہ پر کونگ چھاونے/ولیکہ بیتھ تمہ سیرے مژے/سون وژھے گنڈنے [ یہ موسیقی کشمیری چھ اصلی موسیقی لِشہ بدوُن ]

## وِژھنے

۱۔ گلریز نومبر ۱۹۵۲ء شمارس اندر چھُ مضمون لِگان
اِسنٛدِ ناوٕ ورأیی (لیٛوکھمُت چھُ مرزا آرفن)،
"حضرت مرزا کامل بدخشانی" عنوانہٕ اکھ مضمون شایع
سپدُمُت۔ اَتھ اندر چھُ اکھ طرفہٕ یہٕ بأتھ تمن کُن منسوب
آمُت کرنہٕ، بیٚیہٕ پاسہٕ چھُ حبہٕ خوتونہٕ ہٕنٛد قرار دِنہٕ
آمُت لہ

۲۔ موسیقی کشمیری ۱۹۳۰ء ییٚمُک ذِکر حأشیس اندر سپُد، چھُ
مختلِف شأعرَن ہٕنٛز اکھ بأتہٕ سومبرَن۔ اَتھ چھُ بجر تختی
(۱۸×۲۴/۴) ہِنٛدی داہ حِصہٕ۔ اَتھ کیاژِ چھُ موسیقی ناو، تہٕ
چھِنہٕ فِکرِ تران تِکیاژِ بأتَن چھِنہٕ مقام، تالہٕ تہٕ وَق ناوی
کانٛہہ چیز ادِتھ۔

لہ۔ لیٛوکھمُت چھُن ـــ "ہم نے حبہ خاتون کا جو غیر مطبوعہ کلام دستیاب
کیا اس میں بھی اس گیت کو شامل پایا۔" مُراد چھُ تم ترٛییِ
ژور بأتھ یم قدیم صأبن گیوٚی یا تہٕ منٛے کرِیایہٕ قلمبند۔

پیٹھ چھُ تاجُب زِ ٹائیٹل چھُ "حِصہ اول موسیقی کشمیری تصنیف رسول میر شاہ آبادی" اَندرِ چھِس رسول میرنی وُہنہ غزل۔ تاریخِ اشاعت چھُس ۱۳۵۳ھ یعنی ۱۹۳۴ء دِتھ۔ مگر اُستی مِس حِصَس (حِصۂ ہفتم) چھُ تاریخِ اشاعت ۱۹۳۰ء ہاوِ۔ یہ کیتھ پاٹھی ہیکہ سپدِتھ (مے نُسخہ چھُ چھپرایمے نہ حِصہ)

۳۔ آنہٕ بُنگر: اَرِچ ذِکر چھُ بیٚیِس جایہ تہٕ آہرش ۷ آنہٕ بُنگر مے تراو ترے / زان بڑ ماچھے سُمسار (باتھ ۴۶)۔ اَتہٕ چھُ نَنان، زِ آنہٕ کدل چھُ تیلہ کالہ پیٹھے اَہم بازر اوسمُت۔ اوتہٕ تام تہٕ اوس۔ بیٚیہ یہ زِ سوپورکی دآنی (باپاری) چھِ تیلہ کالہ تہٕ پونسہ دالی اُسی ہتی از تہٕ چھِ۔

آنہٕ بُنگر (آنہٕ بُجرتھ بُنگر) آسہ تیلہ ڈیکھجل زنانے ہکان عملی ہیتھ۔ غریبن کتہٕ جوٚرہن۔ توٚ یتہٕ آسہ تِمن کامہ کارس اَندر تہٕ یمہ بنے کار۔ لاجکھ تہٕ پھِچکھ۔

## ۵

ہَژِ یاآری لۆسنَم، ژٹنَس نالو

نالہِ چھِ ژَچنَم مالو وے

دوہہ اَکہِ گییہِ سو ماسہِ ہُنٛد سالو
لِچھَس گھنا گنٛجاے[۱]
وَچھَس سَنہِ مو ترٛٹہِ تہٕ مالو

نالہِ چھِ ژَچنَم مالو وے

دِل میٖشون نیوٚ نھو اَکہِ موٚیہِ والو
کمہِ سوٚ نہِ کوٚرِیوٚ آیو ژٕیۍ
ژٕ چھِہَم تَنہِ تہٕ یٕہ کیتھہٕ ژالو

نالہِ چھِ ژَچنَم مالو وے

---

[۱] : گنٛجاو میٚنۍ

ژار دٕو گیایس نالو تہٕ بالو[1]
ہلہٕ ناگ وأتِتھ لوٚستُم دوہ
سُہ تہٕ نٔے ڈیشِن بٔہ تہٕ پان گالو
نالہٕ چھےٚ ژٕچھنم مالو وے

---

[1]۔ ژار دٕو گیسو بجہٕ بژہ بسوارِ (روایت)

[2]۔ زالو (۱ تا ۳ اصلی موسیقی ۱۳) اَتھ مَنٛز چھےٚ قأفیہٕ نالہٕ سالہٕ، ژالہٕ آیہٕ دِتھ مگر "دوٚج" مِصرٕک مالو لفظ چھُکھ نہٕ ساتھ دِوان۔

# ٦

پھولہٕ وُنہٕ زیٹھے چھُے میثون سالو

لالو اَز وَلو مالیُن میثون

سَہر کھوتٕ[1] پمپوش دِوان شولو

بَرٕ ما گرٕژھ گلُ زار[2]

بَرٕ نا چھُم چون زر ڈانیلو

لالو اَز وَلو مالیُن میثون

ہنگہٕ بیٚلہٕ[3] زَزُر وَسہٕ رَنگہٕ ماسہ ڈلو

سنگ دِل ژوٚلُوَے

پرٕنگہٕ ما والِئے رَنگہٕ بُلبلُو

لالو اَز وَلو مالیُن میثون

---

[1]۔ سَہر کےُ (روایت)۔ [2]۔ گلستان (حضرت یوسف عؑ)

[3]۔ یہ بند چھُ ہاکرصاٮ۪ن ییتہٕ گنی دِتیمُت سہ ہیٚے زَزُر وَسہٕ دِوان شولو/ رنگ ماسیدہ لیس بَدل/ پرٕنگہٕ پیٹھ وآجتھَس رَنگہٕ بُلبُلو/ اَز وَلو مالیُن میثون (اَمی چھُ وَجہ لالو وَرآے لیٚو کھمُت)

ژھاران لوٗسس کرنہٕ تہٕ لولو
گاراں روٗز سَے ژٕیٚے
کُنہِ کنِز دَرشُن مےٚ دِتھو لالو
لالو اَز دَلو مالیٖنِ میٖون

پٕی مے لیٚو کھنَم لانہٕ اَزلو
کائتیشاہ کرِیامُس ژھل
قافلہٕ دوٗرٕ ژوٗم تہٕ کور پلو
لالو از دَلو مالیٖنِ میٖون

گرِییلہٕ دژالیس کمہٕ تاں حالو
مۄرِ نار للاٗون پیٚژِم
حبہٕ خوتوٗنہٕ وُزِ عشقہٕ مِثالو
لالو از دَلو مالیٖنِ میٖون

---

۱۔ روزِ ازلو ۲۔ ژٕیٚے پتہٕ دژالیس کورٕ بہٕ پلو (۱ تہٕ ۲ حضرت یوسف ع)
۳۔ گڈنم ۴۔ تژآوِتھ ییٚنہٕ موانَدمزار (۳ تہٕ ۴ آش ۲)
بأتس چھُ بیاکھ بَند یہ ۔ یندرٕ ہٕنہٕ آنگنہٕ سو ندر کمالو / یندٕ رِچھ مالیٖنِ
میٖون / یندرے کرنے چھُم دواں دولو / اَز دَلو مالیٖنِ میٖون (روایت)

## وِژھنَے

۱۔ کرٕنہٕ : کرٕناہ

لولو : لولاب

یِمَن دۄن جایَن چھُ پانہٕ وٲنٛز سیٹھا دوٗرِ۔ مختلِف شاین ہِنٛدی ناو ہیتھ معشوق ژھارُن تہٕ گارُن چھُ کٲشرِ شاعری ہُنٛز رِوایت۔ مثلَن ؎

نوگام بوٗزُم پیغام چوٗنے سوگام چھکھ آسان
بہٕ وُنی دِمے ساگام بزٕنگی، کوٗنٛگی ہاوتے یان (رسول میر)

چھُس وَدن زٲلِتھ بدن رووُم مدن ژوٗلن سرحدَ
یرٕنگ چھایا درٕنگ چھایا برٕنگ چھاکُٹہٕ ہارِ چھا (مہجور)

باغَن تہٕ ناگَن ہیٚرِ مٔنٛزے زاگ/ ژھانڈان وٲژِہس دیرٕ ناگ/
نیب آم نوشہاِ بیلے/ ساتھا ژٕ بول وَن ہٲری یے (آزاد)

۳۔ ییٚنٛدرٕ (حاشِیہٕ) یٚنٛدرٕ ناوُک کام چھُ پلواما ہیٚتیٚک سو چھِ کرال اوس۔ یٲتیکُ وۄدج "وَلو مالیُن میوٗن" تہٕ مارِنچ یہِ نِشان دہی چھُ توجہ منٛگان مگر اَتھ سیتی کرٕنے (کرٕناہ) چھُ تھوٗس اَنان۔ تِکیازِ تِمِ چھُنہٕ یٚنٛدرٕ ناوُک کانٛہہ گام۔ یٲتھ نمبر ۳۳ ہَس اندر تہٕ چھُ اَمیچ ذِکر، اَلبتہٕ تتہٕ چھُ "یٚنٛدرٕ تہٕ آنگن" بدلہٕ "یوٚمبرزَلہٕ آنگن" وَنتہٕ آمُت۔ گوڈنِکِہ مِصرٕک "یٚندرٕ تہٕ آنگنُ" ہیٚکہٕ ہے ییٚنٛدرازَس کُن گژھتھ، مگر دوٚیُم نہٕ ترٛییُم مِصرٕ چھِ اَتھ پھیٚش دِوان۔

۷

گاہ چھُن پہوان گٹہِ

اَکِہ لَٹہِ یہم[1] نا

یاوَن میانہِ کرمِز پٹہِ

کمیُو وانہِ رَنگنے آکھ

منے نو زون اُتھر ژٹہِ

اَکِہ لَٹہِ یہم نا

آبس[2] بو وُژھس گٹہِ

نوٗٹ موٗٹھمو یارِبل

وِزرہ[3] واو نوٗٹ ماپھٹہِ

اَکِہ لَٹہِ یہم نا

---

[1] یہِہ نا یار [2] نوٗٹ ہیتھ بہ ڈرالیس گرٕ / نوٗٹ موٗٹھم یارِبل۔ (کاشُر سرگم حصہ دوم) [3] وِدرِ واو (سرگم ع۲)۔

حوٗرٕ[۴] لاٰل دژالیس گٔنڈِ
ژٲرٕ باے پیوٚمو ناو
سوٗنہٕ[۵] کَن تہٕ لٔدرٕ ۂٹِ
اَکہِ لٔٹہِ یِیہم نا

یار میوٗن چھُ جَمالٔٹِ
کمال تَس چھُم ناو
سُہ چھُم تَتہِ بٔ کَس مَٹِ
اَکہِ لٔٹہِ یِیہم نا

یار یِیلہِ یارہٕ ژٔٹِ
محبت نہٕ روزان سورٕ[۶]
یارٕ دادِ وٲنج پھٔٹِ
اَکہِ لٔٹہِ یِیہم نا

---

[۴] ہرہ لیل (موسیقی ۲۸) حورہ لال (کاشُر سرگم حِصہ دوم ص۲۱۵) [۵] کتن سوٗن (موسیقی ۲۸) [۶] ملے نہٕ روزاں سأر (قدیم صاہبٕ دوٚیم روایت) موسیقی ۲۸ مَنز چھُ یہِ بَنٛد ہُریانہٕ۔ سہ موٗتی سنگرٕ ژٔتہِ / کوہِ طور رُٹنم جلے / سوٗر گوس نوٗرہٕ ژھٔٹِ / اَکہِ لٔٹہِ یِیم نا۔
(نوٹ) کیٛتھہٕ چھِ قافیہ لٔٹہِ، گٔنڈِ بیترِ یاے مجہوٗل (ـــے) سٟتی گیوان یعنی گٔڈے، لٔٹے

# وٕژھنۍ

نۆٹ ماچھٕٹہٕ : نٕمِچ ذِکر چھُ یمہِ ورقس بیٚیہ دۄن جایَن آمٕژ نۆٹ مٔنۍ چھٕٹمو مالنیو (بأتھ ۱۰) نٕٹۍ چھِ چھٕٹۍ متی یمہِ یارٕبلی تَے (بأتھ ۱۸) یتھ بأتس اَندر چھُ نۆٹ چھٕٹنُک چھرا "خدشہٕ" ظأہر کَرنہٕ آمُت، مگر بلکہٕ دۄن شاین چھُ یہ "حادثہٕ" سپُدمُت۔

وِزرِ واو : یہِ لفظ نَہ چھُ ڈِکشنری اَندر دِتھ، نَہ چھُ مٔنۍ مولوم۔ باسان چھُ وَزر لفظَن چھُ آوازٕ (رچھ) کھٕشیرگومُت۔ معنی گوَ نادآری پیٚتی۔ شِکسنہِ واوِ چھُ ووکھل کھٕٹان، اَدٕ چھٕٹہِ نا نۆٹ۔

حوٕ لأل (؟) حوٕتہٕ لأل وَنہِ ہے تہٕ یِکوَٹہٕ۔

جمالٹہٕ/کمال : انیس کاظمی صأبنہِ مطأبق اوس جمالٹہٕ (سِرینگر) حَبہٕ خوتونہِ ماتٕر بہٕ روزان یمِس کمال ناو اوس۔ تہٕ یمِس سٕتی کھاندر تہٕ سپُدس۔ اَتھ کتھِ چھُ صفہٕ پیٹھ دَل دِنہٕ آمُت۔

۸

وُچھتَے وِیسی یے کھندِ ئہ ژالِس
باگنی آیس کھندے تام
دوہہ اَکھ گُی تام دۄرِ وُچھایس
وَتہٕ گَتھ لاگِتھ پَتہٕ پَتہٕ آم
گرٕیام ژالِس، ختہٕ بیٚپہ دڑالِس
باگنی آیس کھندے تام
دوہہ اَکہِ رأسہٕ رأسہٕ ماجہِ نِش ژالِس
ظون گوم کَتھ نےَ بَنہِ چھُم پام
تَس نِشہِ کَتھ وَہنےَ مَنڈچھایس
باگنی آیس کھندے تام

---

۱ پوٚت بیٚپہ (روایت) ۲ ژۄرِ ژۄرِ (کأشر شأعری)

دوہہ اُکِ مائلی ماچھ نگرِ ہَر شایَس
شہرچ اُسس وائِڑس گام
کیاکرِ پوشِش نہ لانِنی نیایَس[1]
باہگنی آئیس کھندے تام

دوہہ اُکِ سٹریٹھہ سان مالیُن گیایَس
ڈیکہ بجہِ کاکنِہ دِڑنم پام
ڈیکہِ[2] ہڑِ زِیوٗنے کونہ موہ یایَس
باہگنی آئیس کھندے تام



---

[1] ستہِ دوٗہی کھیبر نہ مالِنی اَنیایَس (اصلی موسیقی ۱۶)
[2] ڈکہِ لدِ زِیوٗنے کونو (روایت)

## ۹

ژلُو نار چھُم للہٕ وُن مۆرُے

کأنسہِ ما رأوِن شوٗرے پان

مأل ماجہ ژھنس قَنٛدٕ کوٚستوٗرے[1]

دوہٕ دِیتی آسم ژٔن ناوان

ژسے پان لوٚگما رٕہ مُسافرے

کأنسہِ ما رأوِن شوٗرے پان

مأل ماجہ ژھنس لٔلہِ کیا ووٗرے

ساہسہ بزٕ ژوزٕ آسم ژُسلہٕ وان

مینے نو زانیو لگہٕ یٔمہِ کھوٗرے[2]

کأنسہِ ما رأوِن شوٗرے پان

---

[1] کوٚنگہٕ کوٚستوٗرے / قَنٛدٕ تہٕ کھیرے / قَنٛدٕ کوفوٗرے [2] کھوہ نہٕ [3] دیدٕ تہٕ بابہٕ دوٗرے (ڈاکر صاٮ)۔

مٲلی ماجہِ تژٲدنس سَبقس دۄرٕے
اوخنَن وولنم مۄرٕے پان
آرِ رۄسی ٹھُلنم نارٕ تیمبۄرٕے[1]
کأشُرِ ما رٲدِن شۄرٕے پان

مٲلی ماجہِ ہَرشایَس ییلہِ دۄرٕے
پَتہٕ پَتہٕ دژایم دہسہٕ وَنوان
ہولہِ گوم أندری لولہٕ تالۄرٕے
کأشُرِ ما رٲدِن شۄرٕے پان

مٲلی ماجہِ وۄنم ڈیکہٕ بڈ کۄرٕے
وأرِو آنگنہٕ چھِی پژاران
رَنگہٕ ڈولہِ آسم روپہٕ کۄندۄرٕے[2]
کأشُرِ ما رٲدِن شۄرٕے پان

---

1. پیپَرن لویم زٲوجہِ مۄرٕے / پۄتٕرے ژۄٹنم یاڈٕ اُنزول (روایت)
اَتھ بَنڈَس چھُہ رۄسل میرنس بأتَس سۭتی لِتھ کھُر تہٕ کرہٕ یِوان۔
(وُچھو وتھرُھنے نمبر ۱۲۰)

ئہ چھسے بیتہ تے ژ چھہم دوٗرے
دوشوٗے دڑاپے جائنی جان[1]
میٔے نو زانیو لوٚ دُمت لوٗرے
کاٗنسہِ ما راٗوِن شوٗرے پان
دَے نے دِیہ تے ڈیکہ نے پوٗرے
وَے مُژ آسیا کاٗنسہِ پوشان
موےچیو حبہ خوتونہِ ٹوٗر ٹوٗرے
کاٗنسہِ ما راٗوِن شوٗرے پان

○

---

لہ ۔ نالی نال (روایت)۔

## وِڑُھنَے

۱۔ اَتھ بٲتَس چُھ محمُود گامیٚن ییٚتِمہِ چالہِ جواب دِیتمُت:

ہا ژٕژلو کۄ ژٕژلہمَ ژٕژٕلے	راوِ روو تھِم شوٗرے پان
کتہٕ پڑایے ویرِ ناگہٕ ڈوٗرے	ہَتہٕ محمُود چھُے آسان
پان ہاوتم ژٕژلے ژٕژلے	راو روو تھَم شوٗرے پان

۲۔ رسول میرَنِس اُکِس غزلَس پیٚٹھ چھُ اَمیک پوٗرہٕ ٹھٔکپہٕ:

گژھتہٕ وٕنیسی یے لالہٕ ما دوٗرے	مٕنٛے چھُ موٗرے لَلہٕ وُن نار
ہشہٕ لوٗیِتم زٲوجہٕ موٗرے	پُژرِ ژٕژٹَم پٲٹھ اَنزُل
گژھ مالٕیِن ترم چھیم دوٗرے	مٕنٛے چھُ موٗرے لَلہٕ وُن نار
ماجہِ رٕچھنَس قَندہٕ کوٗسنٛوٗرے	آمہٕ دوہٕ دِسیتہٕ ناوُنم تنَ
سُے پان لوٗگم میٚنٛزِ موزوٗرے	مٕنٛے چھُ موٗرے لَلہٕ وُن نار

ل: لولہٕ تالوٗر: تالُر گوو شکیل زُنانہٕ تہٕ لولہٕ تالُر گوو لولہٕ ہٕژ سونٛدر مال۔

لہ: کوٗندوٗرِ: مرکانٛچن ژوہن کنہٕ دٕرِن اُکرِ ہنٛدی بناوِ رمتی اُویزان کنہٕ دوٗر۔ زانیٚپانن تہٕ اُسی ژوہن قبہٕ کوٗنن تھاوان، وونٛی چھِ کانسہِ شُرِس گنہٕ موہ کہٕ تھاوِ رمتِس خاطرہٕ تہٕ بتَس وَنان۔

## ۱۰

وأرِ وٕن سِتی وارِ چھس نو

چارِ کرُو میۆن مالینو

گرِ بہٕ ڈرایس آبہٕ نٕٹس

نوٚٹ میٚے چھٹمو مالینو

یاتہٕ دِپتو نٹہِ نوٚٹا نتہٕ

ہارِ نٹہِ چھے مالینو

شُرِ پانس سِنٛدرِ گیہِ مو

ڈُڈرِ کھٕسن کُڈُر پیۆم

کتِر ژھاراں[۱] کِترِ سُنی مو

وِیتر نوٚن پیوم مالینو

---

لہ سوٚبراں: ٹہ وَنٛدِ سوٚرِتھ جنٛدِ سُوی ہَم خنٛدِ کرٕ ہم مالِنو ہو (غلام محمد ڈار باغوان پوٚرٕ ریڈیو پیٹھ بیٚہِ زٕ شعر گیٚوی ننس سہ گتہِ زینہٕ ہنٛدی گتھ مٚتے کرٕ یٚ/ رَتھ بہٕ وَنٛدے مالینو ہو + ژنگہٕ یٚنٛدرس ژکھر چھٹمو/ لکر گژھ مو مالپنو۔ اَتھ ہالکرے چھان گوٚژھمو/ جان وَنٛدِیو مالِنو ہو۔

ہَشہِ لاٗے نَم ٹوٗپِہ سے تھَپھ
سُے مٔے گو موتہٕ کھوتہٕ سَنخ
یٔنڈرٕ پَچہٕ پیٹھ نِنڈرٕ پیمو [1]
ژٕکھرٕ چھُٹمو مالینو

یارٕ دادے تارِ گیٖہٕ سو
بارٕ بُکھ چھُم آمتُے
حبہٕ خوتوٗنہٕ وٚون اِشارا
دِل ہُشارا مالینو



---

لہ موتی لال ساقی صابُن چھُ اَتھ یہِ پاٹھ لیٚو کھمُت :
ے زامُم سیتین کامُم گیٚہٕ مو / زامُم چھم دِوان پامہٕ مالنو (سون ادب ۶۳ ص ۱۳۲)

## وٕژھنے

۱۔ حسن چھُ دَپان ییلہِ یوٗسف شاہَس حبہ خوتوٗن نظرِ گیہ۔ سو اُس تمہِ وِزِ مُقامِ عراقَس پیٹھ اکھ باتھ گَوان۔ اَمہِ باتُک نشان (دٔہی) چھُ یِنُن آگُر بادِنہٕ وَرأے آزاد کَران، تہٕ باتھ چھُ یوٗہے سہ چارٕ کرِ میوٗن مالینو۔[ل]

یہِ کتھ چھَ سوٗنچنَس لایق زِ کُنہِ مُقامَس پیٹھ باتھ گیوٗن چھُنہٕ رٔوف یا چھکرٕ گیوٗن۔ یہِ ہیٚکہِ سُے گیوٚتھ ییٚمی وٕرِ یتہٕ وادَن سوٗرٕ، تال تہٕ لَے باضابطہٕ آسہٕ ہیٚچھمٕژ۔ اکھ گرٕیسی کوٗر کتہِ ہیٚچھ یہِ فَن۔ لازمَن چھےٚ ییٚلہِ حبہٕ خوتوٗن جاگیردارنہٕ ہیٚرمہٕ بلیح کوٗرٕ اُسمٕژ (مالنی میأنی اَرباب اُسی) اَتہِ چھُ یہِ فَن ہیٚچھنُک (معأشی تہٕ خاندأنی کلچرُک نتیجہٕ آسنُک) اِمکان۔

۲۔ آزاد چھُ پتہِ وَنان زِ اَمی وٕتی فارسی بحرن پیٹھ کأشرِس اَندر گوڈنی غزل تہٕ نموٗنہٕ پأٹھی چھُن یہِ غزل ہوٚومُت سہ وأرِ یِن (فاعلاتن) سٕتی (فاعلاتن) دارٕ چھَس نو (فاعلاتن) چارٕ کرِ میوٗن (فاعلاتن)

---

ل۔ کانٛہہ تہِ باتھ ہیٚکہِ کُنہِ تہِ مُقامَس پیٹھ گیوٗنہٕ یتھ۔ مثلَن اُہندُے "ولو ہیا نہٕ پوشے مدنو" چھُ مقامِ اُداسی تہٕ پوٗربی دونٕوٚنی پیٹھ گیوٗنہٕ یِوان۔ ہرگاہ اَمہِ "مالینو" عراقَس پیٹھ گیوٚومُت آسہِ ہیے۔ سأنی رِوایژمتی سازنٛدر آسہٕ نَس اَزتام برابر اَتھی مُقامَس پیٹھ گیوان۔

مالینو (فاعلات) ۔ یہ چھُ محض اَکھ اَتی تاتی رِلاو، نتہٕ چھنہٕ اَتھ اَندر کانٛہہ صداقت۔ محض کُنہٕ بانٛتھ کیٚنٛہہ مصرٕ رٕلنی گوٚ نہٕ فارسی بحرتہٕ وَزن۔ اَہنٛدی بانٛتھ چھ وَزن (غزل نہٕ) تہٕ یمن چھُ پنُن مُقامی لیَہ نظام۔

۳۔ شاہد بڈگامی صابَن چھُ "کاشُر مرثیہٕ ہُنٛد توارٟخ" کِتابہٕ اَندر (ص ۱۱۲) اَکھ بے ناو مَرثیہٕ چھپوومُت یتھ مَنٛز "مالینو" وَوَج وَرتاونہٕ چھُ آمُت۔ اَمیُک اَکھ بَند چھُ یہ ــ دوٚ لَے بٲنی اَنوارِ اَنوارِ وَدَونا اَسی باین / گَژھو نَنہٕ وارِ پتی مہٕ پیارِ کربلا نشہٕ باین / ڈلوکھ وَتہٕ پیٹھ رَوٚدِو ہندرِ وُزی توٗر / گرِ پَنٕنی گژھوو مالینو +
شاہد صاب چھُ اَمیُک وَق ۱۳۹۲ء تہٕ ۱۵۵۵ء ہُک دَرمیان وَنان یعنی ۱۴۷۳ء ہیوٗ وَنان۔ مگر میانہٕ خیالہٕ (اوشہٕ ھنٕ چھنہٕ ممکن) چھِ یہ پتہٕ ۱۶۰۰ء پتہٕ کاشُر مرثیہٕ نِگٲری تَھنہٕ پیٚ ہتُر۔ [مَرثیہٕ نِگٲری ہُنٛد مُراد چھُ حضرتِ امام حسینؑ تہٕ کربلاہکی واقات نظماوِنی ]۔

۴۔ یہ بانٛتھ چھُ قافیو رَوٚستی محض "مالنو" ردیفس پیٹھ ڈیٚتھ گوڈنیچ مثال۔

۵۔ سَندرِ گَژھنی۔ سَندر چھ اَکھ خاص کُنی ڈَگتھ تہٕ پھتہٕ بنان۔ معنہٕ گو بناوتھ پیٚنہٕ کنی ریزٕ ریزٕ گَژھن۔ ہایہ تہٕ ضایہ گَژھن۔

۶۔ کَتر ژھارٕنی۔ بے لابہ کام کرٕنی۔

# ۱۱

ہارِنہ تاپے شین زَن گلہ یو

بَلہ یو پَینہ نے مالِنے

شالہ[1] مار باغَس ماگُس رَنہ یو

سوہنہ لانکہِ زوُلا زالہ یو

سُر تے دلیشن ئہ تہِ سوُرمَلہ یو

بَلہ یو پَینہ نے مالِنے

داُدی لَدچھَس تے پَتہ[2] پَتہِ لاریو

پوہہ واو پَن زَن ہَراُیو

وِلہ نے بوزہم گِل ماکلہ یو

بَلہ یو پَینہ نے مالِنے

---

[1] اَچھِوَل (روایت)۔ [2] کوَت (روایت)۔

داہ چھُم گوُمت کوتاہ وَنہٕ یو
وونٕہٕ مُژراٲوِتھ ہاوِ یو
بازٔ سٕ نَے ییمَ وَنہٕ نے ژٕلہٕ یو
بَلہٕ یو پَنہٕ نے مالِنے
لا سن گوہَم پادن پیہمہٕ یو
حبہ خوتوٗن ما ہانہٕ یو
وٕیژِ نوٗن تیلی میٚژرِ تَل رٕلہٕ یو
بَلہٕ یو پَنہٕ نے مالِنے



---

۵ کنہٕ نے زرِ بیوم وَنہٕ نے ژٕلہٕ یو (روایت)۔
۶ اڈِ ما پھیری میٚژرِ تَل رٕلہٕ یو (روایت)

## وِژھنَے

١۔ "شالمارٕ باغَس"۔ دِپان اَتھ شایہ اوس راز پروَرسینَن
(١٣٥ بکرمی = ٦٧٩) "شالی مالی" ناوٕ اَکھ باغ بَنووُمت بیٚلہِ
اکبر اعظم یور آو اَتھ اوس "شالی مار" ناو پیوٚمُت۔ کاشرِ
آسہنس شالہِ مار وَنان پَننہِ پھورٕ مطابق۔ اَتھ باغَس دِتہ
موجودٕ شکل شاہ جہانَن۔ ہرگاہ ژٕ کنہِ ہنٛدِس وقتَس اندر تہٕ
یہ پھیر یٚنہِ تھوورُنۍ چاے اَسمُت چھُ، تیٚلہِ چھُ یہ شعر حَبہ خوتونہِ
ہُنٛد، نَتہٕ چھُ دَدٕ پَد [میٚون ذٲتی خیال چھُ یہ آسہِ ہے تیٚلہٕ تہٕ
سٲل گاہ]۔

ماگَس رَنُن: کُنہِ خوشی ہنٛدِس موقَس پیٹھ اَکھ خاص نیامتھ
(DISH) رَننَس آسی "ماگُس رَنُن" وَنان۔ موسیقی اندر چھُ یہ
لفظ آمُت ـــ

شالمار باغَس ماگُس رَنہٕ یِو     یٕہ دَتھرُن کریو خاصہ مخمل

(راست کشمیری)

چھم شادی دِلس کَرِو تہم بی     رَنہٕ ماگس اَنہٕ گویتہٕ

بٹہٕ رسم "ماگہٕ بتہٕ" رَننس چھِنہِ اَتھ سیتی کانہہ تَولُق

لاسن گژھن: (تبتی لاسا/لھاسا) مُراد دور تہٕ کٕریٹھس سفرس گژھن
(وَرگہٕ) تژٕ اَتھ گژھن۔

# ۱۲

مالِنہٕ گرِ نو دِین گنذارِی[1]

وارِو لگے پارِ پارِی یے

ییلہِ دِو ییٚمو منٛزِمی یارِی

یوٚرک سامانہٕ لگہم نو

سُنٛزِ رَسہِ گَڈٕنَم مَنٛز بازاری

وارِو لگے پارِ پارِی یے

ڈولہِ ییلہِ لدٕنَم سَمنَم ساری

نوشہِ کورِ دَپٕنَم مَہرٕینی چھکھ

اَنٛد کورِی لگِیٔے تُتی بیچاری

وارِو لگے پارِ پارِی یے

---

(یہٕ باتھ گیوو زونہٕ بیگم تہٕ تسٕندِ لوٚدہرِ باجوٚ ۵ جُلٲے ۱۹۶۱ء شامَن باگ ریڈیوپیٹھہٕ)

[1] ۔ کَنٛدہٕ ناوِتھ نیمو بالے تہٕ انٛد نو لگان کُنسہِ مالنے۔ (وُچھو حاشیہٕ صہ ۱۲)

کٔرِبکھ ییٚلہِ لاگنَم، سَمنَم سأری
ڈکھ ہو ڈٔلہٕ نَم مَنٛدٕوٗرے
تورِ کِس ہُمِس کَس مَنٛگہٕ یأری
وأرِ و لگَے پأرِ پأری یے

عأبِد تہٕ زأہِد سَمنَم سأری
گَرٕ ھنَم کٔلہٕچ سَندا دِتھ
سالہٕ بِد کھینہٕ مو نَرِ تَے نأری
وأرِ و لگَے پأرِ پأری یے

سألا کوٚرِ مے ییٚمہِ سَمسأری
اَولا پانو کَنہٕ کیٛشُھ آکھ
حَبہٕ خوتوٗن رُچھنہِ بن تَمہِ نأری
وأرِ و لگَے پأرِ پأری یے

(بقیہِ حاشیہ صفحہ ۱۱۸ پیٹھ) — (بثاکھ پاٹھ) گیاسنا دِبہِم گرِ وأروی ۲ واریو گرٕ
۴ ۔ ہَش ما دِبہِم نوٚشی نابکأری (۱ تہ ۲ موسیقی ۶ تہٕ کأشُر سرگم ۲)
۳ تہٕ ۴ موسیقی ۶ ۔

## وبِژھنَے

۱۔ موسیقی ۶ تہٕ سَرگم ۲ ہس اَندر چھُ اَتھ بٲتس گوڈُت یہِ دِتھ ـــــ

کَنٛدہٕ نٲوِتھ نِنمو بالے          اَندنو لگان کٲنٛسہِ ملنے

مگر پتہٕ چھ باتےٚ شعرن، یٲرِی، بازٲری، بے چارٕی بیتر قٲفیہ۔ یہ چھُ ہاوان زِ یہِ گوڈُت چھُ کمہٕ تام بدل بٲتک یُس روو مُت چھُ۔ تتھ آسہن اَتھ سیٚتی لٲزمَن قٲفیہ رَلان۔ اَمہِ علاوٕ چھُ اَمہِ گوڈتینِک وَزن بٲتہٕ کِہن باتےٚ شعرن ہنٛدِ وَزنہٕ نِشہِ ڈٕلتھ تہِ۔

۲۔ یتھ بٲتس چھِ بٲتھ نمبر ترٛوٗہ ۱۳ ہس سیٚتی لِتہٕ کھُر گٲمٕژ۔ لوکہٕ بٲتھ چھِ یتھے کنٛہ پنٛنی حُلیہٕ بدلاوان آمتی۔ حالاں کہِ دوشوَے چھِ اَکی فنکارن (زوٗنہٕ بیگمہٕ) گیوٚوی متی۔

۳۔ اصلی موسیقی نمبر ۶ ہس اَندر چھُ یہ بَند تہٕ ہُر یانہٕ:

زام ما ترٛ ووٗ پریم برتہٕ داری
تس کرِتھ لوٲزم مینٛے چھنو
یامہٕ ما دِمو ہے نابکٲری
کیا سُنا دِ پٔتم گرِ داری وی

## ۱۳

چھَنا مالنہِ دِین گنذاری
کھۄ بو روزَے واری وِتیَ
ییٚلہِ ینہٕ مو مٔنٛزِ یاری
وَردَن اَنہٕ تَمو بازرِ تیَ
نالی ترادنَم سوہٕ ہاری
کھۄ بو روزَے واری وِتیَ
ڈولہِ مثیانے لگہِ سواری
میٚے کورِ وَنو مو پَتیَ پَتیَ
اَند ژرٚے لگرنے تھُتھ بِچاری
کھۄ بو روزَے واری وِتیَ

---

یہ بأتھ چھُ زوٗنہٕ بیگمہِ تہٕ ریڈیو پیٚٹھٕ گیوٚومُت زیرِ نمبر 45.44/5 تاریخ ۲ جولےٚ ۱۹۷۶ء

ہَشہِ دۄپنَم تۄشی بِچأری
ژِٕنے کیٛا اۄنتھَم مالنہِ تَے
اَتھہٕ چھِنہِ ژٕٹنَم [1]ہِتَے
کٔہی بو روزَے وأری وِتَے

ییٚلہِ ینہٕ مو زٕے گُڈٲری
وُگرایہِ تہٕنزے کَلہٕ ٹہٕ تَے
تَتہِ [2]آسنَم اَتھہٕ خٲلی
کٔہی ٹہٕ روزَے وأری وِتَے

حَبہٕ خوتوٗن وَنان زأری
سَتھہٕ بار صأحبو چھَم مٔے تَے
تَتہِ ژٕچھی زٕہم دوزخنہٕ نأری
کٔہی ٹہٕ روزَے وأری وِتَے



---

۱ تہٕ ۲ ییم چھِنہٕ باتہٕ قٲفیہٕ آوازن ستۍ رلان۔

## وٕژھنَے ـــــ

زٕ گُڈٲرۍ : مُسلمان پٲٹھۍ چھِ موٗرِدس قَبرِ اندر پرٕژھش کَرنہِ زٕ مَلاۂکھ یِوان، نِکیر تہٕ مُنکر ناو چھِ۔ مگر یِمن ہُنٛد ناو چھُ "گُڈٲرۍ" وَننہٕ آمُت۔ یہِ لفظ چھُ وۄنی رووُمت۔ اَلبتہٕ شاید اَمہِ کی پوٚت آثار چھِ "گُڈارِ گُکھونہٕ، گُڈارِ گِنٛدنہٕ" یعنی زٕمینی نَم ژَم گالتہٕ بَدلہٕ آکاشی گِنٛدٕ باشہٕ کَرنہِ۔ لاپَرواۂی تہٕ آلُژھ وَرتاوُن۔ اَمہِ حسابہٕ گوٚ تیٚلہِ "گُڈٲرۍ" فرشتے۔

## ۱۴

دُنیا چھُ تاوُن ، بوز وَنہاَری
روُزہے نہٕ یادا واَری ییے

حُسنَس ئہ چاَرنس لگے پاَری پاَری
روُزہے نہٕ یادا واَری ییے

وُنی مٮ۪ے دِتٕمو سمساَرَس
کیتہٕ نو لارٕیوم باَزی گاَرَس
یارٕ[1] باَے تمٕ ناچھنہٕ ساَری
روُزہے نہٕ یادا واَری ییے

کیا کَرنہٕ دُنیاہَس آیَس[2]
کَتہ کِٹر ماَلِس ماجہ زایَس[3]
تھاَوی[4] تمٕ نہٕ وُتھی بَرنٕن تاَری
روُزہے نہٕ یادا واَری ییے

---

[1] یار باَے دور وَنتمٕ ناچہ ساَری [2] آیوس [3] زایوس
[4] تھاَوِت مٮ۪ے تمٕ بَرتن یام اری۔

زٕتھ ہا پٔتی مِس کار بارِس
وَنتم یارِس کیا دارِس
نحقَے لٔدی نَم تمٔ باری

رٕوٗزٕ ے نہٕ یادا وٲری یے

عشقہٕ نار عاشقَن چھُہ للہٕ وانو
لولہٕ بازرِس مَنٛز سُلہٕ وانو
کینٛہہ ٔددی نوٗرٕ تہٕ کینٛہہ نٲری

رٕوٗزٕ ے نہٕ یادا وٲری یے

کینٛژن چونٕے چھُے اَرمان
کینٛہہ مَہہ پارَے تٔرتۍ پراران
حبہٕ خوتونہٕ وٕنی نَے زٲری

رٕوٗزٕ ے نہٕ یادا وٲری یے



---

۵ ؤچھ ہا ۵ لولہٕ بازارٕ نیبزِ ہَن سُلہ وانو (اسہ پیٹھ سہ تام"۔ نیشُن تہٕ وٲرِتھو" مُرتبہ ہاکر) یہ بٲتھ گیو و غلام نبی بُلبُل بَنڈپوٗری تہٕ ۲۵ مئی ۱۹۸۸ء ریڈیو پیٹھ [ ساری: یعنی سور چھنہٕ = پوشہٕ وٕنی چھنہٕ]۔

# ۱۵

ہَنہٕ لو ہَنہٕ لو ہَنہٕ لو
بال گجِس ٹُہَنہٕ لو

سَمبال کَرِتھ گرٕ[۱] بال دڑایس
جمال چون وُچھَنہٕ لو
خُمارٕہتی ہیم یارٕ ہسندی کونکل
شُہمار زن بوچھَنہٕ لو
اَس سَے وَنیسی بےمیون ہیُوکس گوٚ
تَنہٕ گامژ چھم گَنہٕ لو
بازنے ہیم بزگار کرنس
ماز نشہٕ وُسخان چھنہٕ لو

---

۱۔ دوٚہہ اکہٕ (دوٚیم پاٹھ)۔

تَس موگُژھن تَس نِشہِ جُداے
یُس یَس دِلَس سَنہِ لو

تَس پَتہٕ راوِم رِتھ سال دوہ راتھ
ژھیٖتھ[1] یار لوٚگمُ راٚسنہِ لو

بُہ بال وٕڑایَس زیٖٹھنہٕ رِتے
تَس کُس شیٖچھ واتنہِ لو

اَسہِ کُن یِیہِ نےٚ تھکہِ پوٚر لوٚچرُن[2]
اَکہِ اَکہِ گلزار تَنہِ لو

زوٗک زوٗدان یوٚرُ کُن پھیرنا
زوٗ یام رٕژُم کامنہِ لو

اَسہِ اوس خاطِر اَچھ سانہِ وُچھن
نُچھ کیٚا گیَس میٚانی مَنہِ لو

سُہ لیٚیہِ یِیہِ نا یاوُن بہار
پھُلیا لَج میٚانہِ تَنہِ لو

حَبہٕ خوتوٗنے پَدوٗنی پانہٕ تَس
مَدنہِ مَنہِ کامنہِ لو

---

[1] ژھیٖتھ؟ [2] لوٚچرُن یعنی لوہ کچار

# وٕرٕش معنے

۱۔ دَپان "لولو بأتھ" (یِمَن ردیف "لولو" آسِہ[1]) چھِ گوڈنی حَبہٕ خوتوٗنِہ ڈٔزٕہتی۔ اَتھ دعواہَس کیٛا بُنیٛاد چھِہ، تہِ چھُنہٕ موٗلوٗم۔ لل دَیدِ، نُنٛدِ رێشِس تہٕ بانا سُرکَتھایہ اَنٛدرگوٗتہٕ میٛیے یہِ لَفظ نظر۔

کأشُر ڈکشنری چھِہ اَتھ معنہٕ دِوان : ۱۔ لِنگارو ۲۔ تِم بأتھ یِمَن اَنٛدر لولَس آلَو پیِہ دِنہٕ۔ مگر یہِ چھُنہٕ صحی۔ اَتھ چھُنہٕ لوٗل (Love) لفظَس سٕتی کانٛہہ تہِ واٹھ۔ آزادُن یہِ وَنُن چھُہ صحی زِ "لولو بأتھ" چھِہ دوٚن موٚقَن پیٹھ گیوٚنہٕ یِوان۔ دِہَن ڈوٗرِن اَنٛدر کام کَرَن وِزِ، بێیہِ کھانٛدَرَن کھوٗشارَن پیٹھ وَنہٕ وُنہٕ پَتہٕ نٔٹِن تہٕ تھالَن پیٹھ۔ ایرآنَس اَنٛدر آسی (وُنہٕ تہِ ما آسَن) فصل لوٗنَن والین ہٕنٛدِ (یا وٗنی تَو داں لایہ) بأتَن "لولو" (Song of Reapers) وَنان[2]۔ کٔشیرِ اَنٛدر تہِ چھِہ "لولو" بأتھ کمٕی لین سٕتی وابستہٕ۔ اَزکَل گو

---

[1] یہِ لَفظ ہیٚکہِ گوڈٕ تہِ یتھ، مثلَن سہ لولو گوڈٕ بَریوٗم ہیٚیے+ دَپان وزیر بمبوٗر (۱۵۷۸ ق) اوس "توٗرے پیٹھ فَلوا گومُت "لولو" وَنان آسان۔ تتی پیٹھٕ گوٚو یہِ لَفظ بأتَن مَنٛزرأیج۔ یہِ چھُہ محض اَفسانہٕ۔

[2] ہِسٹری آف پرشین لٹریچر، از ای جی براؤن۔

فارسی پاٹھۍ "لولو" سٕہ کھوٚکھ (SCARECROW) یُس کھیٚن اَنٛدر جانا وار ژُلراوَنہٕ موکھ پیٚیہ تھاوَنہٕ۔ لولوی سرخرمن۔ یتہٕ گو لَفظ چھُ کُمی لبن ستی وابستہٕ۔

جبہٕ خوتوٚنہٕ ہنٛدِس اَکِس باتَس اَنٛدر چھُ "لولو" لفظ تکرارہٕ وَراے آمُت ــ ہَنہٕ لو، ہَنہٕ لو، ہَنہٕ لو[1]۔ اَمہٕ لحاظہٕ چھُ یہٕ لَفظ گوڈنی اُدہٕ سے نِشہٕ میلان۔

۲۔ یتہٕ چھ وَنان زِ تاشوقہٕ باتھ چھ گوڈنی اُمی وُنی ہتی۔ تگرٕ" واکھ تہٕ وَژُن" محاورٕ چھُ سیٹھا پرُون سہ یُسہ مٔنٛزٕ لَلہٕ گو واکھ تہٕ وَژُن۔ یعنی ظاہری شعرٕ صوٗرژ تہٕ موضوع (تاشوق) کِنی چھ لولہٕ وَژُن خوتوٚنہٕ برٕ وُنِہم چیز۔ بانا سُر کھاپہٕ اَنٛدر چھ یتھی تاشوقہٕ باتھ، مَثلن :

(الف) کرٕ واتہم سہٕ پی مٔنٛز نکٹو

(بے) سہٕ پی کوٚ جانا

۳۔ رسالہٕ گلریزکِس اکِس شمارس اَنٛدر سپٕز اوٚ یہٕ باتھ شایع۔ تگر کینٛشژُن مصرٕن اوٚسُس تل بیٹھ گومُت۔

۴۔ سمبال گرتھ : شیرپار / سنگار گرتھ۔ باتھ ۸ اہس اَنٛدر تہٕ چھُ یہٕ لفظ آمُت سہ چھے ژٔنے گرہٕ برٕ سمبالتے۔

---

[1] لہ۔ تکرار وَراے مثالہٕ سہ کنہٕ کھوٚ لہم لو، گُلابو لو + چھِم یاوٕنی کھلیا/ سونٛدری چھاو لو تے لو۔

یہ لفظ چھُ رٚوسل میرٕن تہٕ وَرتومُت ؎

ژہنَتھ (؟) مُراد نکھٕ آسنھ لۄگمُ یار رٲسہٕ رٲسہٕ ژلنہٕ (راسنہٕ)۔

واتنہ : یعنہٕ واتناوٕ۔ اَز تہٕ چھِ اَمہٕ چالہٕ دَنان "تَس کُس واتِو یہ شیٚنِچھ"۔

پۄر لوچرٕن : پۄر (جمع پیری) گۄ قدم۔ لوچرٕن گۄ لۄچرُک، لۄکچار۔ مُراد ہرگاہ ژٕ یکھنا میانِ کھسہٕ ہِنی جوٲنی گژھہ روٚژ۔

کامنہٕ : یعنہٕ مٚنے کامنہٕ (کامنی) سونُدر مالہٕ۔

زٚوَ : خوشکی ہُنڈ سُہ ژکُل یتھ ژٕ طرفانہٕ آب (سمندر) آسہٕ۔ مُراد عشق تہٕ کامنایہ ہُنڈ، جدٲیی تہٕ دۄرِرُک سُہ عالَم یُس نہٕ اَنٛدٕ چھُ لبان۔ ٹُکہٕ اَدبَس اندر گۄ سُہ خیٲلی زٚو یور گژھتھ یا یتھ اندر چھِسنھ کانٛہہ تہٕ واپَس چھُنہٕ ہیکان نیرتھ۔ یہ چھُ زٚوَ یا کامنہ زٚو دۄشوَے رَنگہٕ وَرتاونہٕ آمُت۔ باتھ ۱۶، ۳۴ تہٕ ۴۰ ہَس اندر تہٕ چھُ اَمُیک وَرتاو سیدُمُت۔

زٚوک زۄدان : یعنی میانہٕ "زٚوک" زٚو زیتہٕ" (زِوِدان) میانِس زُوَس زندگی بخشَن وول۔

# ١٦

یِیتہٕ چھِیے ساأری عاشق، دٔھِتہٕ اَتھ کیٚا معنہِ تیٚ
نیٚائے لانیٚن وَنتہٕ کُس اَنزراوِتھ زانہِ تیٚ

تَس میٚانِس معشوقَس مُچھ کیٚا گیٚیہِ مَنہِ تیٚ
یَنہٕ رۄٹھُم تَنہٕ پٔیم زائلِ ڈٔبَن ہا یے
مایے مُشِم نہٕ یَتھ زُوَس، زُو رۄدُم کامَنہِ تیٚ
نیٚائے لانیٚن وَنتہٕ کُس اَنزراوِتھ زانہِ تیٚ

ڈٔبکہٕ رۆستے کۆر وَدان میون ہیٚوکُس بَنہِ تیٚ
گوم جُدا دبد تہٕ بابِ بیٚنیہٕ میلَو نا یے
اَسی وَدان نالہٕ دِوان گٔرٚتھہٕنہٕ مَتھ لوٚگ زۆنہِ تیٚ
نیٚائے لانیٚن وَنتہٕ کُس اَنزراوِتھ زانہِ تیٚ

گُلِ مرجان پھولنۍ وِنے گُلِ مۍلکن تے
سُلہِ وُتھِتھ لگی بولنہِ سۍری جاناوار[ل]
مۍری مُشدی منّے پان ہُوونم ہۍر گوٗلابن تے
نیاے لانیُن وَنتے کُس اَنزراوِتھ زانہِ تے

حبہِ خوتوٗن صاحبس کُن اَرزو یا وَنہِ تے
بار صاحبو کرِتہٕ سارِنے جنتس مشرِ جاے
ییمی نہٕ کینژھا یَنہِ اَرزُت تس تَتہِ کیا بَنہِ تے
نیاے لانیُن وَنتے کُس اَنزراوِتھ زانہِ تے



---

ل۔ اَتھ چُھنہٕ باقے بندن ہٕندین دوٚیمین مِصرن ستی قۍفیہِ رلان۔

## ۱۷

چھیا ٹری بڑی مَس پیالو
دوتھو لالو نِنڈرے
اَچھِ پوشَن کرَے ٹہ مالو
دوتھو لالو نِنڈرے

کوٗر زہنہٕ یکھ ہہنہٕ زالو
کوٗر زہنہٕ روزی پام
سہہ اُستھ گژھی شالو
دوتھو لالو نِنڈرے

---

۱۔ کوٗر زیٚنہٕ چھے گرس زُوالو (حضرت یوسف ۳)
۲۔ روزان (ایضاً) ۳۔ گژھان
۴۔ یہِ ہُر ہمیانہٕ بَنٛد گیٛو: محمد اکبر شیٚخ تہٕ تِہنٛدِ ہٕ سٕتی باجو

ہیہِ پانس پُھلَے لُئ موٚ[1]
تَبَ عشقُن کٔرۍ یوٚٹھ پیٚوم
حبہٕ خوتونہِ ڈٔنی مشالو
دوہ تھوٚ لالو نِنٛدرے

---

ریڈیو پیٹھ ۵، اپریل ۱۹۷۶ء صُبحن بأگس
بابَس ناو چھُم سیدالبھارو / ماجہِ ناو چھُم بدوٗل جمال / سید کوٚر چھُس / پُرکھالو
دوہ تھوٚ لالو نِنٛدرے ۔ مگر غلام قادر لنگوہن گیوو یکم دسمبر ۱۹۷۷ء
یتھ ہیٚے بأتھ صمد پوٚشپرن ہنٛدِ ناوٕ (وُچھِو ریڈیو اِندراج نمبر ۳۵۰۸)
صمد پوٚشپر کُس اوس؟ وُچھِو دٕرھنے بأتھ ۲۹)

[1] ۔ قافیہ ندارد

## وٕژھنے

۱۔ اصلی موسیقی ۓ ۹ ص ۲۹ ہَس پیٹھ چھُ اَمی گاچکُ اَکھ بَنٛد۔
(اَدٕبکہ کشیری) پیٚتہٕ کنی سے صُبحے آو تےٚ پھوٚلیو نوٗرو / ووٕ تھو مخموٗرو
نٕندٕرے + ہستی چھےٚ آسان پٔری یے تہٕ حوٗرو / جوان پیالہٕ تہٕ ناٗی موخۍتہٕ ہار
کَنٕن سوٗن تہٕ بیٚنیہِ لعلہٕ دوٗرو / ووٕ تھوٗ مخموٗرو نٕندٕرے۔
آتش نومبر ۱۹۷۵ء اَنٛدرٕ چھُ ناجی مُنوّر صابٕن باباکمال ژرارٕ
شریف / شُنٛد اَمی ژولہٕ ہُنٛد اَکھ بٲتھ دِیُتمُت۔ اَتھ چھِ سَتھ بَنٛد،
نوٗمو نہٕ رٕنٛگی وُچھو زٕ بَنٛد سے رَسہ رَسہ برٕ یومَسہٕ کی پیالو / ووٕ تھو
میانہٕ لالو نٕندٕرے + شوقہٕ چانہٕ گِندنے دٕرالیس یالو / نظراہ کرتو سندٕرے /
داغ ژام دِلہٕ سے کونہٕ دِمہٕ نالو / ووٕ تھوٗ میانہٕ لالو نٕندٕرے + کمالہٕ ژرٲوان
گرشہ قیل دقالو / قالہٕ نشہِ حالٕ دِل کرٕ نیرے / موٗ بہٕ نار تھو وتھم ہاٗمتی خیالو /
ووٕ تھوٗ میانہٕ لالو نٕندٕرے۔
"بہارِ گلشن کشیر" حصہ ۲ ص ۸۱۸ سنہ ۱۹۲۳ء چھاپ نوٗر محمد بک سیلر اَنٛدرٕ چھُ محمود
گامی یُن لیکھتہٕ روٗس ژرٗواہ بَنٛد بٲتھ سے سونٛتہٕ دوہ آیہٕ تےٚ گوٗل پھلی / ووٕ تھوٗ ڈلی
نٕندٕرے ہتیو ہو / اَکہِ دیدارے ہتو ملی / پیتہٕ ڈلی نٕندٕرٕ ہتیو ہو۔
ژرارٕ کی غلام مصطفیٰ اشاہَن (وفات ۱۹۱۴ء) تہٕ چھُ دوٗنمُت سے تھوٗد ووٕ تھوٗ لالو نٕندٕرے
تھوگوش مےٚ مور دُش سُندٕرے / عاشق غلام مصطفیٰ / معشوقہٕ لوگمُتھ بے وفا /
اَمہٕ سٟتی دِل میوٗن ہندٕرے / تھوٗد ووٕ تھو لالو بندٕرے۔

# ١٨

بدوِلِ وَنے یارِ تے
لدؤ گوءلائبی شیشَن ہَرتے

اور کورِے گَرڑِھ کھَے پھیر تے
یَتھ دِلَس دِتی تھَم پھری تے
چھی ڗیے ہَران گُمِنِے پھری تے
ہلیمہِ ڗیے یَتھ ئُہ مُسافِر تے

اور کور گَرڑِھ کھَے ڗوٗنزی تے
سانِہ آنگِنی مَے یَکھ مُشزی تے
چھَے ڗبے زیبان اَتھِنے مَاتِز تے
دارِ کَتھا کَرو مَاری مُشزِ تے

اور کور گڑھِ کھَے بأُلی تےَ
سانہِ ڈُبہ ٹُلیےَ یکھ بُلی تےَ
چھَے ژےَ کُر مژِ یُژ سمباُلی تےَ
نُنی ڈچھ پُھٹی ہتی یتیمہ یارِ بُلی تےَ

کاوِ مَتہِ واکھتَم کولِہ تےَ
یَتھ دوہ دَس ہَر گوم کول تےَ
کوِ زانہِ آہَم کمَہِ قولِہ تےَ
نِشتہِ یار اوسُم یُژ کول تےَ

پَتہِ لاران اَفتابہِ زوٗنےَ
موّت معشوق میلہِ ناکوٗنےَ
وڈن یہِ یوٗسفس حبہِ خوتوٗنےَ
اَزلہِ لون چھُے والان دوٗنےَ



## وٕژھنۍ

ملہ حبیب حاجن ہنٛدِس داستانَس اَنٛدر چھِ اَکھ ژور شعر چھ یِتھٕ کٔنۍ آمتۍ :

۱۔ اور کور گرٛشہ کۍ ژیری تۍ — جِگرَس چھَک دِوان تیرتۍ
ژیٚنۍ پتہٕ بہ مُسافیر تۍ — لَدسہٕ گوٚلاب شیشٕن ہَرتۍ
اور کور گرٛشہ کھۍ مُنٛزری تۍ — سانہٕ آنگنۍ چھکہ لکان مُنٛزری تۍ
چھۍ زیبا ژیٚنۍ نَمن مانٛز تۍ — لَدسہٕ گوٚلاب شیشٕن ہَرتۍ
اَفتابہٕ لاران زوٚتۍ — معشوق میلہِ نا کوٗنۍ
یوٗسفس ووٚن حبہٕ خوتوٗنۍ — سارٕنۍ یمہٕ جایہ دوٗنۍ
دُکان داٗری نو کرٛی زیٛم — مُکانہٕ مُکانہٕ نو پھیری زیٛم
سوٗرا بسما نو ٹلی زیٛم — لَدسہٕ گوٚلاب شیشٕن ہَرتۍ

۲۔ واکھُن : بولُن، وَنُن، یَژٕھُن — کولہٕ واکھُن، بَد واکھ ژاوُن، بَد کانچھُن۔

۳۔ ہر گوم کول : دوٗہ ہر کرٕ ہنٛزی، رَنٛگہٕ ڈٕلِتی، مُراد جوٗانی زر اَژُن۔

وارے میانے پُھلی گُل لالو[1]

ہا وَلو لالو اُنی[2] سے

حَبشُک دوئی چُھے[3] سیاہ خالو

چینس مَنز باگ ماران ٹھوہ

سوٗرت[4] بَندر چُھ کُنان مالو

ہا وَلو لالو اُنی سے

---

[1]۔ گُل پُھلی لالو [2] ہا دہ لو لالو لول ہو آم (اَصلی موسیقیٔ[17]) ہامَتہ لالو (صوٗفیانہ موسیقی نور محمد بٹ ص ۶۲) [3] اوس

[4]۔ سوٗرت بَندرُک (صوٗفیانہ موسیقی نور محمد بٹ)۔

سوٗرت بندر: صوٗفیانہ پاٹھی "صوٗرت بندر" یعنی سوہ جاے یتہِ انسانس صوٗرت عطا چھ سپدان سہ صوٗرت بندرکہ کرٛالہ وانے / رَنگہ رَنگہ بانے تھُرنے آے / کینہہ دٕراِیہ زَنانہ کینہہ مردانے / پانے پانس وُچھنے دٕراو۔ (بہارگلشن کشمیر حصہ اول)

جامَن ۵ دوِرِتھ موخنِہ تہ لعلو
رہ پیہ تنہِ ما داغ اَڑنے
وَعدِ کرَ آدا جامِہ کڈ نالو

ہا وَلو لالو اُنی مے

تیشُتھ مَس دِتمو ہا کلہِ والو
یُتھ ۶ پیٔالِہ گرِڑھہم مالامال
کینٔہ چھی مَس چھوی کینٔہ بے ۷ حالو

ہا وَلو لالو اُنی مے

گامَن بہتھِ ۸ چھُے میٔون سالو
شامَن ۹ وَعدِ چھُے بوٗنٔین تَل
پامَن لاَجنھس جامِہ چھیڑالو

ہا وَلو لالو اُنی مے

---

۵۔ جامِہ دو مویوٗ نکِہ ہنکِہ خالو / جاہکی داغ ماٹنہِ لارنے (روایت)
۶۔ وَعدِ گرِڑھ آدا۔ ۷۔ یُتھ گرِڑھ پیٔالِہ میٔون۔
۸۔ مَس چیتھ کینٔہ گے پَننے حالو (۶ تا ۸ آش ۲)
۹۔ بہنی؟ (کامَن گرِڑ چھَم بوز میٔون حالو، آش نمبر ۲)
۱۰۔ کامکِہ [ داہنی ٹبہ وآئِس بونٔین تبَل، آش نمبر ۲]۔ (اوچھوصد ۱۷۲)

دوٗرے ڈیوٗنٹھمک یوٗسفٕنہٕ حالو
زوٗن زَن شوٗبان پیٹھ عالمَس [11]
یَد وُٕنی حبہٕ خوتوٗنہٕ پُرٕ کمالو
ہا وَلو لالو اُنی مے [12]

---

[10] تانہٕ آش رِسالکی پاٹھۍ الگ گٔڈنِتھ اصلی موسیقی ۔ اَتھ موسیقی اندر چھِ یہِ بَنٛد ہُر بیانہٕ سۭتۍ اُلفِ آسِتھ موٗثَر سۭتۍ والو/ میمکہٕ مادانہٕ ترٛوُم ح / جیم گَج زُلفو وَوٗلھم نالو/ ہا وہ لو لالو لول ہد آم +
بیٚیِس اَکِس جایہِ (حوالہٕ گوم مُشتہ) پوٚرُم یہِ بَنٛد یتھٕ کٔنی سۭتۍ الفا آسِتھ کوٚرتھم دالو/ نونہٕ کہِ نوقطہٕ سٕتی سَپُدُم ح / میمکہٕ مارٕ سٕتی وَوٗلتھم نالو/
ہا وہ لو لالو لول ہد آم +

[11] ۔ گاہ چوٗن پیوان عالمَس / مہ زَن شوٗبان پوٗر کمالو (اصلی موسیقی)

[12] ۔ یتھم تہٕ کرٕ یو پوٗشن مالو (موسیقی اَتھ اندر چھُ چھَپرا یہِ آخری بَند تہٕ دوٗج چھُس یوہے مصرٕ)

# وٕژھنے

آش نمبر ژٕہس اندر چھُ ناجی مُنوّر صابُن "رأوی ہتی بأتھ" عُنوانہٕ اکھ مضموٗن وژامُت یتھ منٛز اُکس بأتس ترٛےٚ بنٛد یتھ سیتی رلان چھ۔ لیکھُت چھُس کَس تام "نوٗر گنے"۔ "مُشد تہٕ بأتُک تأریخ چھُ ۱۱۸۸ھ یعنی ۱۷۷۴ء ہأوِتھ ہے اُمی نوٗرٕ گنین وُنی مژٕ مشالو/ تنہٕ اُس عاشقن توٗری کُن کلَ/ سنہٕ اوس کاہ شتھ اَرشیتھ سالو/ ہامتہٕ لالو لول ہوآم۔ یہ چھُ جبہٕ خوتوٗ نہٕ پتہٕ اکہٕ پلہٕ ژٕہتھ وُری تیمور شاہ دُرانی ہنٛزِ پادشاہی ہُنٛد زمانہٕ واتان۔ ہرگاہ محموٗد گامی مُشد زاوُری ۱۷۶۵ء صحی چھُ، تیلہٕ چھُ یہ بأتھ تمہٕ وزِ وننہٕ آمُت یلہٕ محموٗد وُنہٕ نوٗ وُہرے اوسمُت چھُ۔

قدیم صابس لِشہٕ بأتھ حأصِل کران چھُ میأنِس نوٹ بُکس پیٹھ لیکھِتھ — کاظم گگنے (زاسوٗ) نوٗر گنے، وہب شاہ (ربأنی) مانہ یاوَن رأیس/ یہ چھُ دُنیا . . . . . ) ۱۱۸۸ھ۔ بیب دیدہٕ مُنٛدٕ ڈارٕ سُبحان . . . . . کمیٛو یار ہور عشقُن ژوٗر/ سُہ چھُ مشہوٗر دَرٕ ہرجا + ہا ژوٗر وۄمہٕ کَرسِنی ژوٗر/ نہ کھیکھ پانَس نہٕ دِکھ بیٛکس/ توٗ ےیمہٕ کامہٕ چھِنہٕ منظوٗر/ سُہ چھُ مشہوٗر دَرٕ ہرجا — یمن مُتلِق آسہے تمی وۄنمُت کورُت کینٛہہ، یُس نہٕ مےٚ یاد چھُ۔ اما پوٗز نوٗر گنے تہٕ ۱۱۸۸ھ چھُ آش ۲ کس ہیٚری مس کلامس سیتی رلان۔

# ۲۰

تَوَے ہو ژُوَرد کَرَنی مئے ہیٹز مَیو لاٰئے لاٰلِہ وَے
دو ثَدِ ہو ژُوَرو مَنَس تہ کاسَتَم مَلاَئے لاٰلِہ وَے
اَکھ جاما ناؔلی مُلاَئے ، بئے عُطرا تَنِہ مِلاوَے
یاد گیئم ژُوَرو، یاد ہو وُورِ مَنَز لاَئے لاٰلِہ وَے
تنَے تانَہ تَنَنہ نَنَے تانَنہ تَنَنہ ننَے تاناــ نَے

سَنگدِل یارو روزَے نو ژَیٹے رُوس تاَئے تالِہ وَے
زاُین مئے بادَم تہ واُین ہیمہ یو تاَئے تالِہ وَے
اَکھ ہَنگہ زَزُرَوساں تاَلَے، کاؔلی دوہ دران مِیٹشر تالِہ وَے
خَبرِ رَسہ پانو قَبرِ دَکہ لَگہ نیَو تاَئے تالِہ وَے
تَنَے تانَہ تَنہ نَنَے تانَنہ تَنہ نَنَے تاناــ نَے

رشہ ہِستی مُدلنس دشہ میانہ وَنہ لنس سون تامَت

کن ژہے تھاوتم کنہ کے دِمہ یو سون تامَت

اکھ پو ختہ اُسس سون تے، گرچھم دَمنس سون تامت

گوم گرُک گیلُن نبیرِیم لکہ اُسن سون تامَت

تَنَے تانہ تنہ ننے تانُنہ تنہ ننے تانا نے

اُدی اُدی وڈنمے از روزکھ نا دولُتی یے[2]

ہُچھے برما دُنیا اکھ دما روزکھ نا دولُتی یے

بہ دو اُہس دولت تے سمسارُی لاَیُم دولُتی یے

وُچھا وچھا حبہ خوتونہ رَنگا وڈننے دولُتی یے

تَنَے تانہ تنہ ننے تانُنہ تنہ ننے تانا نے

---

[1] رِشہ ہِتی مُدلنس دُشمَنَن وڈن سے میون تامت / گوم گرِ گیلُن نبیر گوموا اُسُن تامت / مو روش مو روش ژیئے کیھتی باغس پھولِم پوش / کتھا کرتم کنہ گے دِمیو سون تامت (اصلی موسیقی ع ۱)

[2] دو + لُتی یے یعنی اے لُتی یے (دَ چھ محض وَزنہ برتی خاطرِ یتھ کُنی فارسی شعرن اندر مَر چھ گنڈان ہے حمدِ بے حد مر خُدائے پاک را

نوٹ: یہ بَیتھ باسیٔو میٔ لیکھنہ وِزِ اوگر تھوگُر مگر یلہ قدیم صاین تہٕ تشند بو باجو گیوو اَکی سوزن یہیہ ڈیٖتھ۔

## وِبژھنے

۱۔ یہِ بٲتھ باسیٚوو مٔنٛز لیکھنہٕ وِزِ اوٚگر تھوٚگر مگر پیٚلہِ قدیٖم صٲبَن تہٕ تِہندِ پو دٕہر باجو گیٚوو، اَمکی سوزٕن نیٚیہِ اُسی ڈٕہِتھ۔

۲۔ سوٚن تامَت : ژوٚک تامَت، اَندریُم سرتامَت۔

سوٚن تامَت : (؟) میٲنٛز کِنی چھُ حٲشیکُ پاٹھٕ پھیرِ کار آمد۔ "گوم گرٕک گیلنُ، تیمبرٕیُم لوٚکہِ اُسُن تامَت"۔

(دہ نوٚے پاٹھہ رلاوِتھ)

(دو) لَتی یے : (اَکیُم مِصرِ) وٚنیسی یے۔ دوٚ (بعضے یوٚ) چھُ محض وَزنہٕ برٛتی موکھٕ گنڈنہٕ یوان، یِتھہٕ کِنی فارسی لیں اندر مر گنڈٲن چھِ ے حمد بے حد مر خدائے پاک را

دَولتی یے (دویُم مِصرِ) آسن واجنی ، ہارِ واجنی

دوٚلتی یے (ترٛیِیُم مِصرِ) چار واے ہِشُر لتھ لاینی۔

دُلتھ۔ مُراد "پتھرِس پاوٕنس، صدمَن لاجنس۔

رَنگ : بٲتھ یتھ موسیقی تہٕ رقص، ہاوی جُز آسہِ۔ اَتھ چھُ قافیہِ پیمٲیی کھوتہٕ لفظی رٔہ نہٕ شرٕ ونی لازِم۔ یہِ چھُ چہار رنگ۔ مشہور "شش رنگ" چھُ شیٚہ بند (ترٕٛن گتھ)۔

# ۲۱

وار چھُم نہٕ میلنَس وأرِو چھَس گرٕے
وَنْ پژاریو پوشہِ تھَرٕے تَل

[1] أنہٕ ڈٕبہِ بھِتھے دٕری چھَس ٹھَس گوم
وأنجہِ ژَس گوم، اوٚش ما آم
مَدٕ روٚٹ گُلالَن داغ چھُس [2] پھَرٕے
وَنْ پژاریو پوشہِ تھَرٕے تَل

مَس کوٚ دیتھَم پھولہِ ڈُنہِ تھَرٕے
أمہِ مَہہ أموب چھوٚرے لیَس بال
ذوقہِ مُژ شوقہِ چانہِ وَن کیا کرٕے
وَنْ پژاریو پوشہِ تھَرٕے تَل

---

[1] مقام سوہانی اندر تر چھُہ أمی ژولہِ اکھ بَند ۔ أنہٕ ڈٕبہِ بھِتھے دٕری چھَس ٹھَس گوم / زوشُم اوٚش ما آنگنُن ژاو / یارنے ڈٕلیٚتھن وأنجہِ ژَس گوم / لیَس گوٚمسولہِ گوٚہ نٚدُر ہوٚأے. روٚشُل میر نہٕ "کوٚنے آم" ردیفہٕ بأتُک اکھ بَند چھُہ یِتھے ۔ [2] : مُشٕر پھَرٕے۔

بڑم کمیٛو دیٛتنے سوٚنٛدر مالے
غَم گوم ترِٛتھ تہٕ[٣] کرَے کیا
خَم ژام سَروس بَلہِ کمہِ دارے[٤]

وَنۍ پڑاریو پوشہِ تھَرے تَل



---

٣ یارو

٤۔ خَم ژام سَروِ قدس دارِ کمہِ سہ بَلے [ ٢ تا ٤ موسیقی ج ٣ ] اَتھ حصس مَنز چھُ یہِ بَند ہُرِیمانہٕ سے عاشق گنٛزرِ زن لیُس مَرنہٕ بڑو ونٛھ مَرے / لاشَک داتہٕ پانے مطلوبس / لیُس مرِ شکرے نہٕ ہرتَس کیا کرے / وں پڑاریو پوشہِ تھرِ ین تَل۔ اَتھ اَنٛدرِ چھُ "تھَرے" بجایہِ "تھَرِ ین" آمُت لکھنہٕ، لیُس نہٕ باٹہٕ کہین قافین دُچھتھ صحی چھُ باسان "پوشہِ تھَرے" بَدلہٕ چھُ "ہیہِ تھَرے" تہٕ وَننہٕ یوان۔
(موسیقی قلمی نسخہ اکادمی)

# ۲۲

سوٚنہٕ ہی پھوٚجہِ کھَے وَنَن کرٛیڈٕ زالَن
پوٚش واٴجہِ کھَے پوٚشہِ مالَن کرٛٹھ
گُلُ گرٛژھن برٕٛ تہٕ کرٛیڈَن[1] زالَن
پوٚش واٴجہِ کھَے پوٚشہِ مالَن کرٛژ

ژھوٚسے[2] میٲلِس کیا گیٖہ کلَن
ژھوٚیمٕتِ بُلبُل[3] بیوٚٹھُم کَس
پِرٛژھہ سے مُنجمَن ، وُچھسے[4] فالَن
پوٚش واٴجہِ کھَے پوٚشہِ مالَن کرٛژ



[1] کرٛیڈن مائن زالُن [2] چھوٚسے ہتِس [3]: بُلبُل لنجہِ بیوٚٹھُم۔
[4]: وُچھ سے کِتابہٕ فالن (۱ تا ۴ اصلی موسیقی ع۶ تہٕ ع۱۸)

# ۲۳

مینے کرٔی مَس پوشَن دَستےَ
کرَ ہیمَ بالہِ بالہٖ یار

دادِ تھٖہندے دِل گوم خَستےَ
کرَ ہیمَ بالہِ بالہٖ یار

رٔوٹھہٖ متِس تَس یارَس تےَ
وُنی توسے مئیانی دِلہٖ زار

یمبرِ نتےَ تہٖ مئیانی درٖہےَ چھس تےَ
وُنی توسے مئیانی دِلہٖ زار

بُمہٕ[1] کمانہٕ چلہٕ کیٛاچھس تےٚ
تیٖر لاٗے نَم بے شُمار

سینہٕ سپیٛر داریامَس تےٚ
کوٚر نمے بالہٕ شِکار

ڈنگہٕ[2] رَنگہٕ خوان پاٗریامَس تےٚ
پیپہٕ نتےٚ ڈنگنس[3] مار
پیٛالہٕ بُری بُری تھاویامَس تےٚ
چینہٕ روٚستےٚ چھُس خُمار



---

۱۔ "بُمہٕ کمانہٕ لوٚدتھَم چلو / تیٖر لاٗے تھَم بے شُمار (کشمیری زبان وٕ شاعری جلد اول ص ۱۸۶)

۲۔ یِم زٕ شعر چھ موسیقی ۲۵ اندر ہُر پمانہٕ۔ گوڈنکی شے شعر چھ "کلام حبہ خاتون" ہَس اندر تہٕ درج۔ ۳۔ یہ چھُ "ڈنک مارنا" کشتواری آیہ اُردو لفظ۔ کاشری پاٹھی گوٚ بِچھنس۔

# ۲۴

مےٚ کرٕ ژےٚ کتی پوٚشہِ[1] دَسوانےَ
چھاو میٲنی دٲنے پوش

ژٕ چھکھ زمین، ژٕ چھکھ[2] اسمانےَ
سیرُس[3] ژٕ چھکھ سَرپوشس
ژٕ چھکھ نعمتھ، ژٕ چھکھ میزمانےَ
چھاو میٲنی دٲنے پوش

لٲلے[4] گٕنڈِ مَنٛز ژونگ زاجلےَ
بٲلے رُوٗدُس نہٕ ہوشس
ژٕ چھہَم شمع ژٕ چھس پَروانےَ
چھاو میٲنی دٲنے پوش

---

۱۔ ہیبہ (آزادؔ)۔ ۲۔: دو (روایت) ۳۔: چھِہو چِنہ سَرپوش (آزادؔ)۔
۴۔ لٲلے موٗٹھو ژونگ زالٕنُے / بالے روٗدُم نہٕ ہوش (حضرت یوسفؒ)۔

دَژھ دَژھ رٕیتہٕ کول چھُم سورلنےٚ
بُرٕ ما گژھن اَچھہٕ پوش
کُنہٕ حِتہٕ بُلبُلہٕ یِتہٕ اَکہٕ آنےٚ
چھاو میٚیانی داٚنے پوش
بُژگہٕ تیپر اُہس پیٹھ دریچہٕ خانےٚ
رٕنُدُم تہٕ نا زُر جوشس[له]
اَدٕ یکھ یِیلہٕ بال سور پانہٕ ہانےٚ
چھاو میٚیانی داٚنے پوش
بَم تےٚ زٕلہٕ چھس سوز وایانےٚ
دِلہٕ نِے تھوو تھم نہٕ گوشس
کَمَ کیٚا گوٚیو یِیٚمہٕ میٚانہٕ والنے
چھاو میٚیانی داٚنے پوش

---

له۔ رٕنُدُم نہٕ بازر جوش (کشمیری زبان و شاعری جلد اوّل ص۴۲)

رَنگہٕ رَنگہٕ تھُری اُمی کڑالَن بلنے
بیوٚن بیوٚن کوٚر رَنگھ نقوش
کینٛہہ[۱] دڑایہ ہٕلی کُلی کینٛہہ[۲] جاننے
چھاو میٚثأنی دأنے پوش

ژاُرِتھ اُنٛزمے پھمبہٕ مویانے
جانانہٕ[۳] میٚنے مو روش
حبہ[۴] خوتوٗنہِ رُوٗدُم ارمانے
چھاو میٚثأنی دأنے پوش



---

۱ تہٕ ۲ اُڈی۔

۳۔ ہا عزیزٕ زوٗنہِ مو روش (آزاد)۔ عادل زوٗنہِ مو روش (حضرت یوسف)

۴۔ خوتوٗنہِ یدٕ ڈُنی پوٚرِ سامانے (روایت) موج دِتھ حبہ خوتوٗن دیان پانے (حضرت یوسف ع)

(نوٹ): ریڈیو پیٹھ گیوو اکی صاحبن یہ بند ۔ بہ چھکے رِحل ژِ دو قو رانے پَرنس تھاوی زیم ہوش) پَر ڈُنہِ لگیو ہا قرآن خانے / چھاو میٚثأنی دأنے پوش۔ (آزادن تہٕ چھ یہ ڈیتمُت تہٕ حضرت یوسف ع اندر تہٕ چھ موجوٗد)۔

## وِضاحتھٕ

۱۔ آزاد چھُ (فوقس پأروی کٔرِتھ) لیکھان زِ حبہٕ خوتونہٕ اوس اَکھ بَدمزاز گرٕلیسی لڑکَس سِتی کھانٛدرٕ کوٚرمُت۔ مگر لڑکہٕ سُنٛد ناوعزیز لون چھُ گوڈنی اُمی (اَکھ کمزور ذلیلہٕ پیٹھ) بوومُت۔ تہٕ ووٚنمُت چھُن زِ تَسٕنٛز بَدمزازی باوجوٗد آس یہ تَس سِتھ فِداتہٕ تمۍ ہِنٛدی سےٚ فِراقَس اَنٛدر آس اَنٛدرِم حُباب ژھٕٹان۔ مِثالہٕ پأٹھۍ چھُن یہ بأتھ دِیتمُت ؎

مےٚ کٔری ژےٚ کِتۍ ہیہ دَسوانے

چھاو میٲنۍ دأنےٚ پوش

۲۔ دَسوانہٕ: روٚپیک یا سونہٕ سُنٛد ہٕنٛز کوٚر یُس زنانہٕ لاگان چھےٚ۔ چھُن کِہ مرد چھِنہٕ دَس لاگان اَو کِنۍ کٔرِن تَس کِتھۍ پوشہٕ دَسوانہٕ تیار۔ لفظ چھُ "دَسوانہٕ کٔرِم" نہٕ زِ "گٔرِم"۔ دَسوانہٕ کٔرُن گو دَسوانہٕ لاگُن۔ روٚسُل میٖرُن مِصرعہ چھُ ؎

چھِم تہٕ دار سونہٕ سٕنٛز بُنگرِ کریم چانہٕ لولے (کریم یعنی لاجم)

۳۔ دأنےٚ پوش۔ کأشر ڈکشنری چھُس معنہٕ دِوان "کھٹہٕ وُنہٕ بَبہٕ" یعنی وُچھک ووگنیار۔ یہ چھُ غلط۔ ہرگاہ دأن (انار) لفظے یوت آسہے۔ یہ ایمائی معنی ہیٚکہٕ ہوس نتہٕ مگر پوش لفظ سِتی چھُ

معنی بَنان" دأن پوش رَنگہ" بَڑیٖہہ وِزی جوأنی۔ موسیقی عٕلمہ اندر چھُ اَکھ مِصرٕ دأن پوشَس دُپِتوس ییِیے۔ مُراد چھُ جوان، ماشوق نَہ زِ بَبہٕ کٔرِتھ ماشوق۔

۴۔ میزمان : یِہ چھُ اصلی فارسی لفظ میزبان (پٔژھر لأری کرن وول) یُس کأشرس اندر غلط پأٹھی مہمان بَدلہٕ وَرتاونہٕ چھُ آمُت۔ کأشرِ پأٹھی چھِ، ییٖمس (براٗتی) پٔژھرین یُزمَن وَنان۔ یِہ چھُ دَراصل سنسکرت لفظ (ییج + مان) یعنی کورِ وول ییٖمس براٗتی (پٔژھر) یوان چھِ کوٗر نِنہٕ خأطرٕ۔

۵۔ دُرِیچہ خانہٕ : محرابہٕ دار دارِ کٔرِتھ مکانہٕ (لُر)۔

۶۔ بڑگہٕ تیر : مُراد پٔژنی تہٕ نوزُک اَنٛدام سوٚنٛدر۔
موسیقی اندر چھُ راست کشمیری دوٚیکہٕ تالِ اَنٛدر اَکِہ یأنٛگُ یِہ ہُرسہٕ پیٚہأج کوٗری بڑگہٕ تیری /چھاوتےٚ نیری اَچھ پوٚش۔ بڑگہٕ سٔنٛزن نرم تیرن آسی تیٖلِ کالہٕ تاجِہ گوٚنٛد بَناوان۔

۷۔ پھمبہٕ موبانہٕ۔ زأوُل پھمب، تُمٛبُک بَنوومُت دُشالہٕ۔
(ڈالِہ رٔنگی دِنکُ چیز)

# ۲۵

کأڈی وِہیوٚنَم أری نِنہِ نہَے
اَز ییہِ یار یٔہ ناوسَے

کوٚنگہِ کوفوٚر بیّیہِ عَنبرَے
رِسنٛدِ زلہِ تَن یٔہ ناوسَے

مأری مٔنٛدِس ترٛہنہِ روٚستِس
پأری لگسَ یٔہ ناوسَے

سأری ترٛأوِتھ تَس یَتہِ لجٔس
کیٛا کرِ وٚنیسی بَناوسَے

# وَضاحتھٕ

۱۔ اَرنِہ مالِہ ہِنٛدِس تَذکِرس اَنٛدر چھُ عبدالاحد آزاد فُٹ نوٗٹس اَنٛدر یِہ بأتھ دِتھ لیکھان زِ یِہ چھُ منشی بھوٲنی داس کاچرو (۱۷۸۲ء) سُنٛد۔ بأتھ کُ آخری مصرٕ چھُن "سأری ترٲوِتھ تَس یِتہِ لجُس / روزٕن دوٗرِ یِیم یار" ہو ومُتُس غلط چھُ۔

کیٛنٛہہ چھِ اَرنِہ مالِہ ہِنٛدِس کھاتَس ترٲوان تِکیازِ گوڈٕ مِصرَس اَنٛدر چھُس "اَرنِہ نِہے" لفظ موٗجوٗد، یُس اَکھ پھأنٹ دَلیل چھُ۔

۲۔ کأوی وِہنَم : وِہُن گوو تٔچھُن / تٔترُ ووٚتھُن۔ مُراد کأوَن تُلنَم صُبحٲے، وٲنجہِ تٔچھُن تِکیازِ معشوق پیوٗم یاد۔

۳۔ اَرنِہ نِہے : نُنٛیک نیک گاش پھولہٕ وُن (صُبحِ کاذِب)

۴۔ ئہ ناوَس : ناوہہمَس۔ کاوِ ہِسنٛدِ صُبحٲے کَشَس یا دارِ پیٚٹھ بولنہٕ وِزِ بیٚیمی سُنٛد تہٕ ناوہیٚرِ سٕہ واتہِ ضروٗر۔

۵۔ ترٛہنہٕ رۄس : کٔلہٕ تہٕ مارے محبتہٕ رۄس۔

۶۔ بناوس : بناوتس ، ( لأنی گُدرنس کیا گرِی زِوٕیسی )

خواجہٕ حبیب اللہ نوشہری تہٕ چھُ " ناو " لفظ گوڈٕمٕت :

پیٚرِ مَس مٔتے ناویے

لٔچھِ بُڈی چھِس ناویے

کیشا یُہ دِمَس ناویے

وو تھوٚ گرٕ شھوُو دِویے

# ۲۶

گَر ژنگم کَر واتہم
گَر ساماںٕ وَلو

بَرٕ بکہٕ چھس[1] بَرٕ اَژھتَم
مارٕے یارو بَرٕے
شَر کاستَم، سَروٕنٛدٕے
یِکھ نتہٕ بال مَرٕے[2]
ژیٚیے رۄس دِین کیٛا بَرٕے
دۄرٕ پرٕ چون نو زَرٕے

گَر ژنگم، کَر واتہم
گَر ساماںٕ وَلو

---

[1] چھس بو (موسیقی ۱)۔ [2] یہ مصرٕ چھ اصلی موسیقی اَنٛدر پیوٚمت۔

# ۲۷

مَس ئہٕ لَدٕسے پیٛالہٕ صُراحے
گَرٕ ھتَس وٕیسی اَنتَن سُہٕ رایے

دَرنَن کھوٚتمے پۄرٕ سزایے
نِشہٕ ووٚل لوٚسس گٔھنزٕ وسہٕ رایے
سَرئہٕ وَنٛدٕسے یَتھ مَن سَرایے
گَرٕ ھتَس وٕیسی اَنتَن سُہٕ رایے

# ۲۸

ویٔسی یے لولن گیۓ مے موڑے

وَنتے بالہِ پورہم کر

لولہِ مَس لدہَس بۂ سونہِ ٹوڑے
کرہ ہاسنگارہ، رنگہٗ ہا کر
مَنہِ تمرچھلیاہ لجُم گوستوڑے

وَنتے بالہِ پورہم کر

شمعا زاٗلِتھ ڈرالیَس زوڑے
گاشو وَنڈیلو وَتنۓ گاش
آش دو سوہم مَنہِ موستوڑے

وَنتے بالہِ پورہم کر

---

ملی موسیقی ۲ء)۔

۱۹۸

یاسمن

نق کم ہاڈسی

# وڙھنَے

۱۔ لولن : یِہ لفِظ چُھ رووُمت۔ موسیقی مَنز چُھ نظر گڑھان ے ہاے لُتی لولن گیہِ مَے موٗلے / اُمی مُتی تڑاُدنَم پاٗری زان۔ (عراق) وٛیِسی پَڑھ نا ے تُہندِ بن قولَن / لولَن مُھی تھے کِھڑی تونے (مقامِ نیریز) لولن موٗلیَس تہٕ دٗوریہٕ نو ژالِہ۔

موٗر گوٚو وائنِج ، وَچھ ، موٗر گژھنی گوٚو تسکنجَن زَن کَسنہٕ پُن۔ لولَس یا وائنجِہ موٗر گژھنی گو کُنہِ دادِ کِنی یا جُدائی سَببہٕ ، زَر تیلُن۔ موٗر لفظ چُھ ژرانِہن نشِہ تہِ میلان ے

حوٗرِ کھوٗدنَم ارمان مَدنو     موٗرِ نار چُھم شُری پانہٕ مَدنو

# ۲۹

ژِ کمیوٗ سوءَ مثیانہِ بژم دِتھ نیوٗ نکھو
ژےٚ کھِیوٗ گیٔی میثاٗنی دِ ے
ژکھ[۱] تژاو دے کَلالہِ ووڈِ چھےُ نا اوان
ژےٚ کھیوٗ گیٔی مثاٗنی دے

نِصف راتَن بَر وُتھی تژاُوی میو
ساتھا یکھنا ژے
پھیئر[۲] چھُنہِ کیٚنہہ تہِ پھیئر چھُکھ پاداں
ژےٚ کھیوٗ گیٔی مثاٗنی دے

---

۱۔ ژکھ تژاو تہِ کَلالہِ بَس چھُہم منےٚ ژے۔
۲۔ رَتہِ مَژ نعمژ چھکھ ڈولناوان۔ ژِ کوو وَتہِ مثیانہِ آکھ مُشراوان۔

مُدَن وارو بُدَن زو لتھَم
گوژھ ہَم سے منّے آدَن ژِے
بادام چشمو خُوَن چھَسیا ہاران
ژےّ کھیو گیئ میاُنی دِے

شِراوُن شین زُن یٗہ گلان آیَس
باغَس[۳] پھوّجِس یٗہ ہی
چونُے باغ تےَ ژِے دَلو چھاوان
ژےّ کھیو گیُی میاُنی دِے

زوِلہ چھَم نا یوان موِلہ چھُکھ والان
غَم چھُم وأنجہ سےُ
زاشِہ چھُکھ نہِ دوّدمُت سینہِ شہلاوان
ژےّ کھیو گیُی میاُنی دِے

---

۳ے۔ یاوُن پھوّج سےہی (اے تا ۳ے کاشر شاعری تہ بیاض شاہ قلندر)۔ شاہ قلندر کتابچس اندر چھُ یہ ہُریانہِ ے باغس میاُنس ستہ پوش پھوّلی ہتی / کتھ جایہ بیو گُٹھک ژِے / خبر چھَم تےَ ڈٗتی چھُم نہ یوان / ژےیے کھوگیُی میاُنی دِے۔

ژھاراں لۏ ٻسس کوٹن تہ بالن
سوران آم بالہِ دیٹن
راہ کیٹاہ لوّدتھم کوٹہ چِھہم مازان
ژیئے کھیٹو گیٹی میٹانی دیٹے

تَن چھس ناوان، جامہ چھس پٹاران
ہاوان چھیا چاٹنی دژے
پَننِس پانس گژایہ چُھکا ماران
ژیئے کھیٹو گیٹی میٹانی دیٹے

اوّش چھس تڑاوان یہ ژالہِ ژالے
منے بالہِ گوژهم ژیٹے
ژہ کوو ونہ میشانہ آکھ مشراوان
ژیئے کھیٹو گیٹی میٹانی دیٹے

---

ؕ بالہِ چھمو چاٹنی دژے ؕ یاونس پَننس ژهوہ چھس ماران۔

حبہٕ خوتوٗن چھے ارمان کھوان
کرٕمے نہٕ زانہہ بنٛدٕگی
یاوُن⁶ رووُمت چھُم یاد پِوان
ژٕ نیے کھیو گیی میٚاٗنی دٕے



۶۔ دوہ آم سوران ییٚے ژٕ تس یاوان (۴ تا ۶) کاٗشُر شاعری۔
شیرازس اندر چھُ یہ بنٛد ہُریمانہٕ ~ میٚتے ہالوٗگ آکھو یێلہِ ژٕ ہے دڑاکھو / کارٕ تھِپھ لیٚج ماسوے / سُے دود مارٕمتہٕ چھس لٕلہٕ ناوان / ژٕ نیے کھیو . . . .
یِم پانژہ بنٛد چھس "کاٗشُر شاعری" اندر ہُریمانہٕ ~
تیر ژھکھ لایان ہا تیر اندازو / تتھ سینہٕ دوٗرے مێٚے / تیرو چانہو پارٕ پارٕ کوٚر مێٚے / (یہ چھُ "شاہ قلندرٕ" ہس اندر تہٕ) میٚنے ہا روٗٹ داغا یێلہِ ژٕ ہے دڑاکھو / کارٕ تھِپھہٕ لیٚج ماسوے / سُے دود مارٕمتہٕ بو لٕلہٕ ناداں / ژٕ نیے کھیو گیی میٚاٗنی دٕے / سوٚنتہٕ کِس وادس تہٕ حال نابوُدم / ہول چھُم جِگرس سُے / ژٕ آدتھس کَس پیٹھ آہم مشراوان / ژٕ نیے کھیو گیی میٚاٗنی دٕے۔ یارٕ بلہٕ یارو روے چھس نہٕ ہاوان / لالو میٚے چھُ چاٗنی دڑے / دوٗد مُت بدن میون ژھکھ نہٕ شہلاوان / (یہ چھُ "شاہ قلندرٕ" ہس اندر تہٕ) وسہٕ بیوم لبہٕ نار سُہ تہٕ ہا ژوٗلم / گوٗلم ژٕ ییٚے پتہٕ پان / آنتھ روٗسی ارمان آیس دوٗ براوان / ژٕ نیے کھیو گیی میٚاٗنی دٕے

## وہژھنے

۱۔ قدیٖم صابٔن وۄن زِ ۲۶ ؤری بڑۄ ژھہ پیٹھٕ (۱۹۲۶ء پیٹھٕ) وۄت، تِمَن یہِ بأتھ گرِم نأید پسندِس ناوس تَل گیوان سے گرِم نأید چھُ افسوس کھیوان کرِمے ہٕ زِنہہ بنٕہ گی۔ سُہ اوس یاتپرک روزَن وول۔ تَسُند نیٖچو صمد نأید تہٕ چھُ شعر وَنان اوسمُت۔ قدیٖم صابٔنُ پتر بابہٕ رحمان شاہ مرحوٗم چھُ اَلہٕ پلہٕ ہتہٕ نزدیک گُذریومُت، تِمُ تہٕ چھُ یہِ گرِم نأیدِ پسندی ناوٕ گیوومُت۔

۲۔ رسوٗل میرنس "تھر تھر چھُم مرٕ بہٕ شاید" بأتس مُتلق تہٕ کوٗر پریم ناتھ کول اڑپن[ل] صابٔن یتھے دعواہ یہ چھُ ژکرِ تَسُند بأتھ یُس رسوٗل میرس کُن منسوٗب کوٗرُکھ۔ اَتھ مُتلق کرٕ تِمو شیرازٕ بس اَندر پننی دلیل پیش۔ تِمو پننٕز دلیل تہٕ سہنز پزر وچھتھ چھُ مامل ہنا مُشتبہ بنان۔

۳۔ قاضی نظام الدیٖن خانیاری چھُ اَتھ جواب ووٚنمُت سہ

ژٕ ے کوٚو یارٕ میٚانہِ دۄر دۄر ہیوٚت تھُمو / چھاوان پتہٕ موہی +
دِلدار ساعتہٕ اکہِ درشُن دِتمو / پژاران قاضی چھُے / تاب چھُنہٕ پتہٕ یور
میٚتہٕ توٗری نِتہٕ مو / چھاوان پتہٕ موہی (اصلی موسیقی ع[۱۲])۔

---

ل۔ میٚے اوس گوڈنکِس چھاپس منٛز ناوٕ پھیرِ گومُت تہٕ اُہندِ بجایہ سرداننٛد کول پریمی لیوٗکھمُت۔

# ۳۰

نالہٕ دِواں لوٗسس وَنَن
تَس تہِ کَنَن گوٗ نا وٕنیسی

دَمہٕ دَمے کَل چھم گَنَن
اُمہِ غمے آیَس لُسی
ہَنہِ ہَنے چھُم ماز چھَنَن
تَس تہِ کَنَن گوٗ نا وٕنیسی

گرٛاے گرٛنَم یِنہٕ یاوَنَن
تَنہٕ پیوان چھَس وٗسہ وٗسی
ژرٛو٘ر ژرٛو٘لُم ووٕنی کتہِ اَنَن
تَس تہِ کَنَن گوٗ نا وٕنیسی

۱ : "تہِ" ندارد ۲ وٕنیسی ہے (اصلی موسیقی)۔
۳ : غمہٕ سٕنتنِن ماز آم چھَنَن (کاشُر سرگم حِصہ دوم صٗ ۳۱۷)
۴ : اُمی (موسیقی)۔ باقٕی گوڈنکی بَند چھہِ "کلامِ حبہٕ خوتوٗن" اندر تہِ درٕج۔

لُج پُھلے گُلِ یاسَمن
ڈرایہِ عاشق کَم ہاوُسی
مُشکِ ہیوان چِھی گُلشَنَ
تَس تہِ کَنَن گو نا ویٚسی

حبہٕ خوتوٗن ژَجایہ وَنَ
وَنہٕ کأتیشاہ زالَن پھُسی
اَزلہٕ لأنس کیٚنہہ چھُنہٕ بَنَ
تَس تہِ کَنَن گو نا ویٚسی

## وٕژُھنے

اوتار کرشن رہبر صأبن چھُہ "گرٛاے کرٛنم" وول اکھ بنٛد اکھ بنٛد دِتھ وٕوٚنمُت یہِ ہیٚکہِ اَرنہٕ مالہِ ہُنٛد آسِتھ — (کأشرِ ادبچ تۄأریخ صہ ۲۲۲)۔ أمِس چھُنہٕ باقی بنٛدن تام نظر آسمٕژ۔

## ۳۱

ڈیکہٕ پیٹھ گُمہٕ چھُس موخترٕ زَن ہَران
بال چھَس کرَان کوسمَن کڑاو

شالہٕ مآر بِہتھ پیالہٕ چھَس برَان
ڈالہٕ[1] چھَس نِوان[2] واتہم یار
عارٕ[3] گُڑ پوشَن مالہٕ چھَس کرَان
بال چھَس کرَان کوسمَن کڑاو

اِلیشہٕ بر بِہتھے شیشہٕ چھَس برَان
کیشہٕ چھَس پأران[4] واتہم یار
دِشہٕ کمہٕ بیوٚٹھُم رَشہٕ چھَس مَران[5]
بال چھَس کرَان کوسمَن کڑاو

---

[1] یو ڈالہٕ [2] یوٚری واتہم [3] یار گُڑ (یعنی یارس کڑھ) [4] ہاران (۱ تا ۴ موسیقی ۱ء) ۔ ۵۔ اصلی موسیقی اندر چھُ یہٕ مصرٕ پیٚوٚمُت ۔ جیالال کولن تہٕ چھُ یہٕ حبہ خوتوٗنہٕ ہُنٛد ہیوٚمُت (سٹڈیز)

# وٚژھنۍ

۱۔ شالمار : اَتھ مُتلق وُچھو بأتھ کاۂچ وٚژھنۍ۔

۲۔ الیشہٕ بَر ( اِشہٕ بَر) اَتہٕ اوس آریہ راج سندیمائُن (۳۰۰-۳۱ ک) اَکھ نفیس مَندَر ایشی شورَ بنو وُمت یُس بقول موٚرخ حسن سلطان سکندر ریشدِ وَقتہٕ والنہٕ آو۔ یہ چُھ اَز تہٕ کأشرِ بٹَن ہُنٛد پوٚتر ستھان۔ اَصلی موسیقی (حسینی چپ انداز تال) اندر چُھ الیشہ بَر کہ حوالہٕ یہ خوٗش یُوٗن بنٛد گیوتہٕ یوان ٥

الیشہ بَر چھی مَسہٕ کی شیشہٕ
رَسہٕ وٗلو ژٕرے مےٚ نِشہٕ
خاصہٕ پانَس پیٚر تھٕ کیٚشہٕ
بٔنیہہ تہٕ دما مےٚ بٕروٗشٕ کٔنے

# ۳۲

گڑاپہ مو مار ٹاڑھ یاونے

وولہ وَنے لانئزنیاٗے

سوشتہ دُبا آیہ داینے
لولکُ بیٹول تڑاونہ آو
اَشی وانہ عِستی آو سگونے

وولہ وَنے لانئزنیاٗے

ہسہ کوٹھی ییلہ زوہ نِشہ پینے
آم سوران یاؤن راے
دائدی کمرس لور ما پینے

وولہ وَنے لانئزنیاٗے

---

لہ۔ یہ مِصرعہ چھُنہ صُئی
یہ بائنہ چُھ "لکہ رَس" کتابہ اندرتہ (صفحہ ۵۱) پرفیسر حاجنی صائبن ڈیتمُت۔

# ۳۳

گِس گیس مو کَر ہائیٹ در و
کَنِر بن پھلہِ لہ مَلاَیو

ڈَبہِ تلہِ کاَر تُل ہا شُمبلو
یُئنبر زَل پیالہ ہیتھ پراران چھس
ہی نَفر چھس نے ڈُو بار چھولیو
کَنرہ بن پھلہ لہ مَلاَیو

---

۱ - رو نہ بیندرو - رَنگہ بیندرو
۲ - رَبہ (۱ تہ ۲ روایت)
۳ - تَے (موسیقی ۳) چھس ما (حضرت یوسف .....)

بۆمبرِنہٕ آنگنہٕ پۆزاریو بہٕ دلو[1]
تنتہٕ چھِے شۆدرِے میانہٕ روزان
ینٛدرِے کرنئے اَتھہٕ کھورِ چھٕلیو
کنرہٕ پن پھٕلہٕ لہٕ مُلائیو

وِزدِ کہٕ لاُجتھس گرِدنہٕ ژھلو[2]
بال پان سورُم آہم نو
حبہٕ خوتون، ینہٕ چانئے بلیو
کنرہٕ پن پھٕلہٕ لہٕ مُلایو



---

۱۔ یہ بند چھ ہاکر صابن پتھ کنی دِنیتمُت ۔ شمی تَوی سونٛدرو بۆنبرِنہٕ آنگنہٕ/ ٹینٛدراز مینٛے لاجھئے/ ٹینٛدراز باغس ماران ژھالو (حضرت یوسف ع) ۔ "ینٛدرِنہٕ آنگنہٕ" تہٕ چھُ لیکھنہٕ آمُت (وُچھو باتھ ۶ حاشیہ)

۲۔ زالو

# وِبژھنے

۱۔ پریم ناتھ پرؔیمی صابنی اکھ زیٹھ نظم "تیے "سپزا یہ کوہ نگ پوش ہس (فروری ۱۹۵۴ ؟ آل سٹیٹ کلچرل کانفرنس) اندر شایع، یوس یمی بایتہ کہ حوالہ شروع چھ سپنز ہژ س ییس گیس چھس کراں رودۍ نیندرس تے/ استے استے سوزاہ بوز۔ وتھرس لوکی پمپوش دستے/ استے استے سوزاہ بوز۔ کوہ وین کنرہ ین کھلہ لاملہ ہس/ ننہ بون ٹینڈ راز میثون غمخار۔ . . . . چھترس ستہ دے رنگ کرہس تے/ استے استے سوزاہ بوز۔

۲۔ رسولؔ میرن شعر چھُ:

گیس گیس ئے کنن رنگہ ئیندرک چھُس ٹہ بو مبر چھون
پوشہ وری سِندی پاٹھی نالہ دِواں چھُس ٹہ ڈبالی

۳۔ یتھ بایتس تہ " از ولو مالیثن میون " بایتس چھ کتابِچن اندر (یم آنچاری مانجاری پاٹھی چھپیان چھ) ہوی قافیہ تہ کُنے ہیو وزن آسنہ کِنی پانہ واٹی لِتہ کھر گامژ۔

۴۔ یندرے کرنے : یم ناو چھ بایتھ ۶ متن تہ حاشیس اندر تہ یوان ۔ ژھاران لوکس کرنہ تہ لولو ۔ یندرے کرنے چھم دِواں دولہ یندرر (ڈیلوامہ) کرنے (اکرناہ) لولو (لولاب)

# ۳۴

مَدنَس مَدَن وارَس تےَ
دَستےَ کڑآیو بَبرے

قٲفلہٕ دوٗرِیوم اَستےَ
پَروانہٕ آم نہٕ گُنے
یوٗری گوم توٗری لارَس تےَ
دَستےَ کڑآیو بَبرے
ہےَ وٕنیسی لگےَ ناوَس تےَ
زُوِہ یار گوم گُمے
لآجنَس ئہ پان مٲرِس تےَ
دَستےَ کڑآیو بَبرے

ژُشِی آرِکی ہُشدرے ہتی
آہکی مُلرُ چھُندرے ہتی
لاران زن مالُس ستےَ

دَ ستےَ کرآیو ببرے

ہُشنگہِ نے زرزر ژام اَستےَ
رَنگ ہو لوُگمُ پھتہِ نےَ
مَشگہِ کیا لو کچارُس تےَ

دَ ستےَ کرآیو ببرے

لاَالہِ تہ مجلونَسَ تےَ
تمَن دون پہو عشقُن نیاے
زِندہِ ژایہ اَند مزارُس تےَ

دَ ستےَ کرآیو ببرے

یارب پھُسے بے کَس تےَ
حسبہِ خوتوُنہ عرضا بوز
کرِہ کیا روزِ محشرُس تےَ

دَ ستےَ کرآیو ببرے

# وٕژھنۍ

۱۔ ہِندُستٲنۍ دیو مالایہِ اَندر چھ عشقہٕ کِس دیوتاہَس کام دیو وَنان۔ کٲشرِ شاعرو چھ یہِ پوشہِ مُدُن، مَدن وار، کام دِو ناوِی بٲتَن اَندر گوٗنڈمُت۔ لَل دیدِ تہٕ شُنٛدہٕ ریشِس نِشہِ چھُہنہٕ یہِ لَفظ ڈینٛھی گژھان، اَلبتہٕ "بانا سُر کتھا" تہٕ حبہ خوتوٗنہِ شہٕ چھُ ضروٗر میلان۔ پوشہِ مدن (وٗلو میانہِ پوشے مَدنو) مَدن وار (مَدنَس مَدن وارَس تۍ) چھُ اُمیہٕ نِشہِ گوڈٕنیتھ نَظرِ گژھان۔ مدن لفظَس وآر پوٚت لوٚگ دِتھ چھُ لفظُک معنہٕ "مَدنَس ہیوٚہ" تہٕ "مَدن چالہِ" بنان تہٕ یتھ کٕنۍ تاشوقہٕ شٲعری زیادٕ وَیہٕ وُن روزان۔

اُمیہٕ نِشہِ چھُ ییٚشہٕ راز، لآل مجلوٗن، سوٗرت بُنٛدر، باچین حبُشک ووتی، بوٚمبُرِ آنگنُ بیترِ تہٕ گوڈٕنیتھ میلان۔

۲۔ پان مٲرِس لاگنُ: خوٗدکُشی / وٲراگَس بیٚہتھ واتناوُن۔

---

لہ۔ یہِ چھُہنہٕ اوٚن بلکہ کاشدار تہٕ پوشہِ ٹوٗرِن ہِنٛدی کھٕل کرِتھ چھُ پانٛژھ تیر لایان تہٕ پانٛژَن اناہیرَن دِہ سرٲدِتھ عشق وُزناوان۔

ےہ۔ ہِندو مدانا چِت بمی پرنکھل برح مدانا/ دِنۍ وِد ڈی نو مدُن ارکھشہِ اَیہ

# ۳۵

آلَو چانہٕ بَہ دو بَلہٕ

لالو کلہٕ آلہٕ وَے

کھہتو دودٕ بَتہٕ بلّیہٕ اَلہٕ

چہتو پَشالہٕ پیالہٕ پیٔے

کَرٕیو آرٕوَلنَ[1] مالہٕ

لالو کلہٕ آلہٕ وَے

دودٕ ہَر روپہ تَتنَے مَلہٕ

میتے چاٹٔی کَل گَنےیم

ژَندَن وانہٕ بُہ تَن چھَلہٕ

لالو کلہٕ آلہٕ وَے

---

[1] آرٕبَلَن ژھلہٕ (روایت)۔

بالَس زؤن لِجُس ژھلہٖ
ژٕے کتہٕ زولہٖ گٔرِژ چھے
بڑونٛزا چھَس تہٕ پَتہ ڈٕلہٖ

لالو کلہٖ آلہٖ وٕ ے

طوطس بیوٗر[۱] زاگان ژھلہٖ
منے تَس پان پُشرِمے
موتَس نشہٕ کوٗتۍ ژلہٖ

لالو کلہٖ آلہٖ وٕ ے

خوف ہیتھ گرٕ کوٗتۍ ڈرا کھ[۲]
خہٕ فلتَن کونہٕ گُذاریوُتھ
حَبہٖ خوتۍنہٕ وۄنے "بلہٖ"[۳]

لالو کلہٖ آلہٖ وٕ ے



---

۱ ۔ رٹاں (رلوایت)۔ ۲ ۔ اتھ مصرس چھُنہٕ باقی باتَس سیتۍ قافیہٕ رلان ۔ ۳ ۔ اتھ چھ "بالہٖ" تہٕ گیوان ۔ لفظُک معنہ چھُنہٕ مولوم ۔

## وہژ ھنئے ————

ملہ حبیب حاجن سِندِس داستانس اندر چھُ قدیم صأبس ستی
یہ پاٹھ پھیر گژھان۔

" طوطس بیوٗر زاگان ژٔھلہِ،، شعرس چھ دوٚیم تہٕ ترٚیم
مِصرِ یتھ کٔنی ـــ موتس کرَ چھُ یلاج کانہہ/اُزلس نشہِ بہٕ کور ژٔلہ/
لالو کلہِ آلہ ؤے۔

"کریو آرولن مالہ" بدلہ چھُن وٚنمُت " ژِنے یکھ تہٕ بہٕ کرتہ بلہ"
یہ شعر چھُس ہُریمانہٕ ؎

باغس پھوجہ ینبرزلہِ    لالو شیر لاگیو
ژٔنٹھ لاگہ وُڈنہِ تلہِ    لالو کلہِ آلہ ؤے

[شیر لاگیو یعنہِ پننس پانس لاگہ شیر نرِ ژٔے لاگے]

بُلہِ۔ (بالہ) دپان ییلہ یوسف شاہ ژٔورِ پاٹھی راجہ مان سنگھس نشہِ
ژوٚل، حبہ خوتون اُس تمہِ وِزِ بالہ ہامہ۔ امہِ ناوکی چھ ژٔ گام۔
اُکھ سُنی گام بنڈپورِ، بیاکھ شیعہ گام پانپرِ تیلہ ہیکہ یہے قدیم
گام آسِتھ۔

# ۳۶

ژَھلہٖ دِل ہَے کَڈِتھ نیٔونَم
نادٓ[1] لایَس پھیرِ نایے

بالِ لوٗژہٖس، بال ژَھنٔاڑِان
بالہٖ دَرشُن دِیہٖ نایے
ویرِ تھُنٔزرے بال دژالیَس
ناد لایَس پھیرِ نلیے

یِتہٖ وّیٖسی توٗرٕی گژھوس
موّت رُٹون نالہٖ یِیے
مالہٖ نیٖنَم نالہٖ کَڈِتھ
ناد لایَس پھیرِ نایے



---

[1] بَلہٖ وّیٖسی۔

[2] وَعدٕ سأرِس ژھاران دژالیَس (۱ تہٕ ۲، اصلی موسیقی، ۳)۔

## ۳۷

ژیٚتے روٗس دِبن کھو برٛیو مدنو
مدنو لَدیو دأن پوش تہٕ ہِی
ژھاران لوٗسس کہٕ ہنے وَدِنو[1]
ڈیٚ[2] توس ژٔے کمو پرزَے چھےَ
یتہٕ[3] مو بالہِ چھم مئے چأنی لادنو
مَدنو لَدیو دأن پوش تہٕ ہِی
ہانژہِ کمہِ دژانژہِ سیٚتی کتٕرنَم بَدنو
ڈیٚ توس بال یینٛلہِ راوَے بو
اَسمان تہٕ زمین واتکھ اَدِ نو
مَدنو لَدیو دأن پوش تہٕ ہِی

---

[1] وَدِیو [2] دَپیتو [3] ہاوتَم دیدار چھم چأنی لادنو
([1] تا [3] کشمیری زبان اور شاعری جلد دوم)۔

چھسہٕ چھِہم نہٕ پھیراں ، وۄنِتھہم مُدنو

ڈیٚچ توس رۄزِس نہٕ اَدائی

حبہٕ خوتونہٕ چھُم وَدنَس ژھیدنو

مُدنو لدٕیو داٗن پوش تہٕ ہی



## وِترژھنے

۱۔ آزادَن چھُہ ییٚمہٕ باتُک گوڈنیک بنٛد خواجہ حبیب اللہ نوشہری ہٕنٛدِس کھاتس تژوومُت ، باقیے دوٚن بنٛدَن ناو ، یتھہٕ منٛز لیکھُت تہٕ چھُہ ، چھُس نہٕ ظۄہرا نظر آسمژ۔

۲۔ لدٕیو : سوزیو مُراد وَندیو

۳۔ داٗن پوش تہٕ ہی : داٗن پوش چھُہ وِزُل تہٕ ہی چھُنز آسان۔ مُراد چھُنہٕ یمَن پوشن ہُنٛد گونڈ ڈالہٕ سوزُن بلکہٕ چھُہ مُراد جان پان (جوانی تہٕ بدَن) وَندُن۔

# ۳۸

نیبرِ نیبرشہ دَے یار ژھانڈون

ویرِ پَننہِ شَییے[1]

مَنہِ دِے ینہِ میثائنی گیٔہِ ئے

تَنہِ مُٹھ ئے لیَے

زوٗنہِ[2] پَچھ ہے گَٹہِ گیٔہِ ئے

تمٔ رَچینَم بِیے

کوسہِ پَرزٗنی پئیَس دایَس

روٗدُم پَردِ شَییے

کارِ لأے نَم نابِ گَرتَل

دارِ اوٗش چُھم جوٗیے

---

[1] ویرِ گُھنٹرِ میے [2] زوٗنہِ دژالیَس دیو میلیم / تمٔ رَچنَم بِیے۔
([1] تا [2] اصلی موسیقی ع۴ ص ۲۶)۔
اکہ شعر چُھ اتہ مَنزیترِ ۔ یار ژھاراں، ہگار ژاپاں / اَشنہِ پَچم جوٗیے۔

ژسنی تہٕ ووٚگنی ڈُنی بہٕ دِمہٕ سے
رۄدُم کتھ سن شیٚے

لاٗنی نیشایس کرٕ کیٛا وٚیسی
بَرٕ گرٕ نس ہیئے

گلِ بادمن لۍ ما پھُلیاہ
وُچھنہٕ کو نہٕ ریٚیے

بالہِ تمۍ ژُند خالِ یوسف
سور عالم لیے

مس ڈیٚتنم کلہٕ والن
ژس پھیوٚرُم منٛیٚے

کس نشہٕ ونہٕ حبہٕ خوتون
تس تہٕ داما ویٚے



## ۳۹

پیشالہٕ برے داما چھتو[1]

لالہٕ ہتو لگے پأری

سِر داژِگ مالیُن چُھم دو[2]

تتہٕ سَسَرن دِیاژو پأری[3]

تتہٕ نَرن پُژھ ماچھتو

لالہٕ ہتو لگے پأری

گُل ژُوٚرِن پُھلیاہ چھ دو

وُچھنہٕ بلبُل سمے سأری

کألی روزِ نہٕ زیُٹھک یہ دوہ

لالہٕ ہتو لگے پأری

---

۱۔ یوٚری ہتو یا یوٚری ہتو۔ اَتھ چُھ دوٚج ہتھ گٔنی تہٕ "لالو ہتو لایے ناد"
۲۔ سِیر داژوک؟ ۳۔ تتہٕ کرے میزمان دأری (بٲیکھ روایت)

اُمہِ یاوَنَن کٔرِم رِوٕ دوٕ
کٔہتی یاوَنَن ڈٔہِتھ مأری
سوٕرِ یاوُن روزِہ پہِ دوٕہ
لالہِ یِتو لگے پأری

کمَن مَرگَن پھیرِس بہ دوٕ
شاہ توٕرگَن کٔرِم سوأری
پیٚنچہِ کھُسُن دَل سَپدُم کوٕہ دوٕ
لالہِ یِتو لگے پأری

پُل صِراط ترُن چھُ دوٕ
کُلُ عالمس چھُ ووٕمیدوأری
حبہ خوتونہِ دیدار دِیتو
لالہِ یِتو لگے پأری

○

# وٕٹھرٕ ھنٛے

۱۔ ییٚمہِ بأنٛگ گوٚڈنیک بٔڈ چھُ أرتہٕ مالہٕ ۂنٛدٕس کھاتَس مَنٛز بوان۔

۲۔ نیٚہہ گٹہٕ : گاش پھوٚلہٕ وُن۔

۳۔ سیٚنٛدٕ وآوٕ ترٛاوُن : دوٚکھَن تہٕ دَکَن اندر بےٚسَہارٕ ترٛاوُن۔

واوٕ گٔلِس لاگُن ہٕ سِتھٕے بٔیاکھ مہاورٕ چھُ سوٚنہٕ واوَس لاگُن ۔

کوٚ گأجنَس سوٚنہٕ واوٕ ژٕرے

یعنی سوٚن۔ بٔیاکھ زنانہٕ أنتھ گوٚڈنِچ مصیبتَس لاگُن۔

۴۔ سامانہٕ پٔرأوِتھ : پان پأرأوِتھ

۵۔ کامنہِ پٔرارُن (کامنایہ پٔرارُن) لولہٕ تہٕ مایہ سان پٔرارُن۔

## ۴۰

نیٚہہ گٔٹہِ ژٕولمےٚ سپٕدٕ واوٕ ترٛاۆِتھ
تِی کٔس نِشہِ ہیکہٕ باۆِتھ بو

گرِ بال دڑالیَس سامانہٕ پٕراۆِتھ
کامَنہِ پڑاران لوٗسُتم دوہ
پامَن لاۆجنَس گوم تنٛبلاۆِتھ
تِی کٔس نِشہِ ہیکہٕ باۆِتھ بو

کمِہ سوٕنہِ بٕری نَس کتن ، بڑمراۆِتھ
لَشہِ نارٕ زاۆجنَس ، تِی باوٕ کٔس
پَشہِ پَشہِ کھوونَم ہاۆِتھ تہٕ باۆِتھ
تِی کٔس نِشہِ ہیکہٕ باۆِتھ بو



دادِ چانے شین زَن گگَہِ یو
بال نو ووڑی بَلہِ یو زاشہے
کَتہِ ئِہ سوشٹکی یاٹھین چھوئِلہِ یو
بال نو ووڑی بَلہِ یو زاشہے

وِشرھنے ______________

یَینہِ صَفَس پیٹھ یہ یاتھ لیکھِتھ اوس، شہ گو غلطی کینی ضایہِ۔ ہرگاہ کاٗنسِہ دوستَس اَتھی باتِہِ شعر مولوٗم آسَن یا سَپدَن، تہِ مہٕتے تام پِن واتناوُن، دوٚیمِس ایڈیشنس اندر سَپدَن حوالہِ دِتھ دَرٕج۔ اَتھ آسی سَتھ بَند لیکھِتھ سان۔

# ۴۲

ویرِ[1] ہیتھ رؤد ہم بوّمبورو

بال مَرے تہ کَل چھَم چاۓنی

اُرنہِ رَنگ گوم چانہِ امارو

بیّیہِ میلتو پَننی شایے

تیر عشقُن کہیٔ سَندارو

بال مَرے تہ کَلّ چھَم چاۓنی

گیواں دڑالیس مُنزی شہارو

رِواں ژالیس ژیّنے روّستےُ

روز[2] دَما بوزتَم زارو

بال مَرے تہ کَلّ چھَم چاۓنی

---

[1] ویرِ = وِرَہ ( विरह ) = جُدائی، فِراق   [2] روزتَم (موسیقی)

## ۴۳

دادِ چانہِ موٕلیَس ، کَس زانہِ ڈُنتھ
میثون ہیوٗہ بُنتھ بڈّیہِ کَس آو

اَشہِ وانہِ گاُمو ڈٔری یاو شُنتھ
دٔر گوم پانتھَن کَس گرِ گراو
یاوِ[1] ٹھنڈِ موٕلیَس ، ماز پیثوم دِ نتھ
میثون ہیوٗہ بُنتھ بڈّیہِ کَس آو

---

[1] : ناوِ چانہِ موٕلیَس کَس زانہِ ڈُنتھ (اُصلی موسیقی ۱۶ء)

لول چون اوشم پوترِ کھُنتھ
تامَت پھشیُر نمَ وَرزُن داو
کھنجہ کھنجرِ پئیہ مو پاءِتر پرِنتھ
میٔون ہیوٗہ ٔبنتھ بیٔیہ کَس آو

مُہہ تیر گاءمو داءنجہ سُنتھ
یَس ییٚلہِ زُرژاو تَس کیٚلہِ دژاو
ژھڈِ اکہِ حبہ خوتوٗن پیٔیہ چھُنتھ
میٔون ہیوٗہ ٔبنتھ بیٔیہ کَس آو



## وِژھنَے

۱۔ شۄنِتھ : کیٚشہ معلوٗم ہِیہ ماچُھ "شمُن" مصدرٕچ دۄیِم صوٗرتھ۔ م تہٕ نَ چھِ پانہٕ دٲنی بدلان تہِ۔ لل دیدچھ وَنان ــــہ آہن ٹاکین پوٗنی زَن شَمان۔ شمُن گوٚ پریٚڈُن۔ شَمتھ (یا شۄنِتھ) گوٚ پرٕ ید تھ۔

۲۔ پانٔتھن : وَتَن، سَفرَن (الگُن)

۳۔ یادِ : یِہ لفظ چھُ یتھ شعرَس اندر تہِ یوان ــــہ
گژھتے وَیسی تَس گژادِ میانہٕ وَنتے / بادِ کس یادِ چھم تہندٕ ے
(راست کشیری)۔ ہرگاہ اَمی دادِ چانہٕ موٗلیس / یاد تہنٛدِ
موٗلیس / یاد چھم تہندُ ے، رَلاوِتھ وُچھو کھ دادِ تہٕ یادِ
چھِ کُنی معنہِ لفظ ہِوی باسان۔

۴۔ پوتٕر ہٕ نِتھ : پوتٕر (کُنی) چھنہٕ ہٕ نان ٹٲکہِ چھ گلان۔ ہٕ نان چھُ کیٚپُر (پلوٗ وٚلو)۔ وَن گوٚ شاعرانہٕ اِظہارَس اَندر ہیٚکہِ ییتھ۔

۵۔ کیلہِ : کرٕ (یعنی کرٕ دٕ ژاس زرٕ)

# ۹۷

تۄہہٕ ما ڈیوٗنٹھوٗن سُہہے
ییٚمی بٔہ دۄہہَے گاٚجنَس

تُلہٕ کَتُر لۄگُم پۄہہَے
تاپہٕ[۲] ہارَن گاٚجنَس!
بجہٕ یَن لاٚجنَس دۄہہَے
ییٚمی بٔہ دۄہہَے گاٚجنَس

---

ییٚمہِ بٲتک چھُرا اَکیُم بَند چھُ "کلام حبہ خاتون" ہَس اندر تہٕ گوڈٕ ہُر وَرأے اَکیُم تہٕ دۄیُم بَند اَصلی موسیقی ۲۵ اندر دَرج۔ [۱] لگان

[۲] ہارٕنی تاپَن (لہ تہٕ [۲] اصلی موسیقی ۵ تہٕ کلام حبہ خاتون) اَکی شَراوٕنی (اصلی موسیقی ۲۵)

پَتھ[1] وَنیٖژ اٲسِس بوٚہ ہے
اۍ گوٚڈلۍ وأجنَس !
ژَنٛدَن دارِس کوٚرنَم تمہ ہَے
یٖیٚمی ہٕ دوٚہ ہَے گأجنَس

کیٛاہ[2] لیٖوٚکھنَم اَزلہٕ لوٚحے
اَبتہٕ اَستَے زأجنَس
حبہ خوتوٗن وُجِس مٕہ ہَے
یٖیٚمی ہٕ دوٚہ ہَے گأجنَس



---

[1] پتھ نَیَن اٲسِس بوٚہ ہے / توتے وُدٕتُم تَبَر دار / کَنَن کوٚرنَم تمہ ہَے (موسیقی ص۵۰) یہ پاٹھ چھُ اَمہِ کی ص۲۵ نِشہِ مختلف۔ [2] یہ مِصرٕ چھُ ص۲۵ اَنٛدَر گوڈنکہِ بَنٛدُک ترٛیٖیُم مِصرٕ ہاوَنہٕ آمُت، لازمَن چھُ غلط۔ کیٛنٛہہ چھِ اَتھ "لیکھِتھ کیاگوم لوٚحے" تہٕ گَوان۔

۷۵

آلوٕن چانٮِٕن بۂ پان آلوٕ

لالوِ یتاٴمو

چانہِ پُژرِ ژھنڈی موکوہ تہِ بالو

درشُن دِتاٴمو

درشنہِ چانے بہ بال بَلو

لالوِ یتاٴمو

---

لہ آلوٕ بۂ پان آلوٕن چانٮِٕن (اصلی موسیقی)

ہَنہِ ہَنہِ مَنڈے سو بو بالو
پالِس پیتہٕ ٲمو
نیالِس واتتمو گَڈ تمو زالو
لالو یِتہٕ ٲمو

وُنی چھسیو دِوان کاجہ تہٕ کالو
سیتی نِتہٕ ٲمو
حبہٕ خوتوٚن چھسیوٚ[1] مُرشہ بے حالو
لالو یِتہٕ ٲمو[2]



---

[1] چھسے گَمُت؟ (دارِ پاٹھی وُتھم نہٕ لَفظ) [2] ۱۲ ستمبر ۱۹ء گیوٚو غلام محمد ساز نوازن ریڈیو پیٹھہٕ یہ ٹھریکانہٕ بندس ہو مارہٕ متیو طونار کرِ نہٕ / رُمایتمو /

# ۴٦

چاأنی فِراق چھم گرٕ گرٕ  
دوہ دَرے لوٗسِتھ گومٕ[1]

پوٗشس پھوٚلی مایاونہٕ تھَرے  
والہٕ زَرٕزری وۄلما پان  
لاأنی ژۄرَن کرٕس چھانگرے  
دوہ دَرے لوٗسِتھ گوم

ژام دوہ دُر دِہہ چے لرَے  
آم بُجَر ، بُنثیُل واو  
ڈکھ ڈلے تہٕ کٔنی ولہسرے  
دوہ دَرے لوٗسِتھ گوم

---

ا۔ یَیتھ بأتسَ تہٕ بأتھ ۴۹ ہس چھُ دوجہٕ ہِشر ، البتہٕ وَزن چھُکھ دوہِنی الگ۔

آئہ بوٗنگرِ ے تڑاد نَرے
زان بڑہما چھُے سُمسار
گژھنہ بڑو ونٹھے، گژھنے ژھرے
دوہ ذرے لوٗسِتھ گوم

ہاٗنز گاڈُن چھ کرال پھَرے
تِی ڈ۪یشِتھ لوٗگمُ آمہ تاوٗ[۱]
تِی ما بَنہِ یِتھ مێنشرِ مرے
دوہ ذرے لوٗسِتھ گوم

لوٗ کچاُرس کرہم باشَرے
پێنِہ سہ ساڈَس لوٗسُم دوہ
ژیرِ وانَس پیٗوم بانبرے
دوہ ذرے لوٗسِتھ گوم

---

۱۔ قدیم صائبَن دٔوپ یِتھہٕ پاٹھی تہٕ چھ وَنان سہ کٔرنٕز میانہٕ ژاو ڈ۪یشِتھ تاو۔

پَرٕ تلےٚ[1] شستٕر ذٕرے
پرکھاوتَن[2] ژٕ پَنٕن پان
ییٚمی نہٕ پَرکھوو[3] سُہ کھوکرے

دوہ ذٕرے لوٚستہ گوم

حبہ خوتوٚن عرض کرے
رٔبہٕ سوزتم فضلچ ناد
کلّ عالمُ یُتھ تارٕ ترٕ ے

دوہ ذٕرے لوٚستہ گوم



---

لہ۔ کھارٕ ولنےٚ ٢ہ وارٕ سٕرکرٕ ٣ہ سٕرکوٚر (لہ تا ٣ہ)
راج بیگم ریڈیو ریکارڈ نمبر ـــــ یہ بٔنڈ گیوُوُن
ہُریمانہٕ سے لیٚس لوکٕٹیے ڈٕبکہٕ لون پھٕرے / تس گیاہ کرٕ
قبیلہٕ کٔرون / غمٕ تہٕ فِکرٕ ے کوتاہ ذٕرے / دوہ ذٕرے لوٚستہٕ گوم۔

۴۷

پوشہِ باغس دِمہ سے وۄن یے
یمُن کور کُن یے گو

چون فِراق چھُم للہِ وُن یے
سون کُن تے لگہِ ہی ناو
وُنتہِ کتھ کیُتھ میوُن آسُن یے
یمُن کور کُن یے گو

---

۱ باگی (روایت)۔

اۄژھ زۄ میثون گۄژھ لسُن یے
پۄژھ نَے یور روزُنہٕ آو
کأڑ آسہٕ[1] گرٕ گژھُن یے
ہدُن کور کنُن یے گَو

رَژٕ توٚل روٗدُم چھوٚن یے
مَژٕ نحقَن گوم ٹاو ٹاو
وۄن صأحبس حبَہٕ خوتُن یے
ہدُن کور کنُن یے گَو



---

[1] زوُنم نہٕ چھُم (موسیقی)۔

# ۴۸

یارٕ میشانے یاوٕن رایے
مَنز سرایے لوٗسُم دوہ

کیٛاز[1] زایے کوٚنہٕ مویایے
پوٚو کتھ کیٛتھ سوٗندر ناو
کاٗلی وُسن چھ مینٛزرِ شایے[2]
مَنز سرایے لوٗسُم دوہ

دورِ دُنیا بوزتو فنایے
تورٕ روٚستے لدٕنے آو
کوٚر[3] منٛے ساآلا پرٕ وُنہِ نایے
مَنز سرایے لوٗسُم دوہ

---

[1] کیٛازٕ زائیس کوٚنہٕ مویائیس / کیٛازٕ کوٚرتھم سوندراہ ناو /
[2] کاٗلی چھُم گژھُن تَل مینٛزرسایے [3] کوٚر میٛنے۔
(۱ تا ۳ یوسف، کِتابچہ ۳ ہاکر)

باغ بوستان[1] بلبل آیے
منز چمنن مارکھ ژھوہ[2]
گل گیہ بر بلبل ضایے
منز سرایے لوسُم دوہ

تتہ کری زم پننہ سایے
ییتہ آسم محشرن[3] تاو
حبہ خوتون نادا لایے
منز سرایے لوسُم دوہ



---

[1] ۔ عرفان۔ [2] قافیہ چھُنہ رلان (1 تا 2 حضرت یوسف ۳)
[3] ۔ ییتہ آسی عام تہ خاص (حضرت یوسف ۲)
اتھ کتابچس اندر چھ یہ بند ہریمانہ سے الف لام میم بار خدایے / کورن پیدا
نبی سردار / ژودریار ہیتھ بازر دژایے / منز سرایے لوسُم دوہ۔

## ۴۹

بِگنڈہِنے ڈڑالیَس توڑی گیئسو ڑسِتھ

دوہ دَرِیامَت[1] لوئسِتھ گوم

لَرِمنئز[2] اُہسں بُرقع کُسِتھ

بَرہِیئلِ ڈڑالیَس ، لوگمُ تاو

وَنہِ کی تیپہِ رینشی تیپہِ آیہِ وُسِتھ

دوہ دَرِیامَت لوئسِتھ گوم

وانَس اوسُم مالا ژُرسِتھ

سوُرے عالَم[3] وُچھنے ڈڑام

مال بیئلِ رووُم موٗل گوم وُسِتھ

دوہ دَرِیامَت لوئسِتھ گوم

---

[1] دوہ دَرِیام بالہِ (آزاد) [2] اُتھو منئز ڈڑالیَس بُرقع کُسِتھ / سور عالم ژُرسِتھ آو (اصلی موسیقی ع۹ ص۹ - گَرِ بیئلِ ڈڑالیَس بُرتَے کُسِتھ / سوُرے عالَم وُچھنے آم / کَم کَم تیپہِ رینشی تیپہِ آیہِ وُسِتھ (روایت) باذری ڈڑالیَس بُرتَے کُسِتھ (روایت) -

[3] : قافیہ چھُنہٕ رلان - خبر یہ ما آسہے" ڈڑاو"۔

پَشہِ پٕپھٕٹھ آیے ہِشنہٕ تھزِس وُٚستھ
بوٚہٕ کٔنہٕ مُنڈٕنٕے دٔرایس کھٕزاو
لٚگٕ وٕتہٕ واوٕس اَسی ییٚم بُسٕتھ
دوہ دٕریامٕت لوٚسٕتھ گوم
مالِنی میٔانٕی ارباب اَسی[۱]
توٚے دٔرام حبہ[۲] خوتٕن ناو
کٔم کٔم گٔنٛدٕر آیے ژُسٕتھ
دوہ دٕریامٕت لوٚسٕتھ گوم[۳]



---

۱۔ باقے شعرن ہنٛدین قافِین کُن وُچھتھ گژھہ یہِ مصرِ یتھ کٔنی ہیوٗ آسُن "مالِنی میٔانٕی اَسی ارباب بُسٕتھ"۔
۲۔ پیوٗم (روایت)۔ ۳۔ "نغماتِ اہلِ ہند" وٲلِس چھُ گوم بدلہٕ گو ولیوٗ لیکھمُت۔

**۵۰**

راہ بخشتم سأری پروردگارو

ژٔے کھو واتہٕ یو میانہٕ مرنے

ہۄنہٕ بو آیس دٕین کھو برٕ یو

دہنہٕ کٔے رٔنگ گوم خاصہٕ ببرے[1]

لولہٕ ہُسے تھوٚو تھمو للہٕ وُن نارو

ژٔے کھو واتہٕ یو میانہٕ مرنے

لٔدی لٔدی دژاہمو مال کھچا لو

ژٔھرِ اَتھہٕ ساوٕنے لرِ قبرے

اَدِ کونہٕ مدد دوٚ کھمو لو کچارو

ژٔے کھو واتہٕ یو میانہٕ مرنے[2]

---

۱۔ متے دہنہٕ کوٚر تھم خاصہٕ ببرے (روایت) ۲۔ امہٕ پتہٕ کِس یتھ بندس ہیوٚ دہٕ قدیم صأبس دوٚیم مصرٕ ژتس ۔ میمہٕ اندرٕ کے میمہٕ اندارو/ ۲× / بٔہ ڈٔنی دِمہٕ یو سوٚمن دارو/ ژٔے کھیٚو واتہٕ یو میانہٕ مرنے۔ (یہِ چھُ پٔرژ ہیوٚ کیاہ تام)

وُچھ تمی سخنٕن کرِ کتھو کارو
نہ سُہ کھوٗژ تیٖرن نہ سُہ تبرے
اَدٕ تَس ناو پیو شیرِ جبارو
ژٕ ےٚ کہو واتہِ یو میانہِ مَرنٕے

سَپار تژہہ مَر پرٕم اکہِ آنو
پھیرِ نو کُنہِ گوم زیر زَبرے
عشقُن خَط کاُٹسِ پوٚر نہٕ یکبارو
ژٕ ےٚ کہو واتہِ یو میانہِ مَرنٕے

تَب چھُم بَدلَس حبہٕ خوتوٗنے
اَدٕ نو آہَم زانٛہہ تہِ خَبرے
تیٚلہِ یکھا ییٚلہِ تژاوٕنم اندمزارو
ژٕ ےٚ کہو واتہِ یو میانہِ مَرنٕے



## وِٹرھنے

وݨنگ رنگ گرٹھُن : سفیدی پھیرݨی، رنگ ڈلُن۔
خوشبوے چھَن نہ ہشرآو ٹرتکیاں سو چھُ ٻبر تہ وہنس ہشی آسان۔ اَماپوز وینہ ݙٹھر چھِ چھٹرِ سان آسان تہ ٻبرِ چھِ سبزاسبز روزان۔

خاصہ ٻبر : یٹر مُشک دار (عام ٻبرِ نشہ بدون کم ہٹر ہجہ زمینہ اندر دو پلاونہ آمٹر)

کھچال : (کھچُل) : ڈکشنری چھَنہ یہ لفظ ہاوان۔ میانہ خیالہ چھُ "خچُر" لفظ (رتہ لَ پانہ واٹز بدلتھ) خچُل (کھچُل) بنیوُمُت۔ معنہ گو خچرن (کاترن) لڈی لڈی چھُک مال اوپہ یورِ ساران۔

سخین : مُراد حضرتِ علیؑ

تبرے : مُراد شمشیرے۔

# ۵۱

مارُوش، مَسأ رُوش ہو ڈانبلو[۱]
وَلو گَرِیوٕ بہ اُوٚرِ مَنٛزرُلے

بُمہٕ کمَانہٕ لۄد تھَم چِلو[۲]
تیٖر لأیِتھَم بے شُمار
چھوکہٕ لَد چھَس وَن رِتہٕ بَلو
وَلو گَرِیوٕ بہ اُوٚرِ مَنٛزرُلے

---

۱۔ یہِ مِصرٕ چھُ وَزنہٕ زیُوٚٹھ
۲۔ بأتھ ۲۳ ہُک تہٕ چھُ پۄنٛزٕ ثِمُ شعر بِلکُل یوٗہے ؎
بُمہٕ کمَانہٕ چِلہٕ کیاشٕ چھِس تَے / تیٖر لأے نَم بے شُمار

ساوِ لاگِتھ مُشتھس شِلو
جاۓدی گرٕی تھَم سوندٕرے
ناگِ گیٔہِ مو جاۓدی ہا نِکلو
وَلو کَرِیوٕ بہٕ اوٚرِ مَنٛزُلے

یَینہٕ نیبرِتھ گوم قاۓفلو[۳]
ناد لایس یوٚری پھیرِ نا
حَبہٕ خوتوٗن ووٚنی کوٚت پِلو[۴]
وَلو کَرِیوٕ بہٕ اوٚرِ مَنٛزُلے

---

۳۔ باتھ ۶ ہک ژوٚرِیُم بنٛد تہٕ
۴۔ باتھ ۳۴ ہُک گوڈنیُک بَنٛد رلاوِتھ یِمَن سیتی تہٕ وُچھو ہِشر۔

نوٹ۔

یہِ باتھ چھُ غلام نبی آتش صابس محی الدین مخزوٗن ( )
ہٕندین قلمی مُسوَدن اندر دٔرامُت تہٕ تمہِ ہٕندی اتھہٕ کُ اصل ورقے سوزُن مے۔

# ۵۲

لَسہٕ کَرہٕ ہاوَسے
چھُم نہٕ ہیوان ناوَ نَسے[1]

عَرفہٕ[2] چھُ عالمَسے
عید چھے عاشقَسے
یارہٕ رۆس عید کوٚسے
چھُم نہٕ ہیوان ناوَ نَسے

---

[1] نَسے یعنی ناو نہٕ ساۓ چھُم ہیوان۔
[2] رَمضان (کشمیری لیرِکس) یہ باتھ چھُ کلام حبہٕ خوتونہٕ کاشُر شاعری اندر تہٕ دِتھ۔

أنڈری زأجی نَسےَ[ا]
توٚنڈرَس ہٕ لأجی نَسےَ
ماز گوم بُسہٕ بُسےَ
چھُم نہٕ ہہوان ناو نَسےَ

شین زَن گأجی نَسےَ
آرَن وأجی نَسےَ
جوین لأجی نَسےَ
چھُم نہٕ ہہوان ناو نَسےَ

---

ا۔ زأجی نَسےَ یعنی " زأجنَس ہٕ "۔
موسیقی مقام دوگاہ یکہٕ تالہِ أنڈرچھُ یہ بَند ہُر پیمانہٕ ۔ مز چھُپے نابدَر سے
ہکنُن چھُپے بازرپےَ / گأنٹرِ ہیوٚت نہٕ گأنٹرِ نَسےَ / شہ نہٕ ہہوان ناو تہٕ نَسےَ /

نوٹ۔

رحیم صأب سوپورِی پتھ شأعرس اکس بأتس سٕتی چھِ پیمکی گوڈنیک تہٕ
دوٚیُم بَند رلان مگر وٕج چھُ تتھ مختلف۔

# ۵۳

کس وَنہٕ دوٗر میون مالیُن چھُ تہٕ
اَدٕ کمہٕ ہتہٕ روٗٹھ میونُے یار

گڑھ تےَ ویٚسی تَس گرٲوٕ میانہٕ نتہٕ
باوٕ کُس یاوٕ[1] چھُم تہٕ تھٕندُے
زانکھےٚ[2] پانَس منٚے تہٕ ستی نتہٕ
اَدٕ کمہٕ ہتہٕ روٗٹھ میونُے یار

---

[1] ۔ یاوٕ دود ، کُل ۔ یہ لفظ چھُ باتھ ۴۳ ہَس منٛز تہٕ ورتاونہٕ آمُت ۔ یاوٕ تھٕندِ موٗیس ماز پیوٗم چھٕنتہٕ ۔

[2] ۔ زانکھے یعنی اگر وار زانکھ ، ہَرگاہ جان باسی ۔

# ۵۴

روزی نے یاوُن بوزِ بأٔلی وۄلے وۄلے
تاوَن چھُ دُنیا کأٔلی یادِ نَس گرٛھان چھلے
شاہہ لٔٹہ ڈرایس کاہہ دِوہ نین بونین تلے
پامَن ہٕ یہ لأجنَس مَدِ واُجنَس ژھَلے ژھلے
نادَس ییٚنہٕ مو وَعدٕ یہٕ تہٕ ما ڈُلے ڈُلے
لرزَے موتہٕ کأٔلی طوطہٕ ما کَلے کلے
دوٚپ حبہٕ خوتونہٕ دأدی لدِ چھس بلے بلے
ہرِ شبہٕ راضی پانہٕ روزہٕم نبی مورسلے

---

۵۔ یہ بأتھ چھُ "مقبولِ عام بأتھ" مُرتبہ ڈاکٹر آفاق عزیز کتابہ اندر دِتھ۔ اَتھ تژاُدی منٛز شعرن اندر حضرت بل تہٕ باغِ نشاطُک ذکر چھُ سپنہٕ ژہمہٕ دہ نوے جایہ آیہ مغل دورس اندر وُجودَس۔

# (۱۳)

# حبہٕ خوتوٗن تہٕ موسیقی

حبہٕ خوتوٗن آٔس نہٕ صرف گوٚنماتھ بلکہِ دٕپان سو آٔس موسیقی ہٕنٛز ماہِر تہٕ۔ تمی چھِ راست فارسی تہٕ غزال مقامَن فنی ہیر پھیر کٔرِتھ راست کشمیری تہٕ غزال کشمیری نٕہ مقام ایجاد کٔرۍ متۍ۔ اُہُنٛد کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ بأتھ چھُ موسیقی ہنٛدین قدیم مُسوَدن اَنٛدر میلان خاصکٔرِتھ یہ شعر ـــہ مالنہٕ میأنی اَرباب آسی / توَے پیٛوم حبہٕ خوتوٗن ناو۔ جان روزِ ہرگاہ یِتھین بأتَن ہنٛز مقام تہٕ تال ہِیتھ نشان دِہی سپدِ۔ اَما پوٚز یہ کَتھ چھِ زانٕنۍ ضروٗری زِ کانٛہہ تہٕ بأتھ ہیٚکہِ کُنہِ تہٕ مقامس تہٕ تالہِ اندر گیوٚنہٕ گیوٚنہٕ یِتھ، اَوے چھُ پرانین تہٕ أزی کین سازنٛدرن کینٛہہ بأتھ گیوٚنہٕ کین مقامَن تہٕ تالَن اَنٛدر بعضے پانہٕ وأزی پھیر لبنہٕ یوان۔ نَہ چھِ ہُم غلط تہٕ نَہ چھِ یِم۔ کتھ چھےٚ کُمر کِتھ پاٹھۍ وہیٚرووکانٛہہ بأتھ کُنہِ مقامَس تہٕ کُنہِ تالہِ اَنٛدر۔ یہ وہیراوُن چھُ سیٹھا ہوٗنر تہٕ سوچ مَنگان۔ بعضے چھُ اَکُے بأتھ، اَکِہ کھوتہٕ زیادٕ مقامَن تہٕ مختلِف تالَن اَنٛدر تہٕ گیوٚنہٕ یوان یا ہیٚکہِ گیوٚنہٕ یِتھ۔ یِمہٕ

